# اَہر ہیزہ فلکی

(ابتدا میں عنوان "اہر ہیزہ فلکی" تھا۔ بعد میں محض غزل۔ شاعر کے نوٹ بکوں میں کئی جگہ یہ غزل درج پائی گئی۔ ہر جگہ کوئی نہ کوئی کمی یا بیشی شعروں میں دیکھی گئی۔ یہاں پر ساری کی ساری غزل درج ہے۔) (گنجورؔ)

وولہٕ شہہِ اَزہٕ بمیوٕ زٕ ندٕ کرِتھ پرٕ زالی | وُٹھمِتے زال ژٕ یہٕ کمہٕ حالہٕ گومُت چھے نالی
سارِ گیتا یہٕ ژٕ کر یا کلام اللہ پرٕ | جان نے چھے ژٕ عمل زان یہٕ سوُدا خالی
مندرن خانقاہن ژاٹھلن ہندٕ کر عالم | ڈولہٕ گئے گرِ ہزٕ ... بدلولہٕ نشے دل خالی
یونہٕ زُف مالہٕ نتہٕ نالہٕ ژٕ تسبیح ژاوکھ | سوز نے چھے ژٕ دلس بوز سٕ ہرف چھی نالی
جہلہٕ کے پردٕ ژٕ ٹلن دائی ڈبان کالہٕ ژٕ یگاہ | ئلمہٕ کے پردٕ ژٕ ٹلن وائی نیان پیرکالی
چھُس یہ زانان خیٖہٕ آیی تہٕ چھیٖہ نوٖدٕ دردٕ [1] | سندگی خوٗن جگر کھیٖون چھُ جنابِ عالی
دل جُدا، جان جُدا عشق ... سقل جُدا | زور خونخوار چھ بے چارہٕ جنوس نالی

---

[1] ماخوذ: از علامہ اقبالؔ سے خدائی اہتمام خشک و تر ہے (آزادؔ)

وائے تَس عقلمندس حأف تَس دیندارٗس    مثلِ زنجیرٕ یہٕ تقدیر گنڈمُت یَس نأم

کار کرتوُت پنُن پھُے یہ جہنم جنّت    یا نہ چھُکھ یہ نار تہٕ گلزار جناب عأٗلی

دامہ چوٗن زاہ نہٕ پنُن خوُنِ جِگرٗ سے مِسکین    یُس ملک دارتہ یُس آسہ بنیوٗمتہ ہأٗلی

یَتھٕ وَنان دین چھہ دیندار بہتھٕ غارَن منز

تتھٕ وَنان کُفرُ چھُہ آزاد تہٕ زانن وأٗلی

●

---

لہ اکِس پرٕزس منز چھُہ یہٕ شار یتھٕ کنہٕ آمُت ادا کرنہٕ ـہ

نفرٕ چھا سُورمُلَن دُور زٕلُن غارَن منز

اَتھٕ وَنان کُفر چھہ دیندار تہٕ زانَن وأٗلی

# آدم گری

مقبولِ[1] ازل عاشق تیلہِ جلوہ پنُن ہاوے — اہرِ یزہ خنجر نیزہ زَن پوشہ پُھلے چھاوِ نے

تس فتنہ گرس چھُے دین یکسان گُنہِ آئین — شاہی تہ غلامی ہندی یم فتنہ ژہ اَتھ زاوے

تَس شان شہنشاہی ڈولان چھہ پادَن تَل — وسواس تہ ڈر تس کیاہ سر کیا زہ پتھ تراوے

پتیہِ نارہ تہ گُلن[2] ہندی پاٹھو اراوہ کوہہ پالن — نہ زہ ہر نہ ہنبِتھ شیرَن اَتھ پان پنُن کھیاوے

سَناگاب تشنداہرہ تیلہِ مارہ ژہ یمہ لہرہ — جالَن تہ فرییبن ہندی کوہسار تہ وسہ راوے

ہیچھہ نافِرہ لیکھُن تقدیر تقدیر تقلیکن والین — مجبور ہر ژہے ڈیرَن مختار پنُن ہاوے

تس دردہ غزلخوانس صد حیف ہزار افسوس — یَس خام خیالَن پتھ آرام دِلک زاوے

تمہ لولہ کھوتہ بہتر زولانہ غلامی ہندی — اِستادہ جوان مُردس یُس لول پتھ تراوے

وَرتاو دِلیرن ہند کیاہ زانہ ژہ بے چارہ — یَس گژایہ لگان اَسَن ہیتھ آسہ کھستھ گھراوے

یاہو جلالک نور اَمہ بوشہ وَسَن مغرور — نتہ حکم دِہ آزادس یم نیاے ژہ اتھ زاوے

---

لے اَکِس جایہ چھُہ 'مقبولِ ازل' بجایہ 'سیماب جگر' درج۔ (گنجو)

سلے اَکِس مُسودس منز چھُہ یہ شار یتھہ پاٹھو درج سے

میراث چھہ آزادس پرواز تہ آزادی — اَدہ کونہ دلیرَن ہیتھ آزاد فضا چھلاوے
(گنجو)

# ندائے ہاتفی

نیندرِ ہتیو گژھ بیدار گژھتہٕ بیدار ہاے ہاے
واتی قافلہٕ منزلس، کیاہ ژہٕ کران کیاہ ژٕ یہ پاے

شکھ تہٕ یقین کفر و دین چون خیال چانٛی زائے
ہند، عرب، روم، چین، چانٛی قصبہٕ چانٛی نیاے

صبحکہٕ ؤکھتہٕ موژہ شونگ کونہ پوان چھے ژٕیہ ننگ
شیرِ یہ چون ہنگ تہٕ رنگ چون موزوٗر چھا خمہ داے

چھکھ نہ فقط آب وگل چھے ژٕیہ دماغ چھے ژٕیہ دِل
خواجہ تُوکھی اُتی نو مالی سنبالی ماجہ زاے

وُچھتہٕ ژٕیہ کُس حال گوٚی کیاز ہٕ سہہس شال گوٚی
واے یہ کُس وُہمہ پیوٚی واے دوٚ پے کمہٕ یہ واے

چھے نہ پنُن دِل ہُشار سوزِ جگر لولہٕ نار
پیالہ بران بالہٕ یار چھکھ ژہٕ کران ہاے ہاے

چون حیال گیاہ کران فاقہٕ وتن پیٹھ مران
چون حکمن راوہٕران چاگٕی ژھعہ یہ تہٕ چاگٕی ماے

یا ژہٕ نمان خدمتس یا ژہٕ برمان دولتس
مار کران غارتس حاف افسوس وائے وائے

نیر بنتھ شیر مرد ھاوٕ ینن دِل تہٕ درد
بوز سپداہی حال بیہ تسند ناگرائے

لولہٕ بہار چھاوہٕ یکھ سوزِ جگر ہاوہٕ یکھ
یام ژہٕ مشراوہٕ یکھ نازو ادا ژھاے گژائے

چانہٕ دِلکہٕ ولولہٕ اُسی تُلان زلزلہ
دمہٕ ژیہ یوان کرنلہٕ نوبتہٕ بہٕ فوران وائے

اُسس ییمن دردِلن سوز تہٕ گرمی دِلن
تم چھہ وچھان مسولن نازوادا ژھاے گژائے

دنہٕ ژہٕ پتھ سونتھ آو بلبلہ غم غصہ ژراو
سوزِ دلاہ بوزہٕ ناو تازہ کئ ساز وائے

بُلبُلہ غم غمہ صبر ترٲو سوزِ دلاہ بوزہ ناد

بوزِگ نے آزاد آو تازہ سٔنۍ ساز واے

یکم اگست سنہ ۱۹۴۳ء

# لۄل تہٕ گاٹہٕ جار

آو گُلن ہُند بہار آو دِلن ہُند بہار — گُل تہٕ گے بے اختیار دِل تہٕ گے بے اختیار

گُل کران دیوانگی دِل کران دیوانگی — گُل تہٕ زٕھٹان لولہٕ نار دِل تہٕ زٕھٹان لولہٕ نار

باغِ نسیمک فضا باغِ نشاطُک ہوا — سوٗ گہ کھوتہٕ خوشگوار عطرِ کھوتہٕ مُشکدار

جل تہٕ قُمرِ پوشہٕ لۄل اُسی گمتی دال ملول — اَکھ ہُنٛد بالہٕ یار کوتہٕ کرن جان نثار

چاو کران خوش ہوا داد کران آو کیا — آرہٕ وَلو ژۄٹ حجاب یمبرزلن کھوٚت خُمار

گوٗش بھاو دِتھ ہوشہٕ روز آرہ کتیہ وارہ بوز — سوز ہیٚتھ آیہٕ گُلعذار ساز ہیٚتھ آیہٕ جانوار

آرہ کتین گارنے تریشہٕ ہیٚتن ژھارنے — آرہٕ پیوان بار بار ناگ وزان بیشمار

نیرِ بہار چھاونے سوزِ جگر ہاونے — بیہہ مہ ژٕہ یارا ونے یان ہُنٛد و قیتِ کار

اَز چھہٕ ژٕلان لولہٕ شرر نیرِ نیبرٕ سارٕ کرٕ — از چھہ جنونُک اندر ہوش حواس گاٹہٕ جار

پوشہٕ گُلین ہُند جنون چھیت گژھان گرم خون — عقلِ دِیان وچھ بہار عشق ونان بون بہار

عقلِ دِیان ہیٚتھ کمند عشق نٕہ ان تام دو بند — عقلِ دِیان پزار پزار عشق دِیان لار لار

عقلِ دِیان بندگی عشق ونان زندگی — عقلِ دِیان موہرِ دِیار عشق ونان یار یار

عقل[٣]

بخت تہٕ میراث مێون تخت تہٕ میراث مێون

عشق

بخت تہٕ بے اعتبار تخت تہٕ بے اعتبار

عقل

بخت کران راج تاج تخت ہیوان جزیہ باج

عشق

بأزی کران بأزی گار    بأزی کران بأزی گار

عقل

بخت کران سرفراز تخت چھہٕ عزت تہٕ ناز

## عشق

بخت تہٕ ناپائیدار تخت تہٕ ناپائیدار

## عقل

ژاٹھالن، دفترن، خانقاہن، مندرن
دل بران گاٹلیٖ، دور کران گاٹہٕ ژار

## عشق

یَس نہٕ وفا یَس نہٕ درد، روے سفید خوٗن سرد
دَردہٕ نیٚیے منز سُہ مرد واتہٕ کرُن سنگسار

## عقل

یار رفیق دوست میٲنی دراے وُپھان آسمان
فرشِ زمین کوٗر تمیوٗ عرشہٕ کھسنے تےٚ شاندار

## عشق

مِیون مُدا چھُے گنیٖر چوٗن مُدا سیٖم و زر

مِیون مُدا لولہٕ نار چوٗن مُدا شورہٕ نار

## عقل

عقل لبان مَرتبہ جاہ و حشم دبدبہ

عقلہٕ ہُندُے منصبہ عِلم تہٕ عَملک بہار

## عشق

زیادہ بنان عقلمند زیادہ ہیٚچھان ژَھل تہٕ فند

وارہٕ کران تیز دند زَن چھہٕ شکأری جانہٕ وار

## عقل

عقل تہٕ سرمایہ یَس عأش تہٕ آرام تَس

ژھوٚہ چھہٕ دِوان عالمس تَس چھہٕ ہِوُے پوہ تہٕ ہار

## عشق

سُہ چھہٕ وَیٚتھان حیٖمہٕ ژول سونٛتھہ ہَرُد رِیتہٕ کول

پانہٕ یِرِھک خانہ مول کارِ وِہ گَن دِپوہ دار

## عقل

عشق چھُم اَندرِم حُباب محتنیِ ہوسِ اضطرا　　عقل سیٹھاہ رنج گار گنج نہٕ لبان بے شُمار

## عشق

دوٗن بہ دِوان چھُس زوٗہ پارٕ گامہٕ شہر لارٕ لارٕ

خوٗنِ غریب ہارٕ ہارٕ گنج لبان رنج گار

## عقل

عشق چھُہ حُسنس فِدا، حُسن کنھا اکھ جُدا

عاشقِین ہند مُدا عائش، ارام، لوکہ چار

## عشق

عشق جوان تازہ دم زیادہ دوہ ہیٚے زانہہ نہ کم

دِل تہٕ دِماغ نوبہار پوشہٕ پھُلے، لولہٕ نار

## عقل

دورِ فلک عقلہٕ کیٚنٕ ہوشہ اَنِنہٕ گُلو تہٕ زٕرتہٕ

کیٚتھ سیٚنہٕ دیدہ ور، خار گمِتھ نابکار

عشق

عقلہٕ تہٕ ہنٛزہ کیاہ چھُہ سُود، یس نہٕ اَچھَن آب رُود

شرم تہٕ ہنٛز آبرو، حاف تسُند گاٹہٕ جار

عقل

عشق جنون بے ادب زانہٕ کتے رب تہٕ سَب

کرٛانہٕ قبیلک لقب، مانہٕ سُہ یس دِل ہُشار

عشق

کرٛانہٕ قبیلک یہٕ نیاے، یس نہٕ اندان تس نہٕ پاے

یُس چھُہ غریبس خوداے سُہ نہٕ امیرس بکار

عقل

دھرم تہٕ اسلام کیا وحی تہٕ اِلہام کیشاہ

عشق

دھرم تہٕ مِیونُے بہار، دین تہٕ میونُے بہار

عقل

ہیٚنٛدن تہٕ مُسلمان کیاہ، کعبہ تہٕ بُت خانہ کیاہ

## عشق

چھن ہجر، چھن کار، چھن ژھوٗرٕے زاوٕی جار

## عقل

عرش، خُدا، لامکان، کیاہ چھُ مُدا، کتھ وَنان

## عشق

میوٗلھ خیالاہ، پرٕژھاہ، تنگ دِلن ہُند قرار

## عقل

وَتھ چھےٚ کُنی، پتھ چھُ کیاہ، زندگیٔ ہُند مُداہ

## عشق

دل، گُنہ، دردِ دِل، یان پٕژن کار و بار

## عقل

کیاہ چھُ گُنہ، کیاہ یقین، کتھ چھُ وَنان دھرم دین

## عشق

یان پٕژن پرٕزنتھ، بیا کتھ تہٕ ہیوٗن در شُمار

## عقل

پھتہٕ چھِ کران وچھے ناد، ٲرز کمو کتہِ آو

## عشق

یہ چھِ سیٹھاہ زاگوی جار، صاف وٕنُن چھم نہٕ وار

## عقل

عقل چھِ سنگرن کھنان، پکہٕ وٕنِن پرانان
ساسہٕ کرٕ ہے شیچھر انان، وٕن تہٕ چھُم ما انتظار

## عشق

ساوہٕ لکن ڈالی ڈالی، بہٕ چھِ ہتین گالی گالی
عائشہ متین کاروبار، عارہٕ کتین لُوٹ مار

## عقل

عقل چھِ بیدارٕ یاہ، عقل چھِ ہُشیارٕ یاہ
عشق چھِ بیمارٕ یاہ، یٕتھہٕ نہٕ علاجس تہٕ وار

## عشق

تَس چھِ وَنان دل ہُشار، کرِہ بیٖین یُس بیٚدار
ساوِہ بیٖین یُس بیٚدار، تَس چھِ وَنان جودگار

## عقل

عقل چھہ نوٗرٕچ عَلَم، عقل چھہ لوح وقلم
زان یِہ عُلمُک بہار، عقلہٕ ہِندٕ زاوِ جار

## عشق

کیاہ چھُہ خطا عالمَن، کیاہ چھہ خطا ظالمَن
علم تہٕ گوٚ بے شمار، ظُلم تہٕ گوٚ بے شمار

## عقل

عقل کران زندہ دین زوٗر چھہ کران دوٗر یقین
لول، محبت، زمین، عقلہٕ دوٚپکھ کاشکار

## عشق

عشق سراپا یقین، عشق تہٕ مذہب تہٕ دین
عقلہٕ دوٚپکھ گرٕ تہٕ زین لولہٕ جنوٗن شاہسوار

## عقل

گاٹلیوی لوب خو داہ، زندگئے ہند مُدا
پوز چھُ پتو کُن خوداَئے چھُہ رفیق سُے چھُ یار

## عشق

مَنٛ عَرف ییٚیمہ نہ سوٚر سہرہ وپہرار ییٚیمی نتہ کوٚر
نیٚبرہ بوٚرت اَندرہ ژھوٚرِ مُشکہ رقیٚتے پوشہ وار

## عقل

وُچھنہ ژوٚ پاَرِ شہرہ گام، عقلہ ہندُ ے انتظام
آے بہر جابہ دام دُیِتھ وُنے حبابہ وار

## عشق

عقلہ تہ قونوٗن ژاو، دردہ نیے ہردہ داو
یُس چھُ وَنان پوز تہ صاف تَس چھِ کران سنگسار

## عقل

چنگ و رباب ہیتھ فقیر، مست شراب گئے امیر

عشق

ہوشہٕ تیٚلے ڈٲلی ہُشیار فضلہٕ خُدا دوٗنی بکار

عقل

کیاہ چھُ حضوٗر کیاہ چھُ غائب صاف وَنن کینہہ نہٕ غائب

عشق

گورٕ ملہٕ تہٕ پیر صاب ، خام طمع پُختہ کار

عقل

ساٚدہٕ منوش کاشری کو نہٕ کران افسری

وُچھتہٕ یہنز ابتری وُچھتہٕ یہُند کاروبار

عشق

یَس نہٕ موٗزوری محنتس، ڈنجہٕ بیہان دل نہٕ تَس

منگہ سُہ کیاہ دولتس، یَس نہٕ پنُن یَختیار

عقل

کیازِ یہندی دِل ووٚدأسی، نائلی گمژ ہوٚسہ پھأسی

اوس ووٚہا ہیم تہٕ أسی اہلِ قلم، تاجدار

# عشق

سرٕہ چھُم کرٕتھ ہانکلاہ، دوٗر پیتوٗمت جنگلاہ

تُلہٕ ژوٚہ پاٚری ولولہٕ، بیٚلہٕ گژھِت زوروار

# عقل

سوٗد پٔنُن ژھاٗری ژھاٗری، کانٛہہ نہٕ دِوان کانٛسہٕ واٗری

خانہٕ خرابی ژوٚہ پاٚری کانٛہہ نہٕ گھرس خانٕہ دار

# عشق

زانہٕ یہٕ بے گانہٕ کیاہ، خانہٕ تہٕ واٗرانہٕ کیاہ

یِم تہٕ سٔرِن خانہٕ زانٛہہ تِم چھہٕ گھرس خانہٕ دار

# عقل

آیہٕ تُلان گرٕ پز تہٕ جوش واے تھوان کانٛہہ نہٕ گوش

یِم نہٕ کران بادٕہ ہوش تِم چھِہ پہندی غم گسار

# عشق

تِم تہٕ کران بول بوشس یِم تہٕ کران بول بوش

یِم چھِہ تہندی جانہ وار تِم چھِہ یِہندی جانہ وار

# عقل

آسے اَنکھ ژھاءرِ ژھاءرِ جان زَبَر ژاءرِ ژاءرِ

یِم نہٕ کران کانْہہ وِہراز تِم چھِہ یِہندی دوست دار

# عشق

شوقہٕ تِمن نِنگ یِتین عاشس آرام کھسِن تہٕ چین

دوٗر نہٕ اگر آسہٕ پژون توتہٕ ونوس پژانہ وار

## عقل

کونہٕ پنُن سنٛز کران پانہٕ پنُن ٹھٔنٛسہ بران
وٕکھِت پنُن راوٕ ران کُس چھُہ یہنٛد ذمہ وار

## عشق

گوشس رٹھتھ باغوان، تارِ گمِتو نوجوان
وارِ تہمے گلو دِوان یِم نہ سرن گُل نتہٕ خار

## عقل

یس نہٕ پنُن دل دماغ، تس نہٕ بہار تس نہٕ باغ
سُے چھُ غوٗلام تس چھُ داغ سُے چھُ غریب تس نہٕ مار

## عشق

از چھُ اَیِز دورِ دور، پوز چھُ تُلان گرٛیز تہٕ شور
اہلِ غرض ایز یور کرِ یِنٛزِ سس لارِ لار

## عقل

سوزِ جگر آسہ یس خوف نہٕ ڈر کیاہ چھُہ تس
ڈر چھُ کھسوان بُوالہوس سر چھُ دِوان پوختہ کار

## عشق

آسہِ دوہا عنقریب دیدۍ وُچھن خوش نصیب
نیرِ یہِ خونِ غریب جوشس دوان آشکار
دوہ یتھ یہِ طوفان زَن تراوِ پتھر ظائمَن
پھیرِ کوہن جنگلن، نیرِ کران لورِ پار
روزِ جنونچ کنھ پوشہ دُنی دولتھ
رُود کتے سُود خار، روزِ یہِ سرمایہ دار؟

## عقل

دارہ کنن گوَ نہ زانھہ، سوزِ دِلک آلواہ
سُوت چھہ یہِ لولک صدا ڈول وزان بے شمار

## عشق

سوان مُلتھ سرَتل انان، بازرن اندر کھنان
نازِ پری چھا بنان، ساز کرِتھ مازکھار

**عقل**

کیاہ چھ یہنٛز شاعری، کیتھ چھ وَنان دِلبری

**عشق**

بٲزی تہٕ جودوگری میٚیہ ہٹہٕ مرض کرِیوٚ ہٹہٕ بار

**عقل**

کیٚنہہ مہ وَن شاعرَن، کیٚنہہ مہ لاسے بوٚمبرن

یم چھہ بُچھان دِلبرن کیٚنہہ تہٕ وُچھان وقتہٕ کار

**عشق**

شار چھہٕ پیغمبری، ساد چھہٕ آدم گری

ساز و سرود، کافری، کُفر چھہٕ مستیٚ خمار

•

زیوٚ ہٹہٕ سفر زندگی، بارِ گران بندگی

واتہٕ شہ اَتھ منزِلَس ترٛوو یتھتر یتیمہ یہٕ بار (سنہ ۱۹۴۰ء)

---

نوٹ: یہ نظم پہلے سنہ ۱۹۴۰ء میں لکھی گئی۔ جنوری سنہ ۱۹۴۱ء میں "سوالستکا"

میں "سازِ خاموش" کے عنوان سے جزواً شایع ہوئی۔ پھر دسمبر ۱۹۴۲ء میں کسی قدر اضافہ کے ساتھ "ہمدرد" میں شایع ہوئی۔ یہاں مفصل طور پر نظم درج ہے۔ آزادؔ نے اس نظم کا نام "مناظرہ عقل و عشق" بھی رکھا تھا۔ (گنجو)

۲ے اس نظم کی ابتداء 'آمدِ بہار' کے مناظرات سے شروع ہوتی ہے پھر 'گریز' اور پھر 'آمدم برسرِ مطلب'، وہی تکنیک ہے جو پہلے زمانوں میں قصیدوں میں برتا جاتا تھا۔ (گنجو)

۳ے نظم میں کئی ایک مسائل کو چھیڑا گیا ہے۔ آزادؔ نے کما حقہٗ اپنی عقیدت کے مطابق سوالوں کا جواب پیش کیا ہے۔ ہوسکتا ہے کہ ان جوابات سے سب پڑھنے والے مطمئن نہ ہوں اور متفق نہ ہوں۔ لیکن مسئلے پیچیدہ ہیں۔ اور اپنی اپنی رائے پیش کرنے کا حق سب کو ہے اور آزادؔ کو بھی ہے۔ (گنجو)

۴ے نظم کا آخری حصہ کشمیر اور کشمیریوں کی اُس حالت سے متعلق ہے جو کہ شخصی حکومت کے دوران وادی میں چھائی ہوئی تھی۔ اور جس میں غیر ملکی حاکم یہاں آکر مطلق العنان بادشاہ کے زیرِ سایہ بے بس کشمیریوں پر حکومت چلاتے تھے۔ (گنجو)

# بے خودی

ہا زانہٕ وٕنیوٕ تہٕ او خودی زان خدائی
تقدیرٕ پننٕ چھے ژٕ یہ غولامی تہٕ گدائی

مُشراونٕ پان کرُن یادٕ سہ دلدار
تس تام چھہ ملہٕ ژار محبت تہٕ جدائی

مختار سہ پانے تہٕ ژٕہ مجبوٗر کرکھ کیاہ
بے چارٕ ژٕہ کیاہ کیکھہ صبرٕ ورائی

تس یارہ سٕنزٕ ویرٕ ژھنڈتھ کوہ تہٕ بیابان
مجنونہ سٕندی پائٹھی نیر کران خانہٕ گدائی

●

# خودی

ہا بندہ ژٕ یہ شوٗبی نہٕ غولامی تہٕ گدائی
سرمایہ داری فند تہٕ فریب چھا یہ خدائی

کرُو بولبوشا پوشہٕ وٕنین پوشہٕ بھرین بیٹھ
ہا رنگہٕ بُلبُلہ رنگہ ولن چھے نہٕ بقائی

چھُے پانہٕ پکُن کُنڈین ژٕ یہ ہتاوِتھ پانہٕ وۆہتھ کیتھ
تقدیرِ ازل، سحہ رگ بُہنم ترٕ خوٚدائی

منصوٗرہٕ سندی پأٹھۍ پایہ بڈیو زان پنُن پان
مجنون اوس دیوانہٕ کرُن خانہٕ گدائی

شہارہٕ سندی پأٹھۍ حُسنہٕ گنجس نال وٕلیتھ روز
کیاہ ڈرٕ وے بران پیالہ کران جان فدائی

یَس یتھ ژٕہ مران، لول بران گومُت چھُے پان
ماران تِمس پایہ بُڈس حپأنی جُدائی

یم تازہٕ شمع سٕژ نہ چشمن سوز نٕہ در دِل
یم ناز رنگین پوشہٕ چمن مُشکہٕ ورائی

آزادہٕ! پُزی پأٹھۍ واتہٕ مارُن وعدہ فراموش
سُتہٕ کوسہٕ پاوان یاد پنُن وعدہ وفائی

# سُبھاش چندر بوس ـ فلسفی

سنگرمالہ منز چھُ عنوان "بہادُر" درج - آزاد اوس نیتا جی سُبھاش چندر بوسُن بڑ مداح - لیکن بوسنہ سُند یہ خیال کہ جاپانن ہندہ مدتہ سیتی کیا ہینکہ ہا ہندوستان آزاد سپدتھ، اوس نہ صرف غلط بلکہ نوقصان دہ قرار دِوان - (گنجو)

چھُہ توشان پوشہ موت بلبل تہ بولان گلشنن اندر
دلاور شیر زشوبن ژینن اندر وَنن اندر

چھہ فولادس شُبان صیقل بنان چھا سرتے کاکل
سوزنس تہ موختہ مالن موٕل ہارٹس تل یا گنن اندر

کران گرداب گژھتھ پانس انان اَدہ گیور طوفانس
شرف یس صاحب خانس تہ سُے چھا پرزنن اندر

بیٚدردس لول موباگر تمن ہند قول خارس شر
سَرف لاگِتھ اثرن بہتر پمن وَترے گنن اندر

یہٕ اَز لُکھ وولہٕ دیوانہٕ چھُہٕ آسان تیز طوٗفانہٕ
پَکان محشر تُلان شہرن تہٕ گامَن پرگنَن اندر

خیالَن ہِنٛز بُلندی چھاوِہ پان کمر ور لفظَن منٛز
چھُہٕ ژوٗنۍ مِتۍ لال نادانہٕ بَران آمہِن پھٕنَن اندر

ڈَران یُس بندہٕ پوٗز وَنِہٕ نَس تھَوِنۍ زنّارِ تسبیح
چھُہٕ پیراہِ پیر صائبَن سیتۍ برٛہمَن برٛاہمنَن اندر

چھِہٕ رندہٕ بندٕ آزادانہٕ کانٛہہ مجنون تہٕ کانٛہہ فرہاد
کران یارانہٕ یارَن سیتۍ دُشمنَن دُشمنن اندر

ؔ جاپان کی امداد سے ہندوستان کو انگریزوں سے چھٹکارا دلانے کے فلسفے کی طرف اشارہ ہے۔ (گنجو)

# مہاتما گاندھی — شاعؔر

ایک کارخانہ میں مزدوروں کے ہڑتال کے سلسلے میں گولی چلی تھی
ہڑتال کو غیر قانونی جتلایا گیا تھا۔ اس ضمن میں مہاتما گاندھی کی قانون کی حمایت
آزادؔ کو پسند نہ آئی تھی۔ (گنجور)

وُچھان یُس جلوہ پوشن ہُند چھُ بلبل نو بہارس منز
دِیان سُے جلوہِ منصورس دِتکھ نارس تہٕ دارس منز

غنیمت کوٚنہٕ چھُکھ بوزان ہا دیوانہ پننہٕ نِے سوز
بنان لوٗلُس چھُہ شورہٕ تہٕ گولہٕ ظالم کاڑہٕ جارس منز

فریبو ہستی چھاروزان دردُک سوز پرٛدَن تل
سُتَن سُدرَن ترٛٲتھ بازو دِتَن شورُس تہٕ نارس منز

تتے اِنسانیتھ کُنہٕ اُسس ووہ نی رُود سنہٕ کینٛھہ باقی
گوڈٲنی اُس واہِ گاٹر خرچ پیٚاُنس گریٹ وارس منز

ستمگر ناخدایَن ہنز خدائی ہاوِہ کم کم رنگ
وُچھین والین چھُ پسان چشمہ رُوزِتھ انتظارس منز

جہانس تراوِہ نورانہ گرِ ژھن اَدِ حوُرِ دیوانہ
رِتھے نُندِ بون آفتابہ چھُ رُوزِتھ یتھ غبارس منز

بہارس پوشہ گُر توشن ونکھ رائیل بیہتھ گوشن
یتھی آسان ماگس منز تیتھی آسان ہارس منز

موزورس خوُن ہارن وقتہ روزان ژھایہ تہ نوُنُس
وُچھم انسانیت وُنی پیش ہُن سرمایہ دارس منز

•

# شکوۂ ابلیس

## بحضوٗرِ باری تعالیٰ

غرض میٚہ اُسمنٛز بیوفائی وَنے یہِ از گوتنے زمانا

ژٕ بے خبر پأٹھی تہٕ بر میٚہ لاییتھ گوٚرُتھ یہِ حیلا کوٚرُتھ بہانا

میٚہ اُس کیتھو منٛزٕ کڈٕنی بدل کیتھ نکارٕ کرنس دِژٕتھ نہٕ فرصت

میٚنِتے خوٗدی ہُند جزا چھُ لعنتھ یہِ چھا خودائی یہِ گو طُفاناہ

یہِ جلد بأزی چھہ کارِ شیطان ژٕ یہِ کیاہ وَنے چھکھ رحیم تہٕ رحمان

کتھن لگان لگھ ذلیل گرٕ ھان لگھ ژٕ یہِ نے عیالاہ خاندانا

میٚہ چانہِ شانکُ لحاظِ ماران نہٕ چھُس بہٕ کھوژان نہٕ چھُس بہٕ لقاران

بہٕ چھُس تہٕ زانان ژٕ یہِ پچھے خودائی ژٕ یہِ پچھے زمیناہ تہٕ آسمانا

جلال چونے میٚہ اوس اُچھن تل بہٕ ژاوہ ہاسر بیٚیس کھوٚن تل

سونس گیٚیم ہولہِ چانہِ سرتل نتہٕ میٚہ ہیٚتیو کُس حکیم دانا

میٚہ ہا پیٚنچھی خوٗدی تہٕ میٚہ وُچھی خودائی میٚہ سوٗر دوہہ شانِ کبریائی

میٚہ چھا خبر دِژُن ژٕ یہِ نش چھُہ آسان تہٕ بزدلی ہُند تہٕ امتحانا

مےٚ اوس نوٗلکُھ جلال ہاوُن مےٚ اوس سوزُک کمال ہاوُن
مےٚ اوس دردُک بہار ژھاوُن تِکیازِ مےٚ تہٕ اوس بنن گُمانا

بہٕ وارہ اوٚسُس اَوارہ کوٚرتھَس بہٕ یوٗت رُسوا نہٕ خار کوٚرتھَس
گوڈنی بہٕ کمہٕ تانی خُمارِ پوٚرتھَس اَدہ بہٕ زِ نتھَس محض ازانا

تھوٚوُتھ مےٚ لگہٕ وُن یہِ خارِ خاراہ بہٕ وارِ ژھٹہٕ ہا دِلکُ بُخارا
بہٕ لال اٚسِتھ توٚوُس نہٕ ہارا مےٚ رِندِ پانَس لگان چھُ تانا

بناوِزنی اٚسی بہٕ نہٕ خوٚدائی دوٚپُتھ مےٚ کرٕ تَھم ژٕ بےوفائی
ژٕ پیٚٹھو نہٕ کُنہٕ جایہِ نی ہِش خوٚدائی اَدہ بہٕ مُنٛز راوہ ہا زبانا
ژٕ نِش چھُ سے رُت ژٕ نِش چھُ سے جان چھُ اُچھو ٹٕھتہٕ یُس کران اتہ مانان
چھُ گور ذیٖل یُس دٔزان تہٕ زانان سُہ گوشِ لیٖن یَس کُنی نہٕ زانا

کنِینِ تہٕ بیزُن بہٕ دارِ بِسینہ پیٖتم نہٕ زانہہ ژُکھ گرِتھم نہٕ کینہہ
نِمُن پیٚنِس کُن مےٚ نِش پیی نہٕ ژٕ کرِتہٕ اَمہِ کھوتہٕ لانہٕ تانا

مگُن تہٕ زانُن مےٚ اٚسِ ہانٛے ژٕ کیاٚ مےٚ باقی تھوٚوتھ ہیہے
اَرکَس کیتھے بہٕ پٕنہٕ تیاہ کوٚرتھم فرودے ترانہٕ توٚودے فانا

نہ مور تھس نہ ژھینتہ کوٗرتھ مبوان بۄ نار نۍ کأنٛسہِ ہنٛد تھوۍ تھس

بہ پان پانۍ سنٛبھالہ ہانۍ کُنۍ تھوۍ تھم نہ کانٛہہ ٹھکانا

میہ کیاہ ونیوٗ وتہ ژٕ بہ کیاہ ہتہ بوزتھ شکر میہ نہ توٗد زہر ژٕ بہ سوٗزتھ

اَکۍ سبق دِتھ زمانہ سیزٕرک بنوو تھن بوٗڈ قصأیی وانا

یہ شوٗبہِ ہے دُشمنس کَرُن تی میہ کٔرۍ زٕہ ہے یٔدبہ ٹھٔسے بہ دُشمن

نہ أسی فتنے نہ أسی تَنازٕے نہ روزٕ ہے کُفرہ کۍ نشانا

لوٗ دُتھ جہنم بَرُن سہ اوسے یہ فتنہ برپا کَرُن ژٕ بہ اوسے

مَرُن چھُہ تۄ کون ژٕ بہ مارُن چھُے نہ دِیُن حساباہ نہ دِیُن بیانا

مَرُن بتہ زیون کیٛت بچارٕ آدم ژٕ اندٕ رُوزِتھ وُچھان تماشا

نہ زاکھ کانٛسے نہ زوے کانژٕ ھانہ چھُے قبیلا۔ نہ خانمانا

بوٗزِتھ سہ آتش میہ سینس اندر اَتے رُمن منٛز میٛہ کھن سمندر

أنے دَزِتھ یمن کنے تہ سنگر بچارہ آدم چھُہ سنٛجہِ دانا

ربے تہ آبس کران چھُکھ رنگ دیان چھُھس وٕنۍ کرُن میہ سیتۍ جنگ

کوٚہس مُقابلہٕ آمان زورٕ چھُہن یہ کمزور شیشہ خانا

ژیہ ہیئیہ نہ کانژھاہتَل تہٕ ہانژل ژیہ ہیؤنہ کانہہ لاوٗبالی تہٕ ڈاثیل
پنُن مُدا چھکھ کڈان کریتھ ژھل بیس غریبس کران وکانا

جہنمس منز چھ ییژ گرمی قیامتس منز چھ ییژ سختی
ییتھی پیتھی روبہ دابہ وُنی وُنی دوٚہے چلہٕ وُتھ یہ کاروانا

یہ گاہ ثوبت چھُہن یوٚتس پتھ دُبارہ کری کری ژہ گابرادان
دِلاسہ دِتھ حوصلہ بڈاوِتھ ییوان سنبالُن چھُ ناتوانا

نوٚی تگن وائی نوٚی شیچھ ہیتھ دوہے پیوان چھی ژیہ یور سوزنی
اگر مےٚ اکی سی پنُن ژہ وَنہکھ زمانہ مَنگہ ناوہ ہن بہٕ آنا

یہ دردِ سر چھُکھ ہیوان پانس مےٚ ماکران چُھک ژھوٚرے مدارا
خداے اُسیتھ موٗشُے نہ کینہہ مےٚ تہٕ چھُ اَخرزواہ تہٕ جانا

چھُسے وَنان یورہ یُزتہٕ سیز کتھ چھُہم کران اورہ کُفرو لعنت
یہ ماسہزرگو یہ گوٗ عداوتھ ییژھی خدائی بہٕ زانہہ نہٕ مانا

گزشیکان چھم منز دِلس حُبا باہ تہتھے کرے پاڈہ انقلابا
نہ روزہ پرداہ نہ کانہہ حجاباہ نہ روزِہ عرشاہ نہ لا مکانا۔

ڈیان ژٕہ لوٗدمُت سُہ تے کھتھ سیتۍ لۮان ژٕہ لُرمُت سُہ تہ کھتھ سیتۍ
نہ چھے موٗزورن موٗزوٗری ژکاونی نہ چھے سجاوُن یہ کارخانا

انوٗل سودا اکِنان بہتھ خوش اڈین گژھان عش اڈین گژھان کھش
نہ فکر موٗلچ نہ مُژیہ ہُند غم دُکان زن پیچھے کرایہ وانا

اکھاہ چھہ تختس بِہتھ شہانا تُجِتھ جوٲہر بُرِتھ خزانہ
چھہ بیا کھہ پھیران وانہ وانہ بنان بہچھُن سُتم تمس نہ بانا

جَران اکھاہ سعون تہ چُھنہ جانَن ییٚس نہ زانہہ اَن بنان شامَن
دُچھم تِمے زیادہ پاک دامن ژٕہ نش تمن کیٚت نہ آب و دانا

مُصیبتس منز دُچھم تِمے دوٗک ژٕہ یاد ہر دم یمَن یمن چھک
کرَن تہ کیاہ وۄنی وسیلہ یم نَے اَنن مزاراہ تہ آستانا

ژٕہ یادہ کوٚر تھَن تھیکِتھ یہ آدم ادہ بنوٚو تھ یہ سورعالم
تسندِ عائشہ تہ آرامہ بایتھ تھوٚو تھ سجاوِتھ یہ گلستانا

دوٗپت کریم بندگی عبادت عطا ژٕہ کرتھس پننۍ خلافت
دوہے دپیو تھکَ کرَن محبت یمو یہ کوٚر وَن تہ زانہہ بہ زانا

مُزان یہ سرمایہ دار ڈیوٗ تھم جبگر غریبن نہ بے کسن ہند
میہ چانہِ اَمہِ عظمتک قسم چھم تتے منگان چھس بہ تے اماَنا

ژہ رتہ امیرن ہندُے امیراہ حیاگرٕھان چھُم وُنہتھ ہیکے کیاہ

امیر ڈیٹھم غریب مازس دوہ ہے بناوان وازہ وانا

ژہ پادہ کرٕی تھک برادری کیتہ محبتس کیتہ بہادری کیتہ

میہ وُچھم غنوہ لأمی تہ افسری کیتہ برادری ہندنہ اکھ نشانا

ژہ شوزہ تھک رہنما تہ رہبر تموٕ یوٚ ژھک خاطرہ ہموٕ کوٚر کہشر

یہ چون دُنیا میہ نشس سرامر چھُہ نابکارن ہندٕسے مکانا

چھہ کینہہ زٕنی تم ہمن ہمن پیچھ دوہ ہے بلاشک تھکن ژہ شوٗبی

غنیمتھے آسی تم بھودر غنیمتھے اوس تہندٕ زمانا

بھودارن سیتی لڈان اوس شراہ تہ واشا کڈان اوس

چھُہ بُزدلن سیتی کرٕان حماقت تہ زانہ دِلدار پہلوانا

دِپان چھس تم دِلیرکوٚت گے موٚ ژیہ پوٚژھ لأو شیرکوٚت گے

نوٚیس زمانس لھتوان یم آسی تیار کرٕی کرٕی نوٚوٕ جہانا

نہ روٗد دُری یاو نہ روٗد سمندر میہ روٗد باقی یہ لولہ کے زر

نی ہاہیز وانہ چھس بہ دوٚ دنت کنہ گنے دوہ کران سرانا

بجایہ خنسہ دیم سیٹھاہ چھ قأبل کمہ کنیتھ چھم یوان مقابل

اشارہ اکہ چھکہ تی استخوانس نکھ تہ روزان استخوانا

اعوذ باللہ پران پران ہم کران رندی تہٕ وعظ خانی

کران بیلہِ چھس بہٕ آزمائش دران نہ رنداہ نہ وعظ خانا

اگر یمن آسہ ہی نہ تھوہر امید جنّت تہٕ خوف دوزخ

چھسے بہ دعوی کرِتھ ونان از تہٕ سجدہ کرِہ ہی نہ اکھ جوانا

بہ چھون آدم یہ چھون عاقل تہٕ چھتے بچھنہ نادار تہٕ چھتے چھم جاہل

گوناہ تہٕ غفلت کران یانہ مہ کُن چھِہ لاگِتھ تھوان ترانا

دپان ابلیس تہٕ نہ ڈر لس تہٕ تہمی لعینن بہٕ ناوہ دوس

امی فریبن بہ زیادہ زولس چھنا عجائب یہ داستانا

مہ کیا خف تھوت چھِہ زن دوان تہٕ شرٹ نکار تقدیر کی دتن پیٹھ

بر لتھ یہ تیراہ اُنھتھ تھاوان تھِم مہ بر ونیتھ لن یانہ رِژھ کمانا

چھ چانہٕ گنرِ ک تنازعہ تراوان پتھ کنہر لول راوہ راوِن

تہٕ ھرین کتھن خارہ بازین پیٹھ نکان چھِک وارہ مانہ مانا

بہ چھس غوطن منز گژھان ہردم جہنمی کم تہٕ جنتی کم

ونان چھِہ جنّت یران چھِہ جہنم کران خوشیا تہٕ شادیانا

یُہُند یہِ کرِ توٗت وُچھتھ گژھِ چھُم اُسُن یِوان گاہ یِوان عبرت
یتھی چھُہ گُل تہٕ تتھی چھِہ بُلبُل یتھےٚ چھُہ باغواہ تہٕ باغوانا

یُہُنزٕ پرِان تہٕ ہیٚچھان زیادہ تیتھیٚ غرضمند بنان زیادہ
اکِس اکِس بے ہراس مردس دوہے دوہے گژھ بُنُن تہٕ انا

چھِہ شالہ بندی پاٹھو زہ ژھالہِ مارِتھ ؤچھان یتھ کُن بہان ژؤر بے
ؤنان دِنیس چھِہ کفر، کُفرس ؤنان دینُک موٗدُر ترانا

چھِہ خوٗن ظالِم ہیوان غریبس، غریب دِیان چھُم لیکھت نصیبس
یہِ وُچھتھ تھوٚو تھکھ ژہٕ باغ چھاوُن تیمو بنوو خاصہ نیل خانا

سخن ورن ہُند یہِ کارنامہ تہٕ شاعرن ہُند موٗدُر کلاما
فریب حُسنُک دِوان عشقس یتھ بازری زمانا

جواب کیاہ دِن تمے ستم گرٕ حساب ییلہ ہیکھ ژہٕ روز محشر
زہ تہٕ کرٕ لحد کیاہ یہ چھُم د... شر بہ پانہ وچھہ ہا اچھو ننہ آنا

یمن چھِہ آدم گری وراثت، مگر اِن ڈیٹھم صنم گری یتھ
گران رنگ... ، چھِہ پوشہ یُن لیتھ، ہران بے وکھت چھِہ گُلستانا

خبر ژٕ کم کمٕ عذاب کرہٕ نکھ، دُبہ زیین آسمان پھرو نکھ
ہیتھی پوہ تٕلی یوٗد بناوِ ہے اَکھ غریب کرٕالا شریف چھانا

مِیہ وَنٕی اَکی کتھ میہ کٕتہٕ پٔلعنتھ، یہ نٔے ریا گواَدہٕ وَنن کتھ
لُچھن تہٕ سا ئن کتھن تہٕ غائبن اُمس تھوان چُھک ہمیشہ لٹانا

زٕ یہ راوہٕ روٗدُ تھ یہِ میون آدن میہ گوش تھوٗدُ تھ تہٕ لولہٕ نادٕن
میہ کیاہ چھُ فتنن بُنیہٕ فسادن ییلے ژٕ یہ رُوزہے نہٕ یٲری زانا

دُنہٕ ژٕہ اَزماو یہ میون طبیعت خودی تہٕ غائرت وُچھکھ وَنان لُتھ
دِتمٕ بٔنیس، سَجدہ کرنہٕ باپتھ ژٕہ سوہ رگہٕ کھوہ تہٕ زَبَر مکانا

یہ گوٗ تہٕ گوٗ اَتھ لوٗبُمنہٕ چارہٕ ژٕ یہ میون خارہ میہ چُون خارہ
ژٕیتے یٔنن عزتھا تہٕ شاناہ، میہ تے ینن دلولاہ زمانا

ژٕ یہ تے کران بندگی "بما تھاہ" یہِ تے کران بندگی جماتھا
ژٕ یہ تے بنووٗ تھ الگ جہاناہ، ہہِ تے بسووٗم الگ جہانا

ژٕہ چھُکھ یمن کیتہٕ کران کمٕ شترٕ بہٕ خُوٗنکی پاٹھی خھیلٕک رٔگن منٛز
جنونہٕ میانے فرہٕ تکان ژٔھری کرٕنہٕ گریکاں سمندر تلان، لُطف نا

بہٕ چھُس تہٕ مَا نِنھ ژٕ ہِیُن کانٛہہ، ہیٚو تہٕ بنیا دِتن مےٚ ہاوٕتھ

ژٕ یہٕ چھُھے پنُن بنیا کھٕ روٗ رکانا، مےٚ تہٕ پنُن بیسا ...ر رہٕ رکانا

بہٕ مانہٕ نادیدہ چھی ژٕ مانان بہٕ کمرٕ وٕ چھُس دیدہ کُس مےٚ زانان

ژٕ تے خیالاہ، کتھا، گمان، بہٕ تے خیالاہ، کتھا، گمانا

ژٕ لاشریک تے ژٕ خاٲر بنیہٕ شرِ پنُن قلم تےٚ پنُن یہٕ دفتر

قدم قدم بہٕ تہٕ تُلان برابر نہٕ میٚون ویداہ نہٕ میون قدرانا

ژٕ پانہٕ خاٲلِق ژٕ پانہٕ مالِک نہٕ کوٚر مےٚ پٲداہ نہٕ چھُم شہٕ طاقت

بہٕ چھُس تہٕ مانان ژٕ چھکھ ہر جا، مےٚ رقس تہٕ وُچھتن شُراہ جوانا

غریب آدم رَباہ تہٕ آباہ بہٕ تیز آتش مےٚ اضطراباہ

دوہ ہے جوابس وَنے جواباہ، ژھوپہٕ کرِتھ روزہٕ بے زبانا

یہٕ لولہٕ آتش مےٚ شولہٕ ناوان، دِلک ہوس آرزو تہٕ ارمان

تھپکا ژٕ اَسِتھ نگُن تہٕ زانُن اگر بہٕ یمہٕ لھوتہٕ آسہٕ داناہ

بجاے خود مےٚ کرٕ یوٗ فریاد یہٕ فتنہٕ گر بندہ چون آزاد

خبر یہٕ کتھ شایہٕ اوس بوزان تُلُن قلم تہٕ ایوٚکھُن فسانہ

نہ مسجدن ہشز وومیدرُوزِس نہ مندرن ہُند تھوُنِ تہ قع

یمن کتھن کیاہ چھ معنہِ مطلب تہ زانہِ رنداہ تہ نکتہ دانا

یہ دأدی لدسُندو یداکھ بوزِتھ وُچھتم وُنن پیپھ گرشھأن رُوزِتھ

اَمس خطاچھے نہ زِٹے نخشیتھس بخشیتھس دِلاہ تہ زیواہ دِہان

(جمعہ ۱۲، اسوج ۱۹۹۷ب)

فٹ نوٹ :- آزاؔد نے ایک خط میں راقم کو اس نظم کی نسبت

کچھ لکھا ہے۔خط کا وہ حصہ جو اس نظم سے متعلق ہے، درج ذیل ہے :- (گنجہ

رانگر، کشمیر ۳۱ جیٹھ ۱۹۹۸ب - بیروار/شکروار

میرے پیارے اور محترم دوست، سلامت رہو

آداب عرض ! ..... ایک سال سے میری آنکھوں میں تکلیف

ہے، بہت علاج کیا، آج دو ہفتے گذر گئے ہیں کہ آرام ہونے لگا ہے نیلی عینک

لگاکر یہ چٹھی لکھ رہا ہوں۔ پلکوں میں سوئیاں سی چبھ رہی ہیں، آنسو گرنے

لگے۔ اچھا ذرا آرام دوں ان معصوم گنہگاروں کو ..... دو چار غزلیں لکھی ہوں گی۔ آج محسوس ہوتا ہے کہ وہ غزلیں نہیں آنکھ درد کی تصویریں ہیں۔ خیال ہے کہ ان کو ضایع ہی کردوں۔ بھلا حسرت و یاس اور درد و کرب کے خیالات کو کہاں تک فروغ دیں۔ اپنا دل تو کمزور ہی تھا۔ اوروں کے وبال بھی کیوں اپنی گردن پر لیں۔ 'رونا گناہ اور رُلانا گناہِ کبیر' اور دردِ چشم کے لئے بھی مُضر ہے۔ ایک دن کا واقعہ ہے۔ میں اندھیرے کمرے میں آنکھیں بند کرکے بیٹھا تھا۔ آنسو ٹپ ٹپ گر رہے تھے۔ میں درد سے کراہ رہا تھا یکایک ابلیس کو خدا کی حضور میں دیکھا (یہ نہیں بتا سکتا کہ کن آنکھوں سے دیکھا، یہ آنکھیں تو بند تھیں) کرنا کیا تھا؟ شکوہ۔ لمبا شکوہ، جو جو باتیں مجھے یاد ہوئیں، قلمبند کیں۔ کئی باتیں آپ بھی سُنیں ؎

"غرض میہ اوسُم نہ بے وفائی، وَنے بہ از گو تَمِنے زمانا..."

یہ نظم بہت طویل ہے۔ بڑا گستاخ اور شوخ ہے ابلیس۔ ایسی ایسی پتہ کی باتیں کہتا تھا کہ میرے رونگھٹے کھڑے ہوتے تھے۔ شان کریمی خاموش سُن رہی تھی۔ نہ کوئی جواب نہ کوئی عتاب .......

جواب کا مُنتظر

آزاد

ایک اور جگہ آزاد نے لکھا ہے: "... عرصہ گذرا کہ میں کلامِ نورالدین

زینی رحؒ کے ایک قلمی نُسخے کا مطالعہ کر رہا تھا۔ جب یہ شلوک پڑھا ؎

ووِد شیطانٔز ٹھہ کھ لوٗگمُ دوٗرس　　　　میہ تہٕ منصوٗرس آسس گنی کتھ

تمیٚ بیاہ لوٚدُم تہٕ بر کہتھ لوٗرس　　　　دوٚپہم زہ مردودہٕ میثانہٕ رٔتوٗ لعنت

میرے دل پر رقعت طاری ہوئی۔ مدت تک وقت بے وقت یہی شلوک گنگناتا رہا۔ اتفاق سے انہی دنوں علامہ اقبالؔ کا جاوید نامہ میری نظر سے گذرا۔ اس میں " نالہ ابلیس " والی نظم پڑھکر یہ نظم (شکوہ ابلیس) لکھنے کیلئے طبیعت حاضر ہوئی۔　　(گنجوؔ)

# نالہٕ بڈشاہ

دردِ دِل سوزِ جگر روزِہ نہٕ پردٕن ژھایہِ
یُس نہٕ وٕرتاوِہ گژھیس ضایہِ پنُن سرمایہِ

کیاہ چھُنا کأنسہِ رفیقس تہٕ رگن منزٕ میٚے خوٗن
ہاے رٕتم لولہٕ قُمرٕ ژھایہِ بہتھ کتھ شا۔یہِ

میٚے ہوا تیٚے پتھ زمین ازٕ تہٕ رٕتیمے ناگ وُزان
ازٕ تہٕ کولہٕ راد رٕتیمے آب تہٕ میٚے پرٕتیتھ جایہِ

شینہٕ کھوتہٕ مردٕ وُچھان چھُس بہٕ رٕتیمے رینہٕ گٕمتی
یم پننہٕ سوزٕ وزے اُسی گژھ ہکان زٕن کرٕ ایہِ

ہا وطن دارہ وُنے ییتندرِ گژھکنا بیدار
مال چون ضایہِ سپُد زُو تہٕ گژھی ماضایہِ

چھُک ژٕہ خاموش کمٕن لولہٕ چمن زارن منز
بول وُنہٕ جانورو ہوال گومُت چھے کیاے

چھُکھ ژٕہ بےہوش نہ چھےٚ دود نہ چھےٚ ژگ مولُوم
ژھارٕہ رٕکھ چارہ پننٕ ہوشہٕ پہک ہےٚ ہاسے

گٕنڈٕ ہٕند شور پھولان نوٗرہ مشالین ڈیوٗ ٹھٕم
عبرنکُ اُمر گومُت آئنہٕ ڈبے ہنزٕ جاے

ہا ستمگارہ رٕکمیوٚ نارٕہ پمن زالِتھ پرا!
کوترن نشہٕ ڈران پاز وُچھم پرٕہتھ شاے

خانہ مول بندھکتے زانہٕ یہ آزادٕن حال
زانہٕ سوے جاے دزُن نار ہیوان یتھ جاےٚ[1]

---

[1] سلطان زین العابدین بڈشاہ (۱۴۲۰ء سے ۱۴۷۰ء) کشمیری نژاد تھے عادل اور رحمدل اور نیک بادشاہ تھے۔ اُن کے دورِ حکومت میں کشمیر میں خوشحالی اور امن و امان رہا۔ (گنجو)

# شکوۂ کشمیر

(بحضور باری تعالیٰ)

زمانہ کائناہ کران چھُہ گردش نہ چھُس آراما نہ چھُس قرارا

کمن بہارن کران ددون انان کمن ددونن بہارا

اکھاہ زراعت وان کماوان چھُہ بہیس اتھ لوہ نہ ناوان

یوان بیاکھاہ کھیوان تہ کھیاوان ہمہ سنتھاوان ثبہ گذارا

اکھاہ چھُہ ہنگلہ تہ لرے بناوان چھُہ رنگہ رنگے تمے سجاوان

یوان بیاکھاہ چھوان تہ چھاوان کران نتھ بیاکھ لوُرہ پارا

زن

امیک یہ گردش امیک یہ قونون زندر زدہ دا ہیُم تہ گنتر ہیم زد

نہ اتھ کمالس تہ اعتبار راہ نہ اتھ زوالس تہ اعتبارا

چھُہ کیاہ یہ افسوس یہ آدمیتہ ونہ اتے ویپان چھانگن لیاقت

نتان امی ستہ چھُہ چاُنی تموُرت گرتھان خودائی تہ شکارا

ولے میہ تمہ کینہہ غریب درداو ونن تہ مشکل کھٹن تہ مشکل

ہیملے ونیجہ کیاہ میچرکان چھُہ دل تہ میہ ونتس لوگم نہ چارا

غریبہ سنزہ خونہ چونہ گچھ کیاہ بنان چھِ تونگرس قلاپیس
شرزان تہ پادر سۆہن ہندس نگس بناوُن شہید ہزاراہ

گوڈان بہ اُہس پیران سَرس شرزنیاز گیہ تہم تہ تارہ نَس سنز
مہ چائی عاشق زچھم لوسے شرز پچھم تہ ماہ دۆہتم تہ ہند باراہ

تہ پیچھ کران اُسہ جانثاری نہ زانہ ہَن فسد نہ بازیگاری
نہ رشاد ہچھ تہ آری کران تم اُسہ ینن گذارا

زمانہ نوی نوی زمانہ ہاوان زمانہ زانہ چھہ زانی زادان
زمانہ دیگ دُچھ نان چھہ افسان دُچھم تہ دارا نیم تہ وارا

کوہ چھے بہ رچھنا وقفس رتھمے طائھ کوزم تہ ساز گلشنی بابھو
نہ رودی تم گل نہ رودی بلبل دلس ککھو ہقہ گے مہ خارہ خارا

کرکھ فقیری تہ رز فقیری کرکھ امیری زبر امیری
کرکھ دلیری تہ بڈ دلیری یرہ نہ کسہ باہ یحقر نہ کارا

یمو اُ تچھ دُچھ بہ راجہ للت دتس ہوی گل بھیڈن وارے
یمن اُچھن تل نہ تہ دیش ناگن گنہ ... رباعن چھ لوہ پارا

پلیمتو آسن چرخ تہ کلہن غنی تہ شرفی ییٚمس لوٚلے منز
ژھوٚن پیٚنیاتس یہ نار للہوٚن تہ یوٚت حسرت تہ خارہ خارا

گوٚبر تہ اولاد بڈشاہس ہوکریمو اُٹھوٚر چھنہ اُسے آمتی
جلبھت تہ جیوٚر رٹھ کرٚہ تہ کراوٚ ٹھ تیمے اٚتھ دوٚن لگن دارا

ییٚتھی ییٚتھی خانہ مالی کاٚرتیاہ میہ پالی کمہ لولہ سیتی لوٚلے منز
چھہم تیمے چشمہ لوسہ نادان گژھان چھ جگرس میہ پارہ پارا

دٚچھت یمن کوٚن کمن رستمن گژھان اوس خارہ خارا
تمن شکارن شکار تہندٚسے گژھان پوٚتس پتھ کرتھ شکارا

بوٚ مبورہ تٚہند غم تہ لولے ہندی ستم مشن کرٚ میہ تا قیامت
سہ نام گرایٚن مرٚن تہ ہی مالہ ہند دزٚن ونتہ زانہہ سندارا

سہ شاہ یوسف، سہ حبہ خاتون سہ شوقہ دفتر سہ لولہ مضمون
سہ قصہ بوزتھ گژھان جگرخون یوان چھ دٚرینٹھ محشرک نظارا

یہ کیاہ خدایی تہ لااوبالی ییٚمے ملک دار تیمے چھ ہاٚیی
جہنمی جنتس چھ مالک تہ جنتین نہ اختیارا۔

پَرِدِ مَنٛز گَنٛزرٲوِ پَنٕنۍ بٕ سادٕ، پَنٕنِس نہٕ سادس تہٕ اوس وعدہ
ڈٔلِکھ تہٕ دِل بیٛون تھوٚوُت کُشادٕ دِتم جنوناہ تہٕ گاٹہٕ جارا

انون پَرٛتھ لازِہ یوٚد کمیناہ مخولہ بازی چھُ قول تمٕ سَنٛد
لوٗلان چھُ کھیاوِتھ پلاو منتجن گمے نہٕ تراوان پَنٕنِس بغارا

یہ سینہ وتھران چھُ یُس بَدٕ دٔن تِتھے بنان چھُس وبالِ گردٔن
تِمَن گوٚل پوٚش روے زردٔن یتھو کھسان ارکھلُک خمارا

ہِمَن یِمَن زَن مٕہ ووٚند پَنُن رٕٹھ تِتھے تہٕ وونی کھن کران مٕہ سینز کُھتھ
دِیان پرٛتھی چھُس پَنٕنۍ لیاقت، دِیان تِتھے چھُس پَنُن ستارا

تِمَن گنج تہٕ خزانہ چاٮ۪نی مٕہ نش تہٕ گنج تہٕ خزانہ چاٮ۪نی
کران تِم عاشس آرام تہٕ راحت مٕہ کو تہٕ پنٕنۍ نصیبہ ہارا

تِمَن تہٕ خوناہ دِلاہ زباناہ مٕہ تہٕ چھُ خوناہ دِلاہ زباناہ
مٕہ کیازِہ تھوٚوُکھ وارٕ وٕنہٕ تَس مٕہ تے ژھٔٹن اوس دِلٕک غبارا

یِوان اورہ چھِ زورہ شورہ گٕرٛزان کمہٕ حالہٕ محفلن منٛز
دِیان چھُ انسان بوٚڈے چھُ گُتام یتھو یہ آسان ژھوٚٹے نغارا

چھنہ میانین ہیچھن دالی ہیچھان مرکشتہ ہیچھان بخون ہند ہیچھان بخون کشتیت
پیش نشہ نش تموپ پتیو چھمت لھوان، تتھ ماشہ نہ اعتبارا

گلان رینہ کالہ تا پہ چھک تن، دزان چھکھ دزہ تیرہ ہن ہن
شہتھ ہکن کیاہ، وینتھ ہکن کس نہ چھک رفیقاہ نہ غمگسارا

منگان منگان یم مہ آے برتل تمن گوتہ سہن گمز مہ سرتل
خطا یتے چھم مہ کوز توکل مہ ما غروراہ، نشاہ خمارا

بہتھ کھوژن تم اہ شز کمائی یمن نہ میدان موزور گدائی
دون ژھارہ ہن یم پننہ بجائی گرژھان تمن کیاز ناگورا

منگے نہ موتمے مہ عائش وعشرت، شراب، کباب یاسہ ناز و نعمت
مہ گوژھ غریبن نہ بیکس کیشت بنن گذارا نہ اختیارا

دتکھ ژہ توفیق برادری ہند محبتک لولہ دلبری ہند
دلاہ بخشنکھ دلاوری ہند دلس ژہ ترادنکھ پزنک امارا

شہ ولولہ بہ ہدیرہ وزلہ نیرن پتن پہ سامانہ یانہ ششیرن
فیا منکر یا گھڑ ژھہ پاری پھیرن کوہن نہ بالن تلن غبارا

بہ کیاہ وَنےَ چھےِ خبر ژٕ یہ پانس دِلس میہ کاستم سہ خادِ خارا
خوداہ تھوٗیا بندٕ سندیہ خارٕ سہ آسہ یوٗد بوٗدٕ گونہ گارا

سِتم تہٕ بیداد گمتو میہ بیحد یہ دل چھمہ کہ لد جگر چھمہ کہ لد!
سینٹھاہ بہ وَنہٕ ہے بنُن تہٕ گہرُن وَنے تہٕ ونس میہ چھُنہٕ وارا

یوان چھہ از ہوش میا گُذاد لادٕ ژٕ یتس یوان چھک ستم تہٕ بیداد
اکھاہ چھُم رتھموی منزٕ یہ آزاد خوداہ وتُم یہند بہارا

---

لہ للتادِتیہ ۔ کشمیری ذات کا ایک بہادر اور مشہور فاتح آٹھویں صدی عیسوی میں گزرا ہے۔ (گنجو)

لہ چرخ :۔ کشمیری برہمن پانچویں صدی عیسوی میں مشہور محقق طبیب گزرا ہے۔ (گنجو)

لہ کلہن (کلیاں) بارہویں صدی عیسوی میں مسلمانوں کی آمد سے پہلے برصغیر ہندوستان کا پہلا اور واحد محقق اور کشمیری برہمن تھا۔ مشہور تاریخ یعنی راج ترنگنی" کا مصنف (گنجو)

لہ غنی ۔ ملا محمد طاہر غنی (وفات ۱۶۶۸ء) مشہور شاعر کشمیری

نژاد تھا۔ (گنجو)

۵ شیخ یعقوب صرفی (وفات سنہ ۱۵۹۵ء) کشمیری تھا اور اپنے وقت کا ایک مشہور عام شاعر اور صوفی تھا۔ (گنجو)

۶ بڈشاہ۔ زین العابدین بڈشاہ کشمیری ذات کا ایک مشہور عادل اور نیک بادشاہ گذرا ہے۔ (گنجو)

۷ یوسف شاہ چک (عہد حکومت سنہ ۱۵۸۱ تا سنہ ۱۵۸۶ء) کشمیری نژاد تھا اور چک خاندان کا آخری بادشاہ۔ (گنجو)

۸ حبہ خاتون۔ معمولی زمیندار گھرانے میں پیدا ہو کر اپنے حسن اور لیاقت کی برکت سے بادشاہ وقت یعنی یوسف شاہ چک کی منظور نظر بن کر ان کی ملکہ بن گئی تھی۔ (گنجو)

۹ جمہوری حکومت سے پہلے ریاست میں صاحب اختیار حکام کو عموماً ریاست کے باہر سے منگایا جاتا تھا۔ ایسے حکام رعایا کے حال احوال سے بے خبر ہوتے تھے۔ (گنجو)

# خاباہ، خیالاہ، وہما گماناہ

بتخانہ کعبہ دفتر کتابہ
جنت جہنم پیم روبہ دابہ
میانہ خیالہ میشانہ حسابہ
خاباہ خیالاہ ، وہما گماناہ

سرمایہ دارٔی ہشز پوختہ کارٔی
زور اوارن ہندٕ پیم ضرب کارٔی
ناپایدارٔی بٕہ ژم بازیگارٔی
خاباہ خیالاہ ، وہما گماناہ

بختِ سکندر تختِ غضنفر
سنیاس تپہ ریشہ صوفی قلندر
زنار تسبیح مسجد تہٕ مندر
خاباہ خیالاہ وہما گماناہ

انسان پانہٕ رنگ تہٕ زمانہ
تقدیر قسمت خالی ترانہ
شاہی غوہ لامی ہندی داستاناہ
خاباہ ، خیالاہ وہما گماناہ

چھے شین ہارک دولت حکومت دوہ کھاہ فریبا غائیک محبت

غفلت جہالتھ وسواس وِ حشمتھ

خاباہ خیالاہ وَھما گماناہ

یکسان وحدِتھ، ایمانِ کاٹل یکسان مانان اِنسان کاٹل

عالم دُوییہ مُہند کوٗنی رس مُقابل

خاباہ خیالاہ وھما گماناہ

زولانہٕ یوٚت کال چھے ہا غولامہ رتیوٚت کال ساری جانٕی کارنامہ

شاہانہٕ شوکت درویش جامہ

خاباہ خیالاہ وھما گماناہ

زولانہ کٔریو کرٕمرتن یان ییتیمی سُند حاران پریشان دِل جان ییتیمی سُند

تقدیر، تدبیر ایمان تمی سُند

خاباہ خیالاہ وھما گماناہ

سوٚدرس تران چھکھ حیس کرٕزہ یارٕ ییتھ جایہ داتن چھے وارہ کارہ

تتہٕ گاٹہٕ جبار کرٕ ساری نظارہ

خاباہ خیالاہ وھما گماناہ

دورراہ کرٕتھ گوٚکھ سرمایہ دارہ    شوٗراہ کرٕتھ گوٚکھ خالی نقارہ

بازیگار ثابت زٕہ گوکھ دارہ وارہ

خاباہ خیالاہ وھما گمانا ہ

یم پوش چھاوان پوشہ نُول بُلبُل    رنگس تہٕ مُشکس مُشتاق بلگل

آزاد بُلبُل مانان رتم گُل

خاباہ خیالاہ وھما گمُاناہ

وُچھ[1] زندگی گن کر رائے پھیرِ پانس    پننس زمانس پننس جہانس،

پاتالر[2] واتن پیھٹ لامکانس

خاباہ خیالاہ وھما گمُاناہ

۲ مئی ۱۹۴۳ء

●

[1] یہ بند مسودوں میں کسی جگہ مل گیا۔ شامل نظم کیا گیا۔ [2] پاتالر۔ اہل زمین یعنی دنیا میں رہنے والے 'خاکی' لوگ۔    (گنجو)

# نظم

پوشنُو لو وہ تھوُ ننِدرے    گُل خوشبوٕ ے چھاو سُلہِ گرٕ ے

گُل خوشبوٕ ے چھاو سُلہِ گرٕ ے

گُل خوشبوٕ ے چھاو سُلہِ گرٕ ے

صُبح صادق آو چاو برٕان    گٔنڈِ ہندُے طِلسم لوٗران

ہلہٕ کرٕو نورٕ چہ لشکرٕ ے

گُل خوشبوٕ ے چھاو سُلہِ گرٕ ے

ژاسے تارکھ ژوٗر زٔن ژھینٕ    بینٔلہِ زونکھ اور نو وہینٕ

نارٕ تیٖہ نگل تہٕ بنیہِ تیمبرٕ ے

گُل خوشبوٕ ے چھاو سُلہِ گرٕ ے

گاش دوہ نی آو واش کڈ ژٕہ پکھن    بوز دردک بے پردہ سوخن

کیاژہِ مران چھِک زندہ مرٕ ے

گُل خوشبوٕ ے چھاو سُلہِ گرٕ ے

برأرِموارِل تہ شہپاز چھوان ۔ خارہ چانے ہیچھی ہیچھو چھہ یوان

فند فریب ژھل بند رییے

گُل خوشبوہ ے چھاوُسلہ گرے

ژاے گوژل ییتھ گُلتانس ۔ ہاے کُس وَنہ تس باغوانس

تسُو چھُہ یہ دودُ سے چارہ کرے

گُل خوشبوہ ے چھاوُسلہ گرے

وُچھتہ پییمرِتس ماچھہ زوہلہ ۔ وُزہ ناوتَن سہ کُنہ ژھلہ

شور لاگُس پیھڑ رنگہ لرے

گُل خوشبوہ ے چھاوُسلہ گرے

گرہ ھتہ بیدارُسل پچھے وُنے ۔ اَتھ کُلس تہ کرہ نے گنے

اد ل چون ماگرژھ ہُری ہُرے

گُل خوشبوے چھاوُسلہ گرے

از چھُہ آزادصأ بنین کتھَن ۔ حُبِّ وطنکُ حُباب وتھَن

سوزہ دِلس کیاہ روزہ ٹھرے

گُل خوشبوہ ے چھاوُسلہ گرے

میہ بندٕ رٕنسی منٛز اَکِس اَکِس بندٕ رٕسی وُچھم واریاہ خۄداوند

یِہ چھُمنہ بوزُن تَگان تِہمے لُکھ وَنن خۄدا کیشاہ تہٕ بندگی کیشاہ

●

# نظم

یہ دین تہٕ مذہب ژٕ دیندارو موٗزان غوٗلامی نتہٕ گدأیی

ژٕ بن رتھئے بند یتھ شہ مأکِ ہنٛز وٕنی پانٕہٕ وَن گرٛھی کیاہ

ماہ چھُہ تاوَن غرض چھُہ نوقصان یہے زٕ دُشمن رفیق ژٕ نہٕ اَ رٹیتھ

دِوان چھُہ ہکھ کھیوان یہ خونِ جگر ژٕ چھِہ حاصل یتو یی کیاہ

شہ لاشریک تہٕ تسٕنز یہ قدرت ہمیشہ نُنز دِژایہ آدمس نش

اَما سبب کیاہ یہ ہن تہٕ کونہٕ وَنان یہ آدم چھُہ آدمی کیاہ

سیاہ سفید یا ہنٛز رَنٛگ پرٕ ژٕ ناوٕنے چھا یہ آدمیت

یہ گرٛگُمن تام چھُہ بچھہٕ نیتھ ہیکان ہنٛز کیاہ تہٕ اجنبی کیاہ

یہ یودوَنے کس وَنان چھُہ آدم ننیرٕ وَنکھ کھارنے تہٕ دأرٕ

کرکھ ژٕ پانس طواف تہٕ سجدہ کنِہن تہٕ کعبس نمن وٕ تیرتھی کیاہ

لٛیکھ سرورِ اَہ بنی ژٕ نہٕ نورٕ اَہ پتٕس ظہور اَہ ژٕ چھکھ ژٕ یودوَ

بنکھ یہ بوٗنیرٕ تہٕ شمع پانے وٕنکھ مرن کیاہ تہٕ زندگی کیاہ

میہ بندٕ ہٕنی منٛزٕ اَکِس اَکِس بندٕ ہٕسی وُ ہٕچھم واریاہ خۄداوند

یہٕ چھُمنہٕ بوزُن تگان تِہٕمے لُکھ وَنن خۄدا کیٛاہ تہٕ بندگی کیٛاہ

●

# سرمایہ دارٲری

شاہی غوٗلامی پرٛزاتہٕ رازہ	انصاف تراوِتھ پوٗزا نمازہ
اکھ دوٗرہٕ ترسان بیاکھ پوٗرہ نازہ	یِم فتنہ سارٕی سارٕی تنازہ

سرمایہ دارٲری سرمایہ دارٲری

مُردن چھہ ڈالان زٕندٕ دردہ لولہ	لولس بناوان شورہٕ تہٕ گولہ
کُفرٕ کہٕ تہٕ دینکہٕ کرٕی کرٕی مخولہ	مستانہ رندن گالان ہولہ

سرمایہ دارٲری سرمایہ دارٲری

وُچھ لہرٕ ماران خونٕکۍ سمندر	ترٛاوان کیتھ پایٹھو سونہٕ رنتہٕ گوندر
ویٖران گامہٕ تہٕ آباد بندر	مطلب تہٕ مقصد ڈیوٹھم اندٕ اندر

سرمایہ دارٲری سرمایہ دارٲری

پیٹھ عرشہٕ وولُن تقدیر سالہ	عالم تہٕ آدم کوٗرنس حوالہ
گگہٕ زیرِ ہرٕ تہٕ تگۍ شیر زالہ	ادٕ کس چھ ماران یِمہٕ برٲری ژھالہ

سرمایہ دارٲری سرمایہ دارٲری

یُس دین باوہم گُنز مک ترانہ — سُے دین وایمان زانہ تہ مانہ
ییم سأنی دفتر پرأنی افسانہ — بس لولہ رہتین لولکو بہانہ

سرمایہ دأری سرمایہ دأری

مألس تہ گوبرس دُور ییر چھُہ پاوان — بأیس تہ بأیس نِشہ راوہ راوان
یارس تہ یارس دشمن بناوان — اُلفت محبت بلکُل نہ تھاوان

سرمایہ دأری سرمایہ دأری

شاہ پأز لأگتھ سوٗدرہ اپارے — ماران بُلبُل دیدرہ تہ مارے
دیندار لأگتھ سوٗدرہ یپارے — پرانان مولُن اَتھ لولہ وارے

سرمایہ دأری سرمایہ دأری

انکار کمی شُند دینس تہ دھرمس — کمہ ور چشمہ چھہ محتاج سوہ رمس
یژھ بأگراوان کفرس ادھرمس — پوز لول ترأوِتھ چاوان پرمس

سرمایہ دأری سرمایہ دأری[1]

---

[1] ایک مسودے میں مقطع بھی یوں لکھا گیا ہے ؎

مہجورٔ اُسِنہ آزادٔ اُسِنہ — شاگردٔ اُسِنہ اُستادٔ اُسِنہ

مخمور وطنکی دِلشاد آسنہٕ　　　سرمایہ دأرِی برباد آسنہٕ

سرمایہ دأرِی سرمایہ دأرِی

●

اس مقطع میں مہجورؔ اور آزادؔ کے درمیان اُستادی اور شاگردی کے رشتہ کی طرف اشارہ ہے۔ آزادؔ نے کچھ دیر کے لئے مہجورؔ کو اُستاد تسلیم کرکے کئی ایک منظومات کی اصلاح اُن سے لی تھی۔　　(گنجو)

# "نغمۂ بیدأری"

غرض غوٗلأمی تہٕ افسری ہُنْد     بہانہٕ کُنْزوٗک برادری ہُنْد
سبق تہٕ سامانہٕ کافری ہُنْد     ترانہٕ دینُک تہٕ رہبری ہُنْد

یہ دِلبری چھا سِتمگری چھا
یہ رہزنی چھا یہ رہبری چھا

برادری کِتھ مَشیدہٕ منْدَر     سِتمگری کِتھ قلم تہٕ دفتَر
زہر وٕندِس مثرِ زبان شکر     گلاب اَکھن کیتھ تہٕ نالِ خنجر

یہ دِلبری چھا سِتمگری چھا
یہ رہزنی چھا یہ رہبری چھا

زِیوے وَنان زندگی محبت     ووندس اندر بندگی تہٕ وحشت
نماز پوٗزا رِشتہٕ عبادَت     جہنمُک ڈر اُمیدِ جنّت!

یہ دِلبری چھا سِتمگری چھا
یہ رہزنی چھا یہ رہبری چھا

ڈٕلکس سٕینٛدرٕ تہٕ نِشانہٕ سٕجدُک
دِلَن اندر سِحر سامری چھُک
یہِ مَس موٗدرکُس اکھاہ نٕہ چوٗوکھ
شُہ کُس نٕہ بیدار یُس نٕہ سوٗوک

یہِ دِلبری چھا سِتمگری چھا
یہِ رٕہزنی چھا یہ رٕہبری چھا

چھُہ پوٗز کدٲن نوٗن اَبُز دٕباوان
یہِ پوٗز وَنُن کیاز ماره ناوان
کٔنان وٕہشکہ تہٕ کٔنکھ چھُہ ہاوان
گُنیر تہٕ یکسان راوہٕ راوان

یہِ دِلبری چھا سِتمگری چھا
یہِ رٕہزنی چھا یہ رٕہبری چھا

دوان کنڈٕ ین سنگ بہتھ گُلن منز
وَنان یکسان دوٗیی دِلن منز
غرض عداوَتھ محبتکُ سِتنز
وُلِتھ لباساہ تھوان تھوٗرکمٕنز

یہِ دِلبری چھا سِتمگری چھا
یہِ رٕہزنی چھا یہ رٕہبری چھا

وَنان دِیدس خیالِ باطل
دپان شُنٛدس یقینِ کاٗمِل
خیال مقصود خواب مُشغِل
خیال باطل تہٕ خواب باطِل

یہ دِلبری چھا ستمگری چھا
یہ رہزنی چھا یہ رہبری چھا

حقیقتک رنگ دِوان حُبابس     مُشک مُلان کاغذی گوہ لابس
کران بدنام انقلابس     ہیوان تھُوُن پردہ آفتابس

یہ دِلبری چھا ستمگری چھا
یہ رہزنی چھا یہ رہبری چھا

چھُہ سُور مُلہِ مُلہِ چھوان نُورس     فریب غائبُک دِوان حضورس
خودی وُنان نخوتس غرورس     تھپکان فرعون کوہِ طورس

یہ دِلبری چھا ستمگری چھا
یہ رہزنی چھا یہ رہبری چھا

---

لہ یہ دوبند نہ جانے کِس وجہ سے آزادؔ نے اخبار میں شائع شدہ نظم میں شامِل نہ رکھے تھے ۔ (گنجو)

# پیامِ اِنقلاب

## سوال

کتھ چھہ وَنان انقلاب کیاہ چھہ وَنان انقلاب

## جواب

یہ تھوِ تھ صوٗرتھاہ أسی کتھاہ در حجاب
ہ چھہ وَنان کیاہ کران کیاہ چھہ عمل کیاہ کتاب
کتھ پیٚچھہ وَنان کُفرٕ دینٕ کیاہ چھُہ گُناہ کیاہ ثواب
یی چھُہ وَنان اِنقلاب أتھہ چھہ وَنان اِنقلاب

غر چھُہ کیاہ بندگی، دین، بیٚنہ زندگی
ہ گیی زانہٕ دوٚن زانٕہ تہٕ کرٕیاہ بندگی
عأب تہٕ شرمندگی بندگی چھُہ عذاب
یی چھُہ وَنان انقلاب أتھی تہٕ چھہ وَنان اِنقلاب

بٔرونٛہہ پکھُن زندگی، پردٕ ژٕ ٹھتھ دمبدم
شانِ خودائی تہٕ یوٗد پردہ بنی برمہٕ غسم

پھیرمہٕ پوٚت تُل قدم نیرژٕ ٹھتھ یم حجاب
یِی چھُہ وَنان انقلاب اُتھی چھِہ وَنان اِنقلاب

کانٛہہ چھُہ امیر کانٛہہ غریب کُس چھُہ وَنان کمی یہٕ ہون
کیاہ چھُہ ازل کیاہ نصیب کتھ چھِہ وَنان کرمہٕ لون

ساسہٕ وُہُر قِصّہٕ ترٛاون محض خیال مینِ خاب،
یِی چھُہ وَنان انقلاب اُتھ چھِہ وَنان انقلاب

ہند، عرب، روم چین فتنہ گرن ہیٚند نِفاق
دِین تہٕ ایمان کیاہ؟ لول کُنِس اِتِفاق

زان دُوئی بوٚڈ گوناہ، مان کُنِس بوٚڈ ثواب
یِی چھُہ وَنان انقلاب اُتھ چھِہ وَنان اِنقلاب

دٔرم تہٕ اِسلام چون عرش بنِیہ لامکان
کعبہ تہٕ بُتخانہٕ میون بنہٕ گژھِ ہیندی دُوکان

تۄو چھُہ بناوُن ضرور ، پژون ییلے گوٚ خراب
یِی چھُہ وُنان انقلاب اُتھۍ چھِہ وُنان انقلاب

غاب دِوان پھِے فریب اور مہ کر جُستجو
چھُک ژہ ہزار داستان باغ و بہار رو برو
پھیرِ یمَن شنیمن راتہ مہ گُل بے حساب
یِی چھُہ وُنان انقلاب ، اُتھۍ چھِہ وُنان انقلاب

ہاے کُنِس ضنایہ کوٚر پرأنی موٚدِرِ فلسفن
زندہ مرے مرد بیٹھو مہ رادہ وٕلِہتہ زَن کفن
یوٚد نہٕ لبَن زندگی دفن کرِکھ چھے ثواب
یِی چھُہ وُنان انقلاب اُتھۍ چھِہ وُنان انقلاب

ناو ژہ یہ انسان چھے ہیوند تہٕ مُسلمان کیشاہ
ہیوند تہٕ مُسلمان یوٚد ناو ژہ یہ انسان گیشاہ
زندہٕ ہیتھ زندگی کیا زہ تھاوِتھ درعذاب
یِی چھُہ وُنان انقلاب اُتھۍ چھِہ وُنان انقلاب

عشق کران اضطراب حُسنہٕ بہار چھاوِ ہے

حُسن گلان در عذاب جلوہٕ پنُن ہاوِ ہے

عشق تہٕ گومُت خراب حُسن تہٕ گومُت خراب

یِی چھُ وُنان انقلاب اَتھ چھہ وُنان انقلاب

لولہٕ بہارس گومُت ہردہٕ کھعہ تے زرد روے

حُسنہ خمارس وُچھم غائب گومُت آبرو

اہلِ دِلن ہُند یہ خون سنگ دِلن ہُند شراب

یِی چھُ وُنان انقلاب اَتھ چھہ وُنان انقلاب

نارِ جہنم تہٕ سوہ رگ روز قیامت حساب

چانہِ دماغکی خیال چانہٕ دِلکی یم حُباب

وہم پنُن پانسی چھُے نہ تھوان آب و تاب

یِی چھُ وُنان انقلاب اَتھ چھہ وُنان انقلاب

زندہ گیِن گندہٕ نے دزاے گنبر زانہٕ وٕنی

شان پنیِن زانہ وٕنی پان پنُن مانہ وٕنی

راج پٔنٕن گو کرٕ لتھ خواجہٕ عالی جناب

ہِی چھُ وَنان انقلاب اُتھی چھِ وَنان انقلاب

●

# انقلاب

نو بہارِ کرِ راز یارَن باوِہ پانٔے اِنقلاب
انقلابکُ باغ ییلہِ پھوٗلراوِہ پانٔے اِنقلاب

ہوٗشہِ ییٚن بے ہوش بُلبُل جوٗش مارَن پوٗشہِ باغ
بے دماغَن بے دِلَن سنبھلاوِہ پانٔے اِنقلاب

کیاہ غرض ییٚتھ کُن وُچھن والین کروٗ زارٕی تہٕ زور
دُنیہس بروٗنہہ کُن وُچھُن ییٚتھِ ناوِہ پانٔے اِنقلاب

کَنڈٕی چھکان میانین وَتَن یُس کوٗنہہ تَس بوٗزن تکان
تَس تہٕ مایمہی وَتَن پکناوِہ پانٔے اِنقلاب

لال جُرٕی تَن یوٗنہہ لاگِتَن مالہٕ پھیرِتَن عالمَس
نیاے سارٕی سیتی سیتی انٛزراوِہ پانٔے اِنقلاب

پوٗشہِ گلی کُنبر کری چھِ دُدرہِ متھ نیوٗد دوٗئی ہندہ تاوٕ سیتی
الفتک باراں رحمت ترٛاوِہ پانٔے انقلاب

دُیتھوٗ نہٕ میٲنیو آلوٗو سیتی نندرِ کینہہ کینہہ نوجوان

اَز پگاہ اُکھر تیمَن وُزنہِ ناوِہ پانٔے انقلاب

میٲنہِ سازُک آسہِ تَس یوٗدوے ضرورتھ چھُس تیار

انقلاٗبی محفِلن گرماوِہ پانٔے انقلاب

موخَتہٕ ہارس لولہٕ کِس منز اُسی کینہہ کینہہ فوطہٕ پھٗلی

ژاٗری ژاٗرِ ہیم موخَتہٕ پھٗلی سعہ نِبراوِہ پانٔے انقلاب

آگرٕ اُکہٕ طرفہٕ دَرِی یاوس تہٕ ساٗلابس ژھٔہ پاٗرِ

ظُلمہٕ کین بالَن دہ سَن وسہ راوِہ پانٔے اِنقلاب

شکہ سیتی کینہہ سینہٕ دَدی میتی عشقہ سیتی کینہہ دِل زاٗن

شوٗبہٕ یَس پیٹھ پاٗٹھو تَس شیٖہلاوِہ پانٔے انقلاب

کُہتہٕ وَنان سوزِ دِل وجان کُہتہٕ دَنان سوزِ بدَن

لولہٕ رٔسی تِمن سوزہ والِین ہاوِہ پانٔے اِنقلاب،

نَم تہٕ آزادَس چھُہ کینژھاہ دِل تہٕ کینژھاہ چھُس ژرمان

زندہ اُسی تِمَن تَس تہٕ چھُہ کُھہ بُلراوِہ پانٔے انقلاب

# انقلاب و انقلاب و انقلاب

زندگی کیاہ؟ انقلابن ہنز کتاب      انقلاب و انقلاب و انقلاب
انقلابُو یادِہ کرِیو مذہب تہٕ دین      انقلابُو کُوس شک ہوٗ وُکھ یقین
انقلابکُ معنہِ گُستاخی معاف      چھُے نہٕ باوان کانْہہ تہٕ رہبر صاف صاف
زندگی ہُند اصل معنی اِضطراب      اضطرابکُ معنہِ مطلب انقلاب
گاہےٚ جارَن ختم کرٕ پیغمبری      رُوز باقی شاعری سوداگری
اُسی پَن پننس یقینس پیٹھ فِدا      رُستمِ دستان یا شیرِ خدا
وحدتِ حق ادس کُنِر وک ابتدا      وحدت اِنسان کُنِر وک انتہا
باغوانس شوٗبہ تھاوُن عقل و ہوش      ابرِ نیسانس پیٹھی کُنڈِ ہِ تھٕو چھہ پوش
مسٕولن یاوُن گلالن ماتُشزِہ نَم      سُنبلن ماتم، بنفشن کارِہ خَم
نو بہارَن وحدتُک ییلہِ دِیُت ظہوُر      دأدی ماتم شأدی غم، گُر سُند قصوُر
وُچھ خدائی یادِہ گیِہ کأتیاہ خدائے      آفتابکۍ نورہٕ رنی کرٕ یادِہ ژھائے
ہوش کرو ہمَن گمانَن تھاد گوش      گُل ژٕٹہِ تھ نیران اَندرٕ اَندی زیج جوش

بڑونٹھہ ڈُکُن یکھ دردہ باغن بَرٕ مُژٕر
پھِکے بنے ہرش پردہ ہِش پننی نظر

بے غرض دینداره مُسند مقصد چھُہ وپاک
بے غرض انسانہ مُسند مطلب چھُہ بپاک

بے غرض دینداره مُسند ایمان خودا
بے غرض انسان انسانس فِدا

ییمہ بہارن شین تژاوِتھ ڈوڈھ ترٕوو
پوشہ باغی زانہ تیمہ کُس داغ تھوو

اکھ تہٕ مارِس، بیاکھ مارِس دارِ خُون
ژھاولِس تیرِس ہٕہے ہیچ رامہ ہُون

خُونِ مردم تھوو تو نُن حلال
رٕتھ حیوان پادرِ سہن کم ذاتھ شال

بندگی ساوان موتیچہ نیندر سے
زندہ دِل عاشق چھ گاٹہ متہ باثبرے

واے مجبوری، غمہ لاٗمی، بندگی
بیقراری، بے کسی، شرمندگی

دل پریشان، عقل حیران ژُو خراب
بندہ گی منز زندہ روزُن بوڈ عذاب

پَردہ ژٕ ہٹہٕ دِلکین حُبابن تُل نقاب

انقلاب اُن انقلاب اُن انقلاب

۱۳ جنوری ۱۹۴۶ء

# انقلاب اَن انقلاب

بندہ گیے راوٕ روو زندگیے ہُند حساب

انقلاب اَن انقلاب انقلاب ان انقلاب

زندگیے بِنِس گوٚناہ بندگیے ہُند حساب

انقلاب ان انقلاب انقلاب ان انقلاب

دین پٔنُن زندگی دھرم پٔنُن زندگی

زِندہ زُوَن مرنہٕ بُرونٛہہ موت انان بندگی

گرٕھ مہ پریشان دماغ کرمہٕ پٔنُن دل خراب

انقلاب اَن انقلاب انقلاب اَن انقلاب

غور کر اے نوجوان بور پٔنُن چھُے گوٚبان

دورِ زمان چھِے ہیوان سخت گُذُر امتحان

نِندرِ تُلَن وٲلی چانٛی یانٛہہ گمتو مستِ خاب

اِنقلاب اَن ا نقلاب انقلاب اَن انقلاب

پرٛژون گوٚمت چھانوان رنگہٕ تہٕ مُلہٕ مایہِ سیتو
دردہ چمن چھا پھولان ہردٕ چہ گگرایہ سیتو
تازٕ کریاہ یاونس غازہ اوٚلٹ یا خضاب
انقلاب اَن انقلاب انقلاب اَن انقلاب

قصٕ تہٕ افسانہ پرٛاَنٕ پنجرہ تہٕ زولانہ ساَنٕ
زہرہ بُبرتھ شہمار دٕزٕنیتھ یوان نندہٕ باَنٕ
پوشہ تھرٕ کیاہ بکار سازہ گرٕ ہُند ٹھباب
انقلاب ان انقلاب انقلاب اَن انقلاب

سوزِ جگر مارہٕ جوش سازِ دلن ہندی وَزن
دردہ نَین پھیرہٕ ہوش پردہ فریبکی دَزن
پردہ ژٹان بٕروٚنہٕ پتھ تراو قدم تُل حجاب
انقلاب اَن انقلاب انقلاب اَن انقلاب

سجدٕ کمن چھک کران خوفہ کہٕنٕدٕ چھک مران
لول چھُہک باَگران بٕرانٕدہ کنین سعن جرٛان

آسہِ تہند خوٗن سۄ رخ چھےٗ ژ ہ رگن منز یہ آب

انقلاب ان انقلاب انقلاب ان انقلاب

یان پنن پرزٕ ناوِ چھاو پنُن لولہٕ باغ

داغِ غنچہ لاٗمی ہٹاو ہاو پنَن دل دماغ

چاٗنی خیالَن ہناوی خواجہ، امیر، بڈی نواب

انقلاب اَن انقلاب انقلاب اَن انقلاب

صبر کران ژاٗلی ژاٗلی زیادٕ ستم کرنہٕ آو

خوٗن جگر ہاٗری ہاٗری پیالہ دِلک برنہٕ آو

زہر سپنہٕ زندگی رود نہٕ وۄنی آب و تاب

انقلاب اَن انقلاب انقلاب اَن انقلاب

کیاہ چھ کران کیاہ وَنان اہلِ وطن دیندار

وُچھتہ اُچھو کیاہ بنان کرٕ یوٗ ظٕ ستم لوٗٹ مار

ہاٗی ہندِس جگرس ہاٗی کرٕنی ہیتو کباب

انقلاب اَن انقلاب انقلاب اَن انقلاب

ژیشہِ کنے خوٗن چوٚن عائشہِ متین چھا رُوا
مارہ گژھن بے گوناہ عارہ کتین چھا روا
ڈرمہ ییتھین مذہبن دُورہ بہتھ کر جواب
انقلاب اَن انقلاب انقلاب اَن انقلاب

● سورسیار - ۲۸ ہر اون سنہ ۲۰۰۲

ے غیر کشمیری حکمران اور صاحبِ اختیار حکام جو غیر ذمہ دار نظام حکومت چلاتے تھے۔ (گنجو)

# سوٚن

افسانہ دردو سوزُک بوز میانہِ دوستارہ  دادِ یوٚ دوٚ کھوٚ مبہ بدنٔس کوٚرمُت چھُ پارہ پارہ

بٔیلہِ تن دِژم بلایَن دادِن غمَن تہٕ نِشایَن  ادہ شوٗبہٕ دارِ جایَن دوٚنٔس بہٕ وارہ وارہ

گوٚشَن اندرِ حسینن بیہِتھ شیرہ نازنینن  ٹِکہ اَسہِ وٕژمِن جبینن خوٚشبوٚ ہنگن طوٚمارِن

میٖوٚنے چھُم لوٗب راجن بخنا وٕرَن تہٕ تاجن  شوٗب میانہِ سیتی تاجن تٕرِ بیہِتھ مٔلکہٕ رٕپہٕ شہمارہ

سامانہ چھُس خزانَن، دولت گرَن، دُکانَن  یِم قدر میانؠ زانَن روزِن ہمیشہ وارہ

رِنشہِ تنگ دِل کمینن مُوٗ ٹھُس بہٕ تل زمینن  نوٗرِ دولتَس نٔوِینس تھوٚوُم دِلس مبہ خارہ

کھوٚتہِ ہنرِ روٗ چھُس بہٕ کانو چھوٚکرُس تہٕ ٹوٗ طُفانو  ژورُس حسابِ دانو کوٚرُس بہٕ تماجہ نارہ

اَزلَن کرُم عنایت، نرمی، شرف لطافت  گالان توٚ سے مبہِ داوٕتھ زالان چھُم نیگارہ

رِنیرِ تھد ٹوٚ کوٚنہٕ نارو، منزِ یوٚ، چھیوٚ کوٚ ازارو  کھوٚرُس بہٕ پوٚختہ کارو ٹِکسالہِ بیہِتھ دُبارہ

بٔیلہِ زوال میانؠ یا نَن ادہ مُول دِتم جہانَن  سمبارہ کیٚت دُکانن میٖوٚنے چھِلان گُذارہ

گٔنیرِ کِ شہرِ بساوِم آبِ حیات چاوِم  دِلہ ویرِ زہر کھیاوِم دوٚ گٔنیارکے شرارہ

چنگیز خان سکندر شیرِ ژیان سُہ ہٹلر  ڈٔلؠ ہوشہِ کیٚتی گندرِ گُرُ میانہِ خارہ خارہ

دولت وَتنَ چھکان چُھکھ میٲنۍ کوٚمہ ٹھوٚکان چُھکھ انسانیت ھٔکبکان چُھکھ بیکار نابکارہ

بَرہٕ نَکھہٕ ژٕ محنتک دَم ہیمہِ ہے پرَن ہَر دم وَنہٕ ہے قبوٗل کرَتم کرٕہے بہ زارٕ پارہ

چھُس قومہٕ درتیَن بہ جوٗرُ مُت چانےٚ خیالہ ژٔیی رٔکیت افسوس چُھکھہٕ ژٕ دوٗد بے عارہ میانہٕ نارٕ مُت

سَرنُل تہٕ سوٚن بہانا ژٔیی رٔکیت چِھہ امتحانہ انسانہٕ چُھکھہٕ ژٕ دانا بس عٲقلس اِشارہ

آزاد چون غم خار ھُکُو یاد لولہ اسرار

گاہ گاہ یِنےٚ ژٕ یہ درکار یم نوۍ کتہٕ پوٚختہ کارٕ

● سور سیار - ۱۳ - ۱۴ ساون ۲۰۰۴ء

# میٲنی سلام نکھنا

کیٛشاہ کرہٕ لولہٕ نارٕس                دِلہٕ کٔس غمٕس تہٕ خارٕس
گُل خندہ گُلعذارٕس                گُل روے دِل قرارٕس

ہا صبحکے ہَوا وو
میٲنی سلام نکھنا

یتھ وارہٕ بیٚنہٕ ہَرٕتھ پوشِس                گے پوشنوٗل خاموشِس
سُنبل، بنفشہ، سبزپوشِس                گے جایہٕ جایہٕ بے ہوشِس
ییم ژرِیشہ ہُتو چھ پٕراران                بے اختیار تھاران
کستوٗرٕ، جَل تہٕ بُلبُل                ہاران چھ خوٗن بُلبُل
ہوٗکھ آب دُردہٕ جوٗیَن                پھُٹٕرِ پیالہٕ لالہ روٗین
ژٔلہٕ تاو لالہ زارن                لگہٕ چاو جانوارن
ییہٕ شوٗب پوشہٕ باغن                گژھہ فرحت ہاہ دماغن
کیٛشاہ دُوٗری نوبہارٕس

## مِیانۍ سلام ونِکھنا

عاشق چھہ اَھسرٕ نیمتھ غاکَس اَندر رٔلے ہِتھ
دِل چھکھ وُداسی گاہِتھ فِکرن اندر بوڈے ہِتھ
بے وایہ شیر مَردن زولانہ گےٚ بہ گردن
نگو زالہِ والہِ واشے ماران سِہن چھہ لاشے
تدبیرٕ وألی کران سۄنز تقدیرٕ سپے رَبے مۄنز
وِنی وِنی وَنان وَنوکَس وُدی وُدی وُدان نِصیبس
نگو خام کار پامُن شہرَن اندر نہ گامُن
تَس دَردٕ پوختہ کارَس

## مِیانۍ سلام ونِکھنا

غمہٕ کی ترانہٕ پُری پُری دِل گاکھ وارٕ مُری مُری
چھکھ جودگار ژٔری ژٔری پشالہِ اَنان بٔری بٔری
کم دِل ہۄشار چاوِکھ بیدار نِندرٕ پاوِکھ
مژٕ راونا شکر لب ژٔلہِ ہا یہ ہوکلےٚ تب

حیسہ پھیرہ رہن یتے رتھ ہوشہ یہن سعہ تے رتھ

ژلہ شاف لولہ شیرن ماران ژھالہ نیرن

ہُشیار نامدارس

مِیانِی سلام نکھنا

ٹرِ پیٹھ گومت یہ پہلاب سوزِ جگہ چھُ نایاب

گردشس کران یہ گرداب بے تاب دِل چھُ درخاب

کیاہ سنہ کمہِ دِتھ شاف ژاوِتھ چھہ موتنی ڈاف

نچکھ نالی وہہ کی زال خوفکی سَرف وِلتھ نال

لولس کران بدنام بوزہن منگان چھہ بادام

کوت لولہ ولولہ گے رتم غم کمن دِلن پیے

تس لولہ غم گسارس

مِیانی سلام نکھنا

زُد جان وندس بہ پادن کن تھاوِہ ناسہ نادن

مُژ رِتھ یہ سینہ ہاوس یم غم تہ اداکر بادس

دیوہ نیرہ نمَ دِلکو شُر — اَز نَے سُہ وانہِ اَدہ کر
گومُت سیٹھاہ چھہُ بیداد — اَدہ کر سُہ بوزہِ فریاد
بے چارہ دردمَندَن — سنگ دِل چھہ ہالہِ گِندَن
بے رحم سانِنو پرزن — سانِین دِلَن تہِ جگرن
ہیتھ چنگ و نَے رباب — بوزی بوزی کران کباب
یَزہ ہا نہ یوٗت فراموش — شوٗر بہ ہا نہ یوٗت خاموش

غم خار دوس دارس
مِیانی سلام نِکھنا

کیاہ کرہ لولہ زر چھُم — سوزہ بَرِتھ جگر چھُم
کوتاہ وَنس ینُن حال — ییتہِ حالہ گوم یُتھ کال
زردیہ کو تہِ نالہ زاری — کیٔتہِ چھُم نہ اختیاری
زاری تہِ مِیانی خاری — دوہ کھ دأدی تہِ ضرب کاری
دِلدار ہیوٗن بوزیا — بوزِتھ دوا تہِ سوزیا
آزاد خستہ گومُت — چھُے در عذاب پیومُت

پھیران چھہ کتھہ شہارس    پتھ لولہ تاجدارس

ہ صُبحکے    ہوا وو

میأنی سلام نِکھناؤ[1]

●

---

[1] نظم شاعر کی نظرِ ثانی سے محروم رہ گئی ہے ۔    (گنجو)

# مێوٕن یاوُن

سُلہِ پھوٚل یاوُن میون گلہٕ نُوراہ سَن دِلہٕ گوم سُنز زُوراہ اوس
اُتھ چھُس مُوران بال مستُوراہ

بوٚل بوش کرہٕ وُن لولہٕ کستُوراہ بلبُل با شے کرَان آو
روشہٕ روشہٕ پوشَن گوٚتلِتھ وِیُوراہ

یاوُن میون اوس ببرے ڈُوراہ ڈوٚلھ کھوتہٕ کرِ نُولھ سیوس ہَردُن واو
یاد ییلہٕ چھُم یِوان چھُم گرٛھان سُوراہ

یاوُن میون اوس نارہ تندُوراہ نارہٕ دٕزہٕ مَلہٕ نِے خارہٕ تھاوان
جوش ییلہٕ سوریوس پھٕکھہٕ موٚزُدیو سوراہ

یاوُن میون اوس لولہٕ بُہ مبوٗراہ حالہِ اَکہٕ چمنَن ڈالہِ ماران
یثمبرزلہِ رنی ہُند اَندرِہ زُوراہ

یاوُن میون اوس سمہٕ نہٕ کنہٕ دوٗراہ نازنین پانُس گرٛایہٕ ماران
دمہٕ تارہٕ کوزمُس وارہٕ گورہ گوراہ

یاوُن میون اوسس آو لِہٕ گیوٗراہ کَم کَم وَلہ وِیر وَلہ نے آس

تُتہٕ آزادس تہٕ رُوٗد کُھوٗرہٕ کھوٗراہ

•

# عید

دیدار پنہٕ نِس یارٕ سُند ہیے ناسب یارَن عید    سازٕ اہ مُرو داد شادیانہٕ روزٕ دارَن عید

باوان کم کم راز بولکی دِل ہمشارَن عید    کم نوکتہ دردکی بوزہ ناوان خستہٕ کارَن عید

ژاوان ژُٹھ پردٕ ، ہاوان شانِ دِلبری

یعنی چھ بنان ہندگی بیچارہ گدٲیی

ژاران اَکِس رنگہ رنگہ نعمتہٕ تہٕ ضیافژ    گرٕ ند چھُس یوٚن کیٖژہ کھین ند روزِس کمٕژ

غمگین بہتھ بیاکھ چھُ بیچارہ کران سرٕژ    روشان خُدایس تہٕ چھُ توشان قیامژ

ہاران اَکھاہ خونِ جگر بیاکھ ماران ہنڈر

اَکھ ژریش ژھاران بیاکھ چھُ ژاران دعوس گنڈر

تھدِ پایہ دزان جایہ اَکِس میوٕ کھٹہٕ مودرسوز    تہتھ ژھایہ بٔنیس جایہ گژھان آہ جہان سوز

دُچھہ وارہ و پچھن شالِہ بیہٕ نظارہ دماہ روز    پامال گژھمژہ زندگی ہاسہٕ کنہ جوز

مدہوش چھِ مے نوش کمَن زیر و بمَن منز

کم نیوشہ بدَن روشہ گلان دردو غمَن منز

اکھ دزاو ملیتھ مشک وُلیتھ تاس اطلاس چھس عید زلیس داغ پھلیتھ باغ دِ لگ آس

زھاین تہٕ گزاین چندہ چھونی ہماوُ چھنہٕ درایس اکھ نوُرہ ڈکس پوُرہ ملیتھ چھس پتہٕ غمک سایہٕ

بے واپہ بے پروایہ یہ کیاہ چاٹی خدائی

پزی پاٹھو بے کس بندگی بیچارہ گدائی

چھس بندہ بہ شرمندہ ونے کیاہ تہٕ خداوند تہ ٹھیک تمن سنگدلن یم چھ غرضمند

چھے دین تہٕ ایمان پھند دِیار ستم فند یم سینہ بران کینہ وُنی چین عرب ہند

کینس چھ ونان کفر تہٕ کینس چھ ونان دین

ملہ وان مے معرفتس بنگہ تہٕ افین

زینان تہٕ کماوان چھ یُس دوُرہ رُتہ رتس للہ وان چھ کم ضرب جگرہ زانہٕ تسندٕ پان

بیاکھاہ چھ پھیتھ شاد، نہ زینان نہ کماوان بے کارتہ دل جمع، جگھن وول پریشان

تہ فاقہ مران یُس چھ ہران خوُن رُموکنی

کُس خوُن جگرک خوُن اُچھو کنی تہٕ نمو کنی

کیاہ عید تمن نیزہ تہ اہر یزہ یمن آے صد پارہ جگر پارہ کرتھ وارہ یمن دزاے

یم زندہ مرے فاقہ پھرے لہ دوان آے کینہہ آدِ رنین واتی تہٕ کینہہ اندمزار زاے

ژاوان گلن آرہ ڈلن ہا ے غریبی

گاشس چھ کران گٹہ تاپس ژھاے غریبی

یمہ شادہ یم شادیانہ وچھتھ کیژ گژھان شاد گر    غم غوصہ ژلان وارہ بلان دادٕ لدٕن دادی

بے دردہ یہ چون پردہ چھ الحق ژھایہ غمکٕ لادٕگر    یم رنگ چھ نیرنگ طلسمات اپزٕ کر جادی

تل پردہ نظر ژاو وچھکھ بیشاکھ جہاناہ

زانکھ ژہ یہ شادیانہ چھ وہما تہ گماناہ

آزادہ ژہ غم ژاو چھ از عید جہانس    ورتاو ہنن شوق بہتھ لولہ دکانس

توشان چھ مدہوش گمتو رخت شہانس    دوہ تارہ بنیہ توشہ تن زنگس تہ زمانس

پھیر نہ نیرن شیر ژیان دردہ نین منز

پژھ لاوی ہا پتھ شال بنیہن ژودرہ کھین منز

لگہ پوشہ ونن پوشہ گلین تازہ پھلیہ جوش    پوشنول بولن ہوشہ ین بیہوش تہ مدہوش

بنہ شادی گژھن دادی تہ غم غوصہ فراموش    سوے عید چھے دشہ ہار سے نوروز ژہ تھتھ توش

پوزا چھ گنہ لولہ تہ انصاف نما سازہ

نتہ کلمہ زکواۃ روزہ تے حج بوز طنازہ    (۱۲ دسمبر سنہ ۱۹۴۳ء)

# انجام ہوس

خمہ شبنمے گُلاہ ڈیو ٹھم داوم خاموش بینہ شایے — روپوش دِلکُ سُنز زُور پوشن تہ کنڈین تھاے

مُشتاق چمن تَس کُن مُشتاق سُہ پأنی پانس — ماران تیہند یاوُن ماران سُہ نیلہ گرٲے

للہ وان بھَتراہ تیتھ پأٹھی تسٲ اسہ لیے اندَر — ییتھ پأٹھی زہ موموس مو ہیو چھ کران دأے

چھاوان پنُن لوہ کچار بھاوان بین لادن — تس بایہ بدلس بھرپور وُنہ سُود تہ سرٲے

نظارہ کرِتھ مُشکھاہ ہیتو تمس تہ گیم شادکر — گو سنگ دِلس میأنس تاثیر خبر کیاٹے

کس بأرزند سندس پوشس آرام کنڈین اندر — کیتھ پأٹھی دِل آزارن تراوان پنُن سایے

بے کینہ دِلکُ پُر نور آئینہ مقابل ہیتھ — للہ ناؤہ زہ منز سینس ہمہ گرایہ تہ ہیمہ تھاے

یُتھ پوش ہنگ تھرو کر ہن لاہ تہ میٹھا بزنہ زیس — وندس میہ گنان اُسم گرتہ تارہ پیٹھاو راٲے

تقسیف ہیرہ میہ کرنہ لنجہ کنڈِ خستہ کور سُم پنجہ — دوپہم میہ کہ اے نادان کمہ گرایہ ووُلکھ مائے

یُس یار دمہ ہن تارن یارانہ کرتھ راوان — کرشوبہ کرُن تس پتھ اوقات پنُن ضایے

زن خاب وُچھان اُدُس بیدار پہ بوزتھ گوس — کمہ کام رُمن جأری رُد تہ وُدمیہ تمہ جایے

مسؤل تہ یتیم بِرزِل اُسہ لب خندہ کران یعنی — افسوس نظر بازن سمہ رمہ چھیہ وتان مائے

# دُشمن

هرُد بہارس تہٕ ماگہ ہارس ہمیشہ نارس چھُ آب دُشمن — شریف اَسِنۍ رذیل اَسِنۍ چھُ دُشمنس کیٛتھ عذاب دُشمن

نہٕ دُشمنی دُشمنس چھہ ماران نہٕ دوستی دوستس چھہ تاران — زمانہ وقتس چھہ پزاران گتھان پانے خراب دُشمن

گتے چھہ دفترٕ کتنی فسانہ مگر وُچھتھ گردشِ زمانہ — بنان اسمانچین کتابن چھہ آسمانی کتاب دُشمن

گٹہٕ پتہٕ گاش ژھوٚنہٕ چھہ دِوان چھہ راژٕ اَخرٕ دہٕ ہا یتہٕ لوان — چھہ راتہ موٚنہ غلس بنیہٕ نحوست دپان چھُہم آفتاب دُشمن

یہ دین، ملت، وطن، حکومت، خوٚداہ، خدایی ازل تہٕ قسمت — نقاب کٲئناتہٕ حقیقتس بیٛہتھ تھوان ییم انقلاب دُشمن

گران پنجرہ تہٕ گران بہانہ تھوان بُری بُری چھہ حیلنہٕ — ہوا چھہ نارس گران پانہٕ دِوان ییم بیحساب دُشمن

ہیٚچھِم کتابن تہٕ دفترن منز وُچھِم مشیدن تہٕ مندرن منز — چھہ دوستی ہُند لباس لٲگتھ کران جگرن کباب دُشمن

غریبہ سِنز دُشمنی رذالت امیرہ سِنز دُشمنی شرافت — غریب مجرم خراب دُشمن امیرِ عالی جناب دُشمن

غریبہ سُند پوز وَنُن بغاوت امیرِ منصف کران عدالت
سُہ تے چھُہ تیمنی کران حمایت دِہان ییمس نِش جواب دُشمن

۲۴ ستمبر سنہ ۱۹۴۴ء

بے درد نظر ژاوان حُسنس چھُ کران پردہ
بے پردہ حیسِن ہُند چکہ چادر تہٕ مُلہٕ ماسے

۱۰ جون ۱۹۴۵ء

"فریب نظر" کے عنوان سے یہ نظم شایع ہو چکی ہے۔ (گنجہ)

# یاوُن تہٕ بجر

گولاباہ وارہ ہُند یاوُن بجر سوسُن مزارن ہُند

وچھوان یاوُن کنڈین پوش بجر پوشن تہٕ خارن ہُند

چھُہ یاوُن شراونچ گرمی پھُلے ہرچِہ ہوا سوتُک بجر کیاہ تیر ماگچ سور پانژالن تہٕ نارن ہُند

چھُہ یاوُن ولولاہ سوزاہ ژھٹان بے تاب سوزک جوش بجر آہ تہٕ فغان یعنی صداے سودہ تارن ہُند

چھُہ یاوُن نار لولُک سوز دردُک جوش امارک بجر سوداہ چھُہ تمہ نارک تمن شعلن ہنگارن ہُند

چھُہ یاوُن راے بے پرواے ژھوٗرہ ماران سمارس بجر کمزور بُزدل تختہ مشقاہ زورہ وارن ہُند

منوشاہ پوشہ متوت یاوُن چھُہ تہٕ شان تازہ گُلزارن بجر داغاہ تہٕ افسوساہ برہ گمتین بہارن ہُند

چھُہ یاوُن زندگی ہُند باغ چھاوُن عاشقن رندن بجر کیاہ؟ بسی تیوٗ نشہ دور غباراہ دیدارن ہُند

چھُہ یاوُن تازہ خوناہ زندگی ہُنزن رگن اندر بجر اندری دوہ دور تقدیرہ والین الکارن ہُند

چھُہ سودرک آوہ لُن یاوُن تُس پتہ گیتہ کران یانس بجر گرداہ غباراہ ہو کھمتین نالن تہٕ آرن ہُند

چھُہ یاوُن چاو جولانی بجر حسرت پشیمانی بجر مجبورین ہُند بندہ یاوُن اختیارن ہُند

توٚے[1] آزادین لوکس کران ساری خریداری چھُہ از یاوُن متوزورن ہُند بجر سرمایہ دارن ہُند

---

[1] ایک مسودے میں یہ مصرعہ یوں درج ہے "یمن پوشن تہٕ باغن توٚرشہ ناسہ میون یاوُن را گے



دگہ

# موٗزورو

سرمایہ دارس مار موکھار بارہ موٗزورو
ژٕ پتھٕ کانسہٕ پننے پان نارٕ تہٕ مارہ موٗزورو

شاہانہ رختن چھُو پٕنٕہ جران خوٗن جگر چون
چاےٚ نٕ تال دٕزہِش تاپہٕ عسرتہٕ نِنہٕ وارہ موٗزورو

ہا کینہ رستیو چھےٚ ژٕ پہٕ زخمن دارہ پکان خوٗن
بیٚییہ سینہ داغرتھ چھکھ ژٕ اَتھہٕ تلوارہ موٗزورو

چھُکھ شانہ بدلیو انقلابُک تیز طوفانا
دیوار لٹھاسان نیرٕ وٕ یَتھ کُنڈہِ وارہ موٗزورو

غارت ژٕہ کرکھ باج سوزی لامکانکُ راج
دامن ژٕ یہ کُن محتاجہ پٕندی پاٹھو دارہ موٗزورو

یتھ زیادٕہ لاگکھ نرم روزکھ سادٕ گیمن منز
تیتھ زیادٕہ پکن چھےٚ دوہے بیگارہ موٗزورو

چھکھ انقلابٕچ اکھ کتاباہ اَتھرٕ کیٚمین منز
چھی تازٕ ورقن منز گندان ژھیپہ ژھارہ موٗزورو

چھُکھ پانہٕ سوٗدُر پانہٕ لُدر پانہٕ جوٗاَہرٕ
چھکھ حسرتن منز پانہٕ خم دِتھ کارہ موٗزورو

پننِس سونِس منٛز پانہٕ کران چھکھ ژٕ زبران جاو
غم چون کمس باوٕہ ژٕ یہ کُس کھارہ موٗزورو

چھکھ آفتاباہ نور ینن ہا وجہانس
سُنز ژوٗرٕ پٕندی پاٹھو چھکھ پکان ژٕ لہٕ لارہ موٗزورو

افسانہ پننُن پانہٕ پرُن پانہٕ کرُس رأےٚ چھو
ژھیپہٕ ژوٗرٕ نیوان چھی ورق تھَپہ تھارہ موٗزورو

خوشباش عاشق دیوُر تلان حُسنہٕ گلزارن
آزاد عاشق چانہٕ لوٕ لچہ دارہ موٗزورو

# صُبحِ صادق

صُبح پھۆل مُسوٚلوٚ تھوٚد تُل نقاب آہستہ آہستہ — تُلُن ہیٚوت بُلبُلو چنگ و رباب آہستہ آہستہ

گتہٕ ژٕنجہ سنگرو پتہٕ گاش آو ہاران نوٗرِ پھتھ — ژھیپن ژاوِ ظُلم نۆن دراو انقلاب آہستہ آہستہ

گتہٕ زوٚل راتہٕ ژہند ژوٚل گاش پھۆل آگاش گوٚر و شِن — مُشِتھ گو سارِنی یارن سُہ خاب آہستہ آہستہ

گتے منز بٔرم دِوان اوس سنگدِل شبرنگ جادوگر — گژھن تھہند طلسمہٕ ہیٚوت خراب آہستہ آہستہ

اُڑن دُرزن تہٕ دِدہ ریٚنز راتہٕ کرِ یوٚ راتہٕ موٚغلوٚتہٕ ہیٚوت — نیٚبون ہیٚوت پوشہِ گوٚ با حساب آہستہ آہستہ

دِوان وٚنی کس نِگارس اُسی تارکھ نوٚرہٕ مشعل ہیتھ — یہ کمر سینہٕ جلوہٕ رتی دِیُتھ لُک حجاب آہستہ آہستہ

امیر و خویش ہوا ہیٚوت چیٚون غریبو یارہ بل نیرو — مستہٕ چھہ پیو عاشہٕ مِتی گے مستِ خاب آہستہ آہستہ

جہانس تنبہ لاوان میون دِلبر جلوہٕ ہاوان دراو — پھولان دِل چھم ژلان اندرم حجاب آہستہ آہستہ

ڈیکہ پھولوٚن دمن اسروٚن تہٕ کھٕ وٚن مأرِ مۆند یاوُن — پھولان زن وقتہٕ ورزہٕ پھولہٕ وٚن گوٚلاب آہستہ آہستہ

دلو دِلدارہ سالتھاہ روز تم کیاہ بوزتم زأری — بہ وایے سوزہٕ سان لولک رباب آہستہ آہستہ

فقیرن برہمنن سادن پتہ پتہ راو رِتھہ آدن

ژٕ یہ پُتھ نیرِتھ کوٚر آزادن جواب آہستہ آہستہ (اکتوبر ۱۹۴۲)

# جلوہ

دِلبھ جامہٕ نوٕی نوٕی ژلتھ پَردہٕ ہاوُن پنُن جلوٕ ہنیوت دِلبرن وارٕ وارٕ

بَرِچھ لولہٕ پیمانہٕ دیوانگی ہندی دِتِنُ زندٕ دِل گوٚندرُن وارٕ وارٕ

سیاہ چشمہٕ شوٗبان بُری بُری خمارٕ کران مارٕ ونجر یمن ہندی اشارٕ

چھُہ کیاہ چارٕ ییمبرزلن بادمن ہند کڈُن کش ہنیوتُن خنجرن وارٕ وارٕ

کوٚرمن فِتنہ برپا کوٚرُن کونہ پروا کوٚرُن نِندرہٕ بیدار شہہار یعنی

کوٚرُن شانہٕ پیچانہٕ خمدار زُلفن کوڈُن واش پیچن وُرن وارٕ وارٕ

نوٕی گرمیاہ ژٕ نووٕے آب تاباہ چھُہ شوٗبان تس حُسنہٕ کس آفتابس

نووٕے جوش لوٚگ دردہ پوشُن منوش نوٕی گرمیاہ بازرُن وارٕ وارٕ

یتھے یا ٹھوٚیدٕ ہاوٕ دیدار دیدن پھُٹن تیم طلسمات غائب کرٕ فریبک

کرُن دوٗرٕ دوٗرے مسلمانٕ برہمن سلاماہ تیمن کھنڈرن وارٕ وارٕ

دِنتھ تھاوٕ برٕ گاٹلموٗ رژ مشالاہ کمٲلس زوالاہ زوالس کمالاہ

ڈلمھو سیتی کوٚت کال اسادہ روزُن پتھر یمون چھُہ پرٲنین گرن وارٕ وارٕ

پیوان جوش جوین کہ لن ناگرادن ٹٔمبتھ پھ بنان تیز رفتار دٔریا
بران چاو بیون بیون وسچھتہ تا وہاوک شٔرپان تا وہ ڈکریٔ ندن وارٕ وارٕ

ژلاٗنی کران اُمی یِم ژرانہٕ ہوگے تیمہ ہیوت پکُن بروٚنٹھ کُن روگہ روگے
تسلی گژھان آسنہٕ پِہ رنگہٕ ڈیشتھ مُشیدن بتیہ مندرَن وارہٕ وارہ

مرُن عاشقن ہند چھُہ اوبرک نقاباہ تہٕ ہنز زندگی پوشہ دُن انتاباہ
مرُن تہٕ کٔلن وانہٕ شمعن تہٕ ژانگن مَران آیہٕ ساگرٕ د مرن وارہ وارہ

پَران میأنی افسانہٕ آزادیٔ ہندی کران خندہٕ ہن سیتھاہ جانٛی بندہ
کرُن غور اقرار کیٚنژٕ دٕ کرُن ہیوت تہٕ پتھے پاٗ ہٹی سأزہٕ کرن وارہ وارہ

۵ فروری ۱۹۴۵ء

# "وۄنھ علم پَر"[1]

ترٛاو غفلت غافِلو وۄنھ علم پَر — عِلم چھُے دولتھ تہٕ عزت، عِلم پَر

علمہٕ سیتی زانہٕ ہیٚن پننُے خۄداہ — علمہٕ سیتی نیرِ پَچون مطلب مُدا

عِلم یتیم پوٚرتس چھُہ دُنیاتس چھُہ دِین — بێیمو نہٕ کێنہہ پوٚرتس نہٕ دُنیاتس نہٕ دِین

ویرِ علمچ لاگ بُلبُل تے بوٚمبُر — نیر گوشَن پھیر دوٚشَن تُل زٕرہ وُنیور

علمہٕ کِس باغَس دوٚہے آسان بہار — علمہٕ کین پوٚشَن اندر چھِنہٕ کنڈ نہٕ خار

علمہٕ کِس گنجَس زوالُک چھُے نہٕ ڈر — یوٗت خرچاوکھ تہٕ تیوٗت سینس گُہر

جلوہٕ علمہٕ کہٕ آفتابُس کاس گرٛون — دُور تامتھ واتہٕ ادٕ نوٗرا نہٕ چھون

بالغِو ہا نوجوانو علِم پَر — نُور کیٚوت تے پوٗر کیٚوت سامانہٕ کر

گُر اندھا کێنہہ چھُے نہٕ خر چھِنہٕ چھُی نہٕ دِیار — زانہٕ سُے دیٚوت یُس خۄدا ین گاٹہٕ جار

تھۄدِ سرکارَن خزانہٕ ٹھانہٕ دِتھی — رێشُن نہٕ ورتاوُن نہٕ ہیۄان چھانہٕ اَتھی

ترٛاو غفلت عقل و ہمت پادٕ کر — علم پَر وۄنھ علم پَر وۄنھ علم پَر

---

[1] تعلیمِ بالغاں کی تحریک کے سلسلہ میں ۱۹۴۸ء میں یہ نظم آزادؔ نے ابنِ مہجور کی فرمائش سے لکھی تھی۔ اسی سال "گاش" میں چھاپی گئی تھی۔ راقم ابنِ مہجور کا مشکور ہے کہ انہوں نے آزاد کے ہاتھ سے لکھی ہوئی یہ نظم فراہم کی، تاکہ شاملِ کلیات کی جائے۔ (گنجو)

# گریسی نامہ

خمہ داین نٔو دِتم پزی پائٹھی تہنزی مہربانی چھم
دلے باقی یہ آسُن گوٚژھ سمہ پنہ نی جان فشانی چھم

وَنے کوتاہ تھوکھ کیاہ یاد بوزکھ کیتر افسانہٕ
پننی مُشکل کہانی یاد سرتاپا زبانی چھم

نہ چھُس شاعر نہ چھُس افسانہ لیکھن وول نے عالم
نہ ہاوس بانتہ بازی ہُند نہ پیدان شعر خانی چھم

گمژ تُس راخ سینس چھم تہ نیہ ہِندی پائٹھو نادان چھُس
نہ چھُس نوزٕکھ طبیعت نے تکان نوزکھ بیانی چھم

غولامی ہِندی زمانن سرفہ سِندی پائٹھی نال وٚولمت چھُم
امی زہرن تہ خوفن پادہ کرٕ ہرش ناتوانی چھم

فقیری ناتوانی منز غریبی کمٕ زبانی منز
وہیان کیتہ کانسہ ہِنز زورآوری یا پہلوانی چھم

خمہ دایِن پاُدہٕ کرُس باتیٚ پہنٛد رَتھ مازِ میٛژنُے خوٗن
یِوان اُمیسم نہ ژکھ بلکہ وسیکن وَدہٕ نی پیداُنی چھُم

دُچھان چھُس یتہٕ زمانس کُن نظر ژٲوان پانس کُن
رٕتھمے دشمن پیٚمَن کرِتھ وقف تھاوِتھ زندگانی چھُم

غزلِن، گریستیٚن ہنٛز ترجمانی شوٗبہِ آزادس
پسند کأژاہ یِوان تہندِین خیالَن ہنٛز روانی چھُم

●

# آہِ مظلوم

غمہ لٲمی منز اَپُرز ایمان، غلط سمت ننہ جولٲنی

دِلَن اندر پریشٲنی دماغَن منز پریشٲنی

خودادَن ہندِ پتیرَن تہٕ نیزَن حکم تقدیروک

کرِن آہ دٲدی لدبندن بغاوت کُفر شیطٲنی

چھِہ آسَن واٲلِ آسان بیوقوف اَسہٕ تہٕ دانشمند

ڈیکس لیکھتھ غریبس گاٹہٕ جار اَسہٕ تہٕ ناداٲنی

گرٕم کم لولہ گچھہ باقس دٕوٕ چُھم دِل خوش کرٕم آکس

دِتھُم سگ حرکین پوشن تہٕ پھلراوِم مسلمٲنی

شہنشاہی تہٕ سُلطٲنی بنان میانِس رَتَس مازس

بنان چھُم دردہٕ فریادَن تہٕ نادَن گردِ آسمٲنی

مہ گژھہٕ تقدیر ہاوُن یا تہٕ گو تدبیر ورتاوُن

یہ چھا فرموٗمت دُہرمن وَنان چھا اَتھ مسلمٲنی

جہالتھ اُسہ بتھے واُران جہانس کرٕمیہ آبادی

میہٕ حاجتھ پھتے نہٕ تمہٕ علمکُ کران یُس خانہ واُرانی

فدا آزاد انسانس نہ کُنہِ کعبس نہٕ بُتخانس

تَوے پرٕ سپھتھ کائنسہٕ انسانس پسند اُمی شعرِ غزلخوانی

(۱۷؍ اپریل ۱۹۴۶ء)

# شاعر، لیڈر، قوم

سوز و سازِ زندگی رازِ حیات
دل سخنور، مغز لیڈر، روحِ حیات

تازہ رُد ہَس تازہ سان دل تٔرہٕ دماغ
نو بہارن جوش دِیت پھوٗل پوشہ باغ

رُوحہ سیتی رنگ تہٕ خوشبوئیتھ گُلس
عقل مغزن گاش چشمن حِس دِلس

پانہٕ وُنی کوٗر واتھ ذرّاتو سیتی
آفتابک نوٗر گوو پیدا تیلے

جمع گوو ذرّاتو ہی سیتی فیض نوٗر
آفتابن بائے کرٕ من ہیوت دوٗر دوٗر

جوش لوگ ناگن، جوین، آرن، کولین
لہرٕ ماران دراو دری یا منزلن

کوٗر سمندر پادٕ دری یاو ڈلو
ڈل تہٕ دری یا پادٕ کری آرو کولو

گُنہٕ رکس نقاشہ سنٛز صورتگری    لیڈری پیغمبری یا شاعری

جذبۂ پیغمبری قومک حساب    عقلہٕ ہُند ہوشک جنونک انتخاب

لیڈری یا شاعری قومچ زبان    عقلہٕ ہُند ہوشک جنونک امتحان

اہلِ دل، اہلِ زبان، اہلِ کتاب    گُنہٕ رکس سندرس وو بقان موج وحباب

●

# تقدیر

چُھکھ بنیومُت کیا زہ تقدیرُک شکار    ووہ تھ پنُن تقدیر پانے کر نیار

آزماوِ نہٕ عاشقن ہُنٛد ولولہ    ذرا یہ پرٛی یاہ غا بکیہ پردو تلہٕ

عار بَرزُن سعٕر مہ چشمن چھُس خُمار    مارٕ زلفن چھُس مُلمع مُشک تتار

روے رنگین موے مشکین قد بلند    نوہرکہ چھانوٗ چرخہ گدا ہتو سُم آترہ بند

سالہ ائنہٕ مژہٕ عالمچ سازہ گرے    نازموئیس شاہنہ کرٛی ہتہٕ سعہ ندرے

تازہ نقشن رنگ و روغن قسم قسم    پوشُنہ کارُن جود گارن ہُند طلسم

غارتِ ایمان تم ناز و ادا    رہزنِ قلب و نظر سازو نوا

نوجوانس لوکس دِتھ حُسنک فریب        ہاوِتھ نہ دِیِک آسِتھ دُور نیب

نیزہ ہیتھ تمی ہندی اشارہ تیر وتھند        اُلفتچ تہندس اثر آفیتہ ہند

آیہِ لولک زاتھ تہند یادِتھ شباب        چھس بڑ جادوگرو دیتمت نقاب

دیرہ تمی سنزہ زیر گے کم شیر نر        بیٹھ ہارِتھ سخت جان لۆ ستم جگر

دلبرن بازہ گری ہُند برہم دِتھ        غازین سازندری ہند غم دِتھ

محفلن منز رقص کرتھ کرتھ بے حجاب        باگرون آفیس ہُند ناگرتھ شراب

ہولہِ سیتھ گو اولہِ والین خون سرد        جعفرکی پانٹھ گو گو لابس رۆدے زرد

شرا دِ نچہ ہیہ باوتھ گو اُری بہ زنگ        شہسوارو نالہ مت رُد پوش رنگ

عاشقن ہُند سہ ستم خون جگر        خلوتن منز دزنہ لوگ تہ انگمن اندر

# گُنبر

دین برحق فطرتک آیینہ دار　　زندگی ہُند پوشہ وُن پوشہ بہار

پانہ گُل، پانے چمن پانے پھُلے　　لاگنے سو ننہچ تہ ہردی چھ ما گنے

چھیں دوان تقدیرہ کین آفین کھوٗرن　　دل دوان دلگیر گمیٚ تین دلبران

زندگی ہُند بن بہارن ہُند بہار　　تارہ ژرامت سعیُن نبوّت پوخت بگا

بولہ والین گاٹلین ہُند رہنما　　عائن حکمت ابتدا تا انتہا

سعیُن کران خاکس تٕژامُس کیمیا　　جسمہ کین تہ جانہ کین مرضن دوا

راز فطرت جوہرانٕ آنیت　　جسمہ نشہ پاۓ دِہ کرُن زوٗ حانیت

تازہ دم یاوُن دوہے تجربک شہ غم　　حُکم تدبیرک تہ تقدیرک قلم

بو ژپچھے گیتا پہ چھُس سوزہ گداز　　مغز قرآنک وچھے چھُس اصل راز

مذہبن دیتن یقینن ہُند صدا　　وحدتُک آواز یکسانہ صدا

وحدتِ حق اوس گُنبرک ابتدا

وحدتِ انسان گُنبرک انتہا

آس گھٕنٕرس منز گُنبر یاد آگوڑُم　　سارہِنی وہمن گمانن لا کوڑُم

# خاندان

نٕکتہ دانو پاٚدٕ کرٕمٕو بڈٕ خاندان
خاندانو کرٕمٕو نہ پاٚدا نٕکتہ دان

خاندانکی بنٕدٕ وارٕث دولتس
زندٕ دِل گاران لولس حکمتس

اوس کُس فوق البشر خیر البشر
خاندانس سٟتی یس آمت ہِشر

خاندان ییٚلہِ زایدالمیعاد گژھ
اُوٚپہ اولادن ہُنٛدٕ بربادٕ گژھ

بڈٕ بٔنٕ ہُنٛد دین ماٚلین ہُنٛد یقین
قاطرن وُوٚنٕمٕتٕ گرٕپن لاکمٕ تہٕ زین

اُچھ وٕڈِتھ بردٕ تھٕو کُس پکان یُس نوجوان
بُروٚنٛٹھمین تیرٕ پٕتہٕ تیوٚ راہ دوان

خانداٚنی کاٚفرن ہٕنٛز کاٚفری
مِلتن ہُنٛد ناز قوٚمٕچ رہبری

جُستجٕچ یٕمٕ یٕمٕ ترٕ ایمانٕچ دلیل
آذرس فرزند نافرمان خلیل

خاندانکہِ شوقہٕ ییٚلہِ غاٚزی بنکھ
تنگ دامن سنگ دِل ناٚزی بنکھ

خاندانکہٕ سوزٕ ییٚتیم کوٚر جِد و جہد
پاٚنی پانس کرٕ کھٕنِتھ تھٕمٕ تھاوٕ لحد

وا۔ ے شوٚرہ تہٕ گولہ ییٚتھ لولس بٔنٕ
لول ییٚلہِ گو زہر قاٚتل کٕتھ وٕنٕ

خاندانس قوم گژھ و قومس وطن
رُٹ دِلن منٛز جاے نوٚرچ نفرتن

خانداں اِنسانہٕ ہٕنٛد انسانیت
پوٚز یقین پوٚز دین پزٕ روٗحانیت

# وطنیت

صۆرتھا صوٗرت گرٕن ہُنٛز دلفریب　　سبز باغاہ مأری مۆند عأقل فریب

کُنہٕ رٕ کہین چالُن کرٕ بِتھ روغن تہٕ رنگ　　کامہٕ دِلوِ لأگِتھ دوٚ گٕنیا رُک نہنگ

ژھکہ رٕ مِتین ترٛیشہٕ مِتین کُیٛت بوٚڈ عذاب　　دُورہٕ چھکھ میٛوان بوزنہٕ سکھ تہٕ آب

آرہٕ کوٚت موٗصوٗم بُلبُل خستہ جان　　پوٚنپہ رِفی گَنِتھ کاغذی پوٚشن کران

نوٚ گنہٕ دِیُٛن قومس کُنہٕ رُک امتحان　　دوٚرِ دنیا اِنتقاماہ چھُس ہیوان

پیٚٹھ خزانس رأچھی تھاوان جابجا　　خاندانک دیوِ تہٕ قومک اژدہا

زندگی ہندین خزانَن یکطرف　　گنِتھ کران سرمایہ دأری ہندی سَرف

راوہٕ رأوی یکسان کُنہٕ یتیمی غأرتن　　گاٹلیوِ تِتھ ناو کوٚر حُبِّ وطن

قومیت، حُبّ وطن، عشقِ خدا　　اَ بعدا کُنہٕ رُک تہٕ دردُک ابتدا

نارہٕ ستی فولاد شستر کھوٚٹ بنان　　نارہٕ ستی شسترس کرٕکٹ بنان

یتیمی یقینَن کینہ بوٚر دِینن اندر　　تِتھ یقینس سینہ دارَن شوٗبہٕ کرٕ

اکھ یقین زنجرہ ترٛاوان زأنی زأنی　　بیا کھ ترٛاوان زال تہٕ زولانہٕ نأنی

ٹھاوِنے اہلِ وطن کُنہِ رُک یقین
لول وطنُک چھُکھ گژھ منز دلن بین

سورُے اولادن رِچھان یَژھ باگران
پانہٕ وٲنی رتم خانہ واٲرٲنی کران

مذہبس ایمان بنیومُت انتقام
ٹھاوی متو وردِ زبان حُبِ امام

اُلفتس وحشت بنان بیلہِ ڈول جدٕ
نا دِینک راوہٕ ران مذہب زدہٕ

اُمی مدن کم کمُ مدن کری متو خراب
حسرتچ غارت کٔرِتھ سپتس کباب،

اُمی شرابن کمُ دِلاور ہوشہٕ ڈٲلی
کھورِنکھ اماس ترٲوِن زٲلی زٲلی

باغوان لٲگِتھ دِنکھ بیتھ گُلشنس
تادِ پوشن دزوت مولن سنگ پینس

ہوش ہمس ردُ دُکھ نہ لولکُ مسن جنیکُ
دردہٕ چشمن بیٹھ حبابکُ بردہٕ چھُک

اُمی جنونن دردہٕ خونس گٔژ نیکھ دِژِکھ
ہا پیتو انسانیت ژاپِہ ہیژکھ

# انقلاب رُوس

زندگی ہِندۍ وولو لُن ییلہٕ دِیُت ظہوٗر  خواجہ پیوٚ بر خاک تخنتس کھوٚت موٚزوٗر
کافری منٛزٕ دزاو دِیِنکُ آفتاب  نوٗر تمیُٔ سُند وحدٕ نیچ کُنِہ ریچھ کتاب
دِل پریشان بیقرارۍ ہِند رفیق  بےکسن بے روزگارن ہُند شفیق
زندگی ہُند ذوق بے جانس دِتُن  لامکانُک راج انسانس دِتُن
ژاو گنٛزرس منٛز گنٛزرٕ یُس ڈاکوٚرُن  سارِنۍ وہمن گمانن لاکوٚرُن
حِس دِتُن تقدیرٕ کین اُمنین خوٚرن  دِل دِتُن دِلگیر گمٕ تِمن بنٛدن

اختیارُک تاج مجبوٗرن دِتُن
افسری ہُند شان معذوٗرن دِتُن

●

# مارکس اِزم

دین تمؠ سُند فطرتُک آیینہ دار
نارہ وزٲمُت سعۍن بہارَن ہند بہار

عشقہ سوزاہ بے نیاز امہ سازہٕ نِش
تازہ حسناہ پاک سعۍ رمہِ تہٕ سازہٕ نِش

پاکبازو سعۍن سیکے مٕنزہ ژورمُت
کٲتھو کارٕیگرو بیٚیہِ کوٚرمُت

عالمِ خاکس دِتُن تمؠ وَلولہ
عالمِ غٲیبس اندر ووٚتھ زلزلہ

نیاسے لانیکُ فِتنہ کڑانیک دوٚرگوو
باغزی گر بازین چِگریس سوٚرگوو

ہِمم خیال آسی عالمِ پاکس اندر
نقش کرٕی کرٕی تمہِ ودِچھن خاکس اندر

نۄن کوٚڈُن جذبات کیٚو پرٕدٕ تلہ
عشق مۄسی کوٚہِ طوٗرچ مشعلہ

زندگی ژۄل لن ترانی ہُند تھکُن
بُرونٛہہ کُن ہیوٚت عاشِقو رِندٕو پکُن

غاٗفِلَن نِش راز تھاوِن کھوٗلی کھوٗلی
عاٗقلو ترٛاوِنی قدم ہیٚتھ توٗلی توٗلی

عقلہِ ہُند جوہر تہٕ عشقُک آب و تاب
زندگی ہِشرٕن گٕژھن ہُند آفتاب

دۄہ ہیتھ تیٚق عاشقن وصلچ برات
گاٹہ جارُک ہمتُک آبِ حیات

کافرِ بیدار دل روشن دماغ
کفرٕ سیتی روشن کران دینُک چراغ

اضطراباہ صبرٕ کین جامن اندر
پوٚختہ گی یاٗدا کران خامن اندر

پوشہ باغن پوشنۆ لاہ خوش آواز

تنگدل گاٹمن گژیدن کیٹ شاہباز

موم دِل، شیرین دہاں و پوختہ راے

نشتر و سیتی لوزہ ون شستر قلاے

مغز. نمرودن کھیواں لائگتھ موٗھا

رامہ ہونین گالہ ونٚ پادر سہا

•

# ....منزلاہ اکھ لامکان

میانہ سفرُک منزلاہ اکھ لامکان

شری خیالاہ آسمانکی درمیان

تن درٚم نارن سیٚنکی پائٹھی دمبدم
صافیاہ کم زیادہ اَدہ حاصل گیَم

چھم نولوام اَتھہ سعہ نس کریکرکی گنے
آسہ نیرن کائتہو ناروٗ و نے

پلنہ تھاویم پیٹھ وتن ہڈی لڈی قلاے
برقہ تہیہ کنس پانسی آرام نہ جاے

پردہ ژٹی ژٹی بروٹھ نیرن کامیون
گردشِ پرکار چھینہ رفتار میون

یُتھ نہ چھُے کانْہہ حد مُے معبۄدِ میُون     بے نیاز از بندگی معبۄدِ میُون

دۄراو تقدیرن ستارن ہُند سمے     آو تدبیرن تہٕ کارن ہُند سمے

یُس شابکہِ اضطرابن دِیت جواب     کیاہ گۄیُس یارٕہی خضابن ہُند شباب

وقتہٕ ورزہٕ سونتُک ہوا مرضن دوا     وقتہٕ ورزہٕ مرضن دوا ہردُک ہوا

گاہ بڑِ جارُس کھہٕ ژرِہ یُس عاشق مزاج     زانہٕ تن بُزدل مریضاہ لا علاج

زندہ عاشق داد تدبیرس ہیوان     بندہ بیکس تن چھُہ تقدیرس دِوان

عالمچ دۄلتھ کران پائمال زۄر     اہلِ دیوانس قلم چھانس چھ تور

مال ورتاونہٕ کران یُس جمع مال     دشمنِ انسانیت زہرِ ہلال

دوستدار آو دوستس خوان ہرشنے     شراک ہیتھ دراو بوہی بائیس وینے

ہیوت پٹھن گرہ مالی کۄ پانے موہن     مالی پۄتر وپانہٕ واتی ہیوت رکھ زۄہن

حُسن گمہ ہارن تہٕ دیارن ہُند غلام     فند بازو عاشقن ہیتر دِنی دولام

کاو چھا دان باغِ بلبل دل ملول     ہولہ سیتی دم پھُٹی تا سپز متہ پور شہ ل

گُلکہِ پائیٹی وول نال پوشن سُنبلن     مسوٕلن ہندی داوری آوہی ارکھن

باغہ واتن پانہٕ واتی بیلہ نیائے پوٕ     دردہ باغک آسے کھسہٕ وُن ضنایہ گوٕ

خارہ خارو سیتھ سمسارک بساو　　　پانسی کھُری لد بینکی پأٹھ ولنہ آو

یوٚت کال دودُر بیٚہیٚس کھُر گاسنے　　　دِھیان نھاگ رِتھ کونہ نوٚو تھانہ دوسے

پرانہِ لُری روزن ڈکھس بیچھ کٲت کال　　　لۄرہ وُکھ کوندن نوٚبن سُے گوٚڑہ زال

شانتی، گاٹلی، زانہِ ورٲنی تدبیر دان　　　غأبہ کیٚن خأبن پھِچھ تأثیراہ کران

عادتک بیمار زانان اکھ دوا　　　چرس، بھنگ، اُفیون، دتُرتہ شینکیا

وہم ییلہِ عادت سِپُد دوٚپہس یقین　　　آسمانن دامنس تَل رٹ زمین

زندگی نشہِ دوٚر ژوٚل سأنِک سپُن　　　سوٚر مُلی مُلی قسمتُک مأنِک سیٚن

گاٹہ جارُک معرکن ییٚس ہارہ نوو　　　عالم غأبن ملکُک مأنِک بنوو

گاٹہ جارن ییٚس کرٚن ہیٚوت بےنقاب　　　پردہٕ غأبن کوٚرُس غأبن ثواب

آسہِ ییٚس نازُک دِلس اندر دماغ

زانتن بے میوہ خوشبو پوشہِ باغ

عقلہِ ییٚلہِ دِلہ کیو حُبابہٕ لوٚد خُمار

غأبہ کیٚس پردس اندر نقش و نگار

# خوداہ

اَکہ سوالاہ صاف مُبہم یِتھ جواب
کانٛسہِ نِشہ افسانہ کیٛنژن نِش کتاب

کانٛہہ وَنان چھُس آتما پرماتما
کانٛسہِ مُہند یزدان کیٛنژن مُہند خودا

گاہِ جارِ کہ تۄلہ نارُک تِتھٕے پژون
سوزِ دلٕک یعنی خیالاہ تُندٕ ہون

سادٕ مضمونا چھ یِتھ سارِ ی پران
زیادٕ ہیُس پرُہ تس نہ زانہہ فکرے تران

زانہ نے آسُن تُسند زانُن بیوان
گاہِ جارِ چھ اُچھو دٕ ٹھتھ مانُن پیوان

لولہ نزداہ یِتھ لِنٛدن سارِ ی پزھان
بُڈی گِندن وانٛی ستے ہانٛرِتھ گژھان

ٲنتھ رستیٚن حُسنہٕ جلوَن انتہا
لولہٕ چیٚن بے تاب نظرَن ہُند حجا

غاٲبہ کیٚن پردَن اندر سازاہ وَزان
مٔنز دِلَن مشعل حُبابن ہٕنز دَزان

زٕہرکی کیٚتھ قہر لولُس مہربان
رٲچھو ارادن سیدین ساذَن کران

نعمتھاہ وَیہ ؤنی دِلس پٔڑیہ ؤنی کتھا
پٔژھ کرَن والین سیٚٹھاہ سٔنیر پٔرچ وتھا

سٔتھ غریبن اَن گوٚژھک شامَن بنُن
یژھ امیرن ہٕنز بڑُن گوٚژھ ہیوٚن گنُن

زندگی ہنٛدِ کارخانُک گٔژھ تہٕ موٗل
مذہبَن ہُند شوٗغل دینِن ہُند اصوٗل

شان بُتخانُک تہٕ کعبُک وَعبہ داب
بس نہ ازتانی کاٲنسہٕ وُچھ سُے آفتاب

لۆرہٕ وان پنہٕ نین خیالی دفترن
شتریاہ ہیوٚ راچھ پانسے کھنڈرن

پانہٕ روزِتھ بندگی نِشس بے نیاز
حکم تہندُے بندگی پوٚزا نماز

موٚن وۆلیوٚ وُچھ نیلے پیغمبرو
تھوٚو لیکھِت گرٕ گرٕ کنین پیٹھ مُتگرو

مستیٔ حافظ تہٕ سازِ بیخودی
حضرتِ اقبال سُند سوزِ خودی

مختصر بوزکیوٚہ تہٕ کیاہ وَنہٕ نسٕ وار
زامری جاراہ بہ چھرن کوٚرمُت تیار

روزِ باقٕے چوٗن یاتمۍ سُند کُنِر
وارہٕ وُچھ دلدارہ اَمہِ کارُک سِنِر

مردِ ماٗدان ترٕ یِمن پرٕدَن اَپور
حضرتِ انسان وُچھکھ پانسے ژھہ پور

۲۱۰

پانٕہ آگرٕ، پانٕہ جوٚیِن مثٕنہِ یوٚران

روٗدمُت ژھاران لوٚبمُت راوٕران

●

میہ آدن راوٕ رٕم سادن متین ستھ     فقیرن صوٗر فین عاشہٕ متین ستھ
یرٕ ھان اوسم نہ دِل کفرس وٕنن دین     گژھان چھم دشمنی آردٕ متین ستھ

•

لدو پرٕدن مس کیا زہ بانہٕ نویٖن منز     برو خوٗن بجروک جوانہٕ نویٖن منز
خیالی قلایاہ لدٕن منز ہواوس     یہ مضموٗن چھینہٕ امتحانہٕ نویٖن منز
کرو کھ پاَدہٕ ساقی یتہٕ میخانہ نوٕی نوٕی

۱۷ ماگھ ۲۰۰۱ سنہ ب

•

چھہ گاہ ہتی آرٕ کاتی فرشکہ سوالی     نتہٕ ہتی داترٕ عرشکو لا ابالی
بڑی یمہٕ نیچ کتھا معنی امیکہٕ سہل     خیالی گلشنن بلبل خیالی

•

یران پرٕدن مس یس چھہ بانہٕ نوین منز     لھوان سنبہ لاگٕ لھد دکانہٕ نوین منز
زندن موچھے نہندرٕ ساوان ظالم     یران خوٗن بجروک جوانہٕ نوین منز

•

نہ پوشینس کاتہہ نہ پورتیس کاتہہ بلایا     نہ روزتیس کانہہ سینہ جھگڑاہ ترٕنیایا
چھہ پانس شم سیتھاہ ہندوستانس     کتہٕ ہیتٕ بندراہ کھیون کیتٕ "خوٗدایا"

•

(۲۰ ماگھ ۲۰۰۱ سنہ ب)

غوٚطن منٛز چھکھ گژھان بڈاں بڈی ژٕہ مجبوٗر

وُچھان چھکھ پانسی کُنہٕ کر نظر دوٗر

مہ بٔن گرداب، بٔن سٲلاب پکھ بڑٕو نِتھ

نژان یُس زیادٕہ پیوان زیادٕہ تَس رگیوٗر

●

قلندر مَست کرُن سازَو ربابو　　جوانن جوش دِیُت پرانیو شرابو

وطن دارَو کرِنی ہیتھ وعظ خوانی　　یہ گل پھوٚلرود گوٚشتابو کبابو

●

بہہِتھ بے کار نیکو کار چائنی　　قلندر، پیر، مذہب دار چائنی

امیرس کھیتون روا مسکینہ نٕند خوٚن　　وُچھتھ راوان چھُس یِم کار چائنی

●

دینُک زینت یہ اقرار میوٚنُے

کُفر چھُ حقیقت اِنکار میوٚنُے

رنگِ زمانَس روغَن تہٕ رونق

دَور زمانَس رفتار میوٚنُے

●

سیٹھا مطلب چھُ مذہب وأرِین منز
ستمگارِی ہیمُن غمخوأرِین منز
وطنداأری تہٕ بیلہٕ ہیچھناوِ دوٗگنیاُ
چھِ اکھ بیمارٕ یاہ بیمأرِین منز

•

گُڈٕر پیٚتیہِ پانسی تَس خانہ دارس
گرس دوہ در ہیمتِس ہتھٕ یُس ڈکھن پیٚھ
بُنلی گرٕ ایاہ پیٚیس پانس ہیٚیس جان
کھسن تَس خوٗن بارُٕن ہند نکھن پیٚھ

•

خودأیی بندگی نِش کس چھُ انکار
خودا وندس وَنُن بندس تُلُن بار
وبیکن زندگی ہُند ولولہٕ یس
تِمس نِش چھا یوان ییم فرِشتکو کار

•

پریشان دل پریشان عالمَس منز
بوڈِ تھ گأمتی چھِ پن پننہٕ نین غمن منز
وتن پیٚیھ ژوٗر تختن پیٚیھ شہنشاہ
بہِہتھ افسر کلارک دفترن منز

•

غرِیباہ فاقہ، دوٗ دمُت تیٚرہٕ ڈایو ہتھُ
عدالتن منز کران ژلنکُ بہانہ
ججن لیوٗکھ باحواس خمسہ وہوش
گژھ ھمتھ حاضر دوان مُلزم بیانہ

قیامت وحدتک کنُز رُک زمانہ
نہ روزن ٹھرِ کرِ نہ ہیم وہم وگمانہ

الن جنگل پھِٹن سنگر، نٹن بال
قیامت بن قیامت تُل جرانہ

●

ہیچھم کاُتیاہ سخن صاحب دِلن نِش
سیٹھاہ اسرار بُوزِم عاقلن نِش

یُسے دم نیرِ خوش پاٹھی سے گذارن
یہ کیھ بلکل پسند آیم گگن نِش

●

# ژاٹہ ہال

معذور چھہ، مجبور گمِتی زندگیہ نِش
بُلبُل چھہ بہتھ دور گولابس تہ ہیے نِش
ژاران کنُز رکی معنہِ لاگیتھ شیشہ دوی ہند کر
بے چارہ گمتی وارہ پننہ گاشہ لیے نِش

●

عقلہ ہند راجہ یام تختس بیوٹھ
مذہبن ہند تنازعہ پیش پیش

اورہ آو عشق زورہ شورہ دوان
سارِی ہی دفترس شہ دِتھ گو فیش

●

# گراو

سرمایہ دارن رۆد نہ وۄنی آب اچھن منز
پانے چھُ دۄہلی گورہ ملہ تہ رۄت کفن ژۄر

وۄنی چھم نہ ژالن بانہ صبرکی شالہ برتھ آم
چھُس چۄن گدا، میثون مُدا کرتہ وۄنی

مجبور گمتی گیاہ نہ وَنان عفو خطا کر
چھُس مست نہ مدہوش نہ گستاخ نہ مغرور

از تام گذاریوم تہ وۄنی پیوس سرِ راہ
کۄثت واتہ گژھ ہیوم بور تہ منزل چھِ سیٹھاہ

گنہ ساعتہ ییم جیرہ ژھٹان نیرہ دلک گوش
کیاہ چۄن یہ سمسار گژھک پانہ ژہ مجبور

ییم خواجہ گژھی اَتی زیوان ماجہ تہ مالِس
شاید چھِ پھٹان کنہ یہ مسکین تہ مۄزور

اَتھہ وانہ میانہ شوقہ چمن زار یمو گو
ژہ تہ وُچھتہ دۄہا آسہ فہلان آسہ نمن

ق

یا تراو یمن سنگدلن رحم تہ انصاف
نتہ کاس میہ وسواس تہ غم بارخودایا

افسوس دِلس چھُم نہ یمن کیاژہ تہ ٹوٹھیو
چھم چانہ جلالک میہ قسم بارخودایا

افسوس پیوان چھُم میہ بہ تہ یادہ کۄر تھس
میہ تہ کر تہ پنن فضل و کرم بارخودایا

چھُم خارہٕ دِلس پِی ہٕز سرٕ ہا تی میٚہ سرٕون پیٚوم
الماس اٰسِتھ شیشہ کھنجیٚن نشہٕ ڈرون پیٚوم

یوٚت کال پنُن پان تو بُم وارہٕ ژاٰلِم ٹھٲری
بے جان کنین رنگہٕ کریٚن سجدہ کرون پیٚوم

یوٚت کال میٚہ یِم پنجرٕ تہٕ زولانہٕ ژاٰٹھتھ ژاٰوی
سُہ پان اُسِتھ پھٕ ژٕھ لادین سینہ دٕرُن پیٚوم

•

پہٕ سمارُک سفر بے کس مسافر زانہٕ کوٚتاہ کرِ یوٚٹھ
گرِ سے یُس زانہہ نہٕ دٕرامُت آسہٕ تس شوٗبیا دُژن حال

پکُن یُس پئیو چھِنبن چھارُن تہٕ نارن شُے ٹھکُن زانان
نظر بیٚیم ترٲو نظر رو پیٚٹھی سہ زانیا کیتھ ونان بوٚڈھی بال

•

طوٲل دِنُس عاقلو داد ہیٚیو تُس جاہِلو — زیوٚٹھ قصہ تہٕ کرِ یوٚٹھ نیا اوس افسانہٕ میون
نام پوٚنز سے کرام کیاہ دٕرم تہٕ اسلام کیاہ — وید تہٕ قرآن چھُن کعبہ تہٕ بُتخانہ میون

# بار خودایا

کوٚہ زانہٕ وٕنیتھ عائشہٕ متین سنگدلن کر
اَسہٕ پوٚس تُلن پانہٕ وٕلن رخصتِ شہانہ

چھم کیاہ خبر کُس دیدتہ قدرآن دِ پانٕ پھُکھ
ہمیٚون خوٚان غرٕبن تہٕ بُرُن گنج تہٕ خزانہٕ

ننہٕ وانہٕ ورتاوان چھہٕ قانوٗن گرِتھ نادٕ
یم ظُلم سِتم فند فریب حیلہ بہانہ

سائری چھہٕ دِیان رنگ چھہٕ بدلان زمانس
پھیران فقط آسہٕ نہ زانٕہہ میٚون زمانہ

•

اُ رٕ خر چھُم میٚون جبان تہٕ انسان مُرِس منٛز
بے عار لاگُن یوٚت بے پرواہٕ روا چھا

پانسے زٕنیہ کوٚر رٕتھس پاٗدٕہ میٚہ ماکینٕہ تہٕ خبر چھُم
سامانہ بنُن پانہٕ کرُن غنایہٕ روا چھا

گگہٕ ڈٕہ چھُم نہ سمان روٗے دوٚیم چھُم تہٕ وَنِن وٕدار
بے وایہٕ ونہٕ ہے یُتھ بنُن بے وایہٕ روا چھا

•

وَنہ ہے تہٕ وِنۍ ماگرٕ ہسم دِینہٕ ڈٲلُن میُو
ژرٕ وُتھ ژیٕ بے پرواہ پتھر پانہٕ پیٖس مێون

وۄن کیٚاہ میٚہ گژھ ہسم کینہٕ غرضمند تُو کُنٕہ
سٕتھ چاٗنی میٚہ آسم تہٕ ژٕ نیتہٕ چھُے نہٕ اثر مێون

پرٕ ژھتھ آنہٕ وُچھان پانہٕ ژٕ چھکھ میٚون احوال
یِم غم تہٕ ستم کٔیتِھ چھُم ژٲلان جگر مێون

کس بادہٕ کمِس ہاوٕ بہٕ زانہم تہٕ پننۍ پان
کم تیر تہٕ کم ضرب رٹان سینہٕ سپر مێون

بے عار ستمگار کران رنگہٕ بٔرنگ رنگ
طاقت چھُم جران چوٚنہٕ سہ زن لخت جگر مێون

ٹوٹھیوک یمن میانہٕ کھسہٕ تہٕ چھکنہٕ تمن یاد
پرٕ ہتھ کاٗنسہٕ لگان زہر پٮ۪ نابد تہٕ شکر مێون

لۄکہ چار گذار یوم غمن منز تہٕ وۄنی چھم غم
لمہٕ حالہٕ تہٕ کیٚتھ پاٹھو سُنا نیرہٕ بٔجر مێون

●

# غریبی

دِلتھ ضرب جگر نوٚن چھکان چھم میٚہ ستمگر
کُس بادہٕ شہتھ چھُس تہٕ ہیکان ہا ہے غریبی

ہے ہاے کمن آرہٕ ولن وہ ارہ ڈلان رنگ
چھکھ وارہ کران غم تہٕ ستم وائے غریبی

ہے ہاے کمن ساز ہٕ ڈیکن تازہٕ جوانی
چاوان زہر کہٕ پیالہٕ ژاوان ہاے غریبی

اَمہِ ناڑہ دزِن زانہِ تسند پان تیسے دۆد        چھی وارہ آتشخانہ گژھ یکہ ہ ڈی کژاے غریبی

نیوان کوہ پٹھِن ہوش تہ چشمن نہ ٹھوان گاش        گاشس چھ کران گٹہ تاپس ژھاے غریبی

تمہ جایہ ستہ دادی تہ غم کیا زہ چھیوان

ہے ہاے چھ یتھ جایہ کران جاے غریبی

●

# اکھ شار

وَنان[1] کیاہ ہو دیوانہ دیوانگی منز

مہ اَن یاد آزاد نے پرانہ گژاوو

---

[1] سنہ ۱۹۳۹ء میں راقم کسی وجہ سے آزاد کے دو ایک خطوط کے جوابات وقت پر لکھنے سے قاصر رہا تھا کہ میرا خط بھیج دیا۔ جس میں شکوہ بیگانگی اور شکایت بے التفاتی خاص انداز میں درج تھی۔ راقم نے جواب میں صفائی پیش کی۔ اور شکوہ بے التفاتی کو مٹانے کی کوشش کی۔ آزاد نے اس کے جواب میں ایک پُر مذاق اور محبت سے بھرا خط لکھا جسمیں یہ شعر لکھ کر اپنے شکوہ کو اور بھی مؤثر بنا دیا۔ (گنجو)

# ایوانِ غزل

شوقہ سان مأرنیتھ لولہ فرمانَن
آزادؔ آو غزل خوانَن منٛز

زانہٕ وٕنی پانٔے معنہِ اَتھہ زانَن
روشہِ ہیٚوٚ ہٹھ پوشہِ ڈالانَن مَنٛز

# غزل

ہا لولہٕ رستیو لولہٕ کی افسانہٕ وَنے رٕکیاہ
دیوانہ گاٚمتہٕ بوالہوسہٕ نادانہٕ وَنے کیاہ

ہا ہوشنو لو سوزٕ سان اَکھ بول بوشاہ کر
بے ہوش کرِ تھک پوشہٕ مستہٕ متانہ وَنے کیاہ

فند باز یارو بازی گارو باز پننہٕ زنہ گوٗن
ہا دِن ژٕیہ تھرو ہے کعبہ تہٕ بُتخانہ وَنے کیاہ

ہا مالہ مستیو رس لوٚگے ساگرٕ تہ شکارن
ریٚنتہٕ کالہٕ مُٹھی وندہ کی سامانہٕ وَنے کیاہ

موٗنوم گرتہ ھان شیرہ سندی پاٹھو چھی نہ پنتر زو
پھیران چھکھ واگرانہ پتھہ واگرانہ وَنے کیاہ

ژٕلہ لارِہ غُنچہ وارِہ ژٕٹان چھکھ ژٕہ اڈہ مُلی پوش
شَل چھے ژٕیہ پننہ مکل بوٗرُت دامانہ وَنے کیاہ

آزادہ وَنان آسنے کیاہ ہیٚنزی تہٕ مسلمان
رندانہ سہ خن چھکھ وَنان ننزوانہ وَنے کیاہ

ہا لولہٕ رستیو لولہٕ کی افسانہ وَنے کیاہ
دیوانہ گمتی بوالہوس نادانہ وَنے کیاہ

(۱۴ اکتوبر ۱۹۴۲ء)

# غزل

نادان لوٚگُت پانہ صاحبِ خانہ وَنے کیاہ
ہمخانہ تھاوِ تھک خود غرض بیگانہ وَنے کیاہ

تاراج پیٚمُت وارِہ چانے پوشہٕ چمن دٕدبر
چھُلہہ روشہٕ بہتہٕ پانہ ژٕہ باغوانہ وَنے کیاہ

ہیتھ کھو سروٕ گُلو دمہ نی گاسہ تُلی رٕوُدکھ لرِن تَل
گرٔ شالہ مارَن وارہ آتشخانہ وُنے کیاہ

اکھ سوزٕ رہنیو سازو ایان ژاکھ بندن منز
بیمار زَن لرٕ ساوی تھک ارٕ جانہ وُنے کیاہ

ژٕہی ڈٕ ہنگن سیتھ جورٕ ماران سوزٕ سامانہ
ژٕہی فوط پھلین چھکھ وَنان درگ دانہ وُنے کیاہ

ییکہِ شاٹھسی کُنُ چھکھ ژٕ لاران کُٹ مارٕان ماین
بیتاب گگتہِ تَریشہِ ہتہ نادانہ وَنے کیاہ

پاتالہ بیٹھ ژٕھالہ نیتھ آسمانس تام
وَنہ پچھُے نہ پیان پان پنُن پانہ وَنے کیاہ

جانانہ پنُن چھُے ژٕ یہ ژٕھاران خانہ بخانہ
ژٕہی پانہ کنُے چھُکھ نہ ہا نادانہ وَنے کیاہ

دیندارہ پرہیزگارہ ونہ ہے چارہ پنُن کر
چھی نالی گمتھ وہمہ کی زہلانہ وَنے کیاہ

الھ ڈیدٕلہ پچانے نیاس چھم لامکانُک ہنگ
ھتدٕ شانہ کوتاہ ڈیوٹھمک افسانہ وَنے کیاہ

آزادہ ژٕ استادہ کوہستان پیٹھ ریٹو
حاگران چھُس فولادہ کے انسانہ وَنے کیاہ

## غزل

بے سوزِ دل بنی کیاہ سوزٕ کہِ ترانہ والے
دلس مخولہ موکر لولکہِ بہانہ والے

بتخانہ ژٕہی بناوتھ کعبک بنا ژٕیہ ژٕادتھ
گنتایہ کتاہ خط کوٗر وَنتم قیرانہ والے

تقدیر بنٕن ژھٕہ پانے تدبیر بنٕن ژھیانے / ژہی رنگ تہٕ ژہی زمانہ وہمہٕ تہٕ گمانہ والے

نے دِل نہ سوز ہمت ژاکھ دینیچی علم ہیچھ / امہٕ کھمہٕ تہٕ کیاہ قیامتھ آخر زمانہ والے

جاپان تہٕ چین کمی سند مکہ تہٕ مدینہ کمی سند / مجبورٕ زمین کمی سند ہا آسمانہ والے

بوزِتھ عزیہ سند آہ لرزان چھہ سورٕ دنیاہ / سنگین ییہٕ چھین دل کیاہ رنگین مکانہ والے

یَس چانہِ عائشہ بابہٕ پتہٕ اُتس دمہ ہس ژھینان رٕکھ / کوٚہ چھی کھران تہٕ ہیٚنز کتھ مغرورٕ خزانہ والے

کم چھو نہ گچھہٕ کران چھکہ قانوٗن کس فلا یس / عدلکٕ مکانہٕ لوٗہریتھ رحمکہٕ دکانہ والے

آزاد اکھ ذرا دژاکھ گستاخ شوخ بیباک / عرشک جگر کوٗرِتھ چاک فرشکہ ٹھکانہ والے

بے سوزِ دل بنی کیاہ سوزکہٕ ترانہٕ والے

ولس مخولہٕ موکر لو لکہٕ بہانہ والے

## غزل

کیاہ روزہٕ پردن ژھایہ ژھایے سوزٕ جگر ہیتون

کر چھیرہ سبزی لولہٕ باغس نیرہٕ ییہٕ شر ہیتون

کفر کی تہٕ دینکو نیزہٕ تہٕ اہریزہٕ تقدیر کی

بے کینہٕ اسیتھ ژالہٕ کوتاہ سپنہ سپر ہیتون

فولاد ثۆد یمُم نار زُولمُ خوٗنِ جگرہ پچوم
از نام ژیٚہ روٗس کاٗنسہ برمہ ثھہ کُن پیٚوِ تہٕ یہ سر میٚون

تُل میأنی پانَن سارہ سٕمیکھ بور کلش پیٚچھ
مُلکن تہٕ فلکن لرزہٕ ووٚتھ ڈیشتھ یہ جگر میٚون

ظألم تہٕ جاأہل دزاس پنٕزی پاٹھو پیوس نہ پاسٕ
چھینہٕ کانٕسہ خطا اُکھ ووٚنَن ننہٕ وانہٕ سیتیزر میون

ننہٕ راوہٕ نے آیوس گنٕبرچون گنٕبرس منز
بشترن تہٕ مشترن زہرہ کھہٕ تہٕ ہیٚوٹھ لوٚگ یہ شکر میٚون

یِم عقلہٕ ہندی زولانہٕ بہٕ کھتہٕ پاٹھو ژٹھتھ دزاس
یا زانہٕ یہ میون پان نتہٕ زانہٕ مُرشد میون

یتیلہٕ لولہٕ چھم دیدو میہٕ حُسنس تیس نظر ترٛاؤ
لجھ پردہٕ چھیران ژادہ تیرکی پاٹھو اثر میون

شوٗبی تہٕ زانتھ پانہٕ پننٕ شانہٕ نمہٕ دأی
چھے کیاہ ژیٚہ موٗلم زیٚتن مرن یاوٗن تہٕ بکر میون

وُنزِ نوو ھتھ شہمارہٕ رِنٛدِ پاٲٹھ پانٛژ یہِ آزاد
تیلان چانیٖن خانہ مالیٖن چھےٚ یہِ زٔھر میٖون

•

# غزل

یُتھےٚ ولولہٕ پاٲدہ کرٔ نوجوانو

شکایت لۄکن ہنٛز مہ کر نوجوانو ژٕ کر پاٲدٕ پننہِ نۍ جگر نوجوانو
ژیٚیہِ چھےٚ وہمہ بیٚنۍمت یہِ تارِیم ہارِم ژٕ اَکھ ژعایہِ پننہِ مہ طور نوجوانو
ھڈیِن آسمانَن بڈیِن خانداننٛ چھُہ چوننۍ ٹھۄرٕ تہٕ بجر نوجوانو
یقیٖن پاٲدٕ کر انقلابٕک قدم تل طلسمات وچھکھ فنٛٹر نوجوانو
کمر گنٛڈ قدم تل یہِ دم چھی غنیمت سفر زیٚٹھ چھےٚ دوہ لۄکٕھ سکھر نوجوانو
ژٕ دوہ لۄکھ روز اِستادہ ہنٛدِس کوٹھیٚس پنن نیاے پانے انزر نوجوانو
چھےٚ زندٕ روزن زُوس گنٛڈنہٕ آکرٕ سبق زندگی ہنٛد ژٕ پر نوجوانو
موٗدر سازہ سنطور سیتارہ مدھم یہِ چھےٚ زندگی گیت زٔھر نوجوانو

چھُ آزاد چانے دِلُک ولولاہ اکھ

یِتھی ولولہ پاُدہٕ کرٕ نوجوانو

# غزل

پۄژہ شمشیرے گِندہٕ ناکرٕ

پۄژہ چھے رَزہِ لمٕ گنڈرِ چھے ویرے پۄژہ شمشیرے گِندہٕ ناکرٕ

رندہ مستانہٕ زندگی پھیرے پۄژہ شمشیرے گِندہٕ ناکرٕ

وَلہ وِیر ہلہ وزہ پتھ نو پھیرے وَلولہ تمیٖ سُندٕ تُلہِ محشر

سِہِہ گرٕ تیزہِ شال بیٖنہِ ژوُرہِ تِل ہیرے پۄژہ شمشیرے گِندہٕ ناکرٕ

بروٗنٹھمس پتہٕ پتہٕ پکہِ وِنہٕ تیرے پانہ تہٕ بروٗنٹھ کُنُ نظراہ کرٕ

کھیٚیہ منز ماگرٕ ہکھ نیٚیہِ ہنزِ وِیرے پۄژہ شمشیرے گِندہٕ ناکرٕ

مردی چھیٚنہٕ سعدن و تھرن ہیرے ژٕندکی لائگنز دارِہ تہٕ برٕ

سعہٕ ہٕ سیرہِ لاگِنہٕ تھرہ کِنہٕ ویرے پۄژہ شمشیرے گِندہٕ ناکرٕ

گوُدمچھے توگمت شوٗبہٕ دار شیرے بالا درہ پیٚٹھ ترآوہِش کرٕ

اَمہِ سیتھ ہُرِہ کیاہ زھرِہ کلہٕ ہیرے    پَزہٕ شمشیرے گِنڈہٕ نا کرَ
پھِہ خستہ کار محنتچہ ویرِہ تہٕ زیرے    وَسہِ مٔشہٕ ستوٗ درسن نیر تیس شرٕ
آرِہ کوٗنت ژیشہ ہوت پھٹہِ ماگیرے    پَزہٕ شمشیرے گِنڈُہ نا کرَ
وارِہ وُچھہ اُچھرن زبرہ تہٕ زیرے    پرِہ ہکہٕ چھُنہ آزادسن ڈرٕ

معہ خستہٕ چھُنہٕ شبنم قُطرٕ اکہٕ زیرے
پَزِہ شمشیرے گِنڈُہ ناکرَ

●

# آسمانکی تارکھ وَنان اِنسانس

(یہ نظم کلکتہ کے تازہ واقعات سُن کر لکھی گئی)

ژِہ اوسُکھ گاہہ جارُک نوٗر ہو گُتھ نار اِنسانو
کرُتھ اِنسانیت بدنام ہا بے عار انسانو

محبت ہا گراوُن کیُت کروُنک قہ درتن پاہ دا
ژِ یہ لوگُت دین وایمانس کرُن بابار انسانو

تھوَ یوسے قہ درتَ یہنَین خزانَ ہٹان مُنز راوُتھ
ژِ یہ اوسے ہا گراوُتھ کھیتون بنیوک شہمار انسانو

کُنُے عالم، کُنُے آدم ہمس پیتھ ماز مازس ہم
یہ کمہ تراوُوی دِلس اندر دوٗیی ہُند نار انسانو

بنیوک ورکہ تہ دینک تھَمَ نہ دینُک غم نہ درمک غم
کران انسانیت ماتم وُچھت چانی کار انسانو

ہرہ یا دینُک سینہ انسانس تہِس دینس تہ ایمانس
کران کُنہ کُنہ تہ یکانس چھُہ یُس دو گنیار انسانو

کورُتھ فتنن فسادَن ناو دینہ اَرِہی وطن داَرِی
وُنان ییتھ چُھک زِہ بیدارِی یہ چھے خمارِ انسانو

دِتے بزم پنینوی کارو دِوان چھُک قسمتکہ بارو
تَران چھُک پرانوی تارو لگی کتہِ تارِ انسانو

دِلس منز اضطرابہ چھے حُبابن ہند حجابا چھے
یہ سورُے مِیوٹھ خابا چھے زِہ گژھ بیدار انسانو

جگہ یارَن تہ غمخوارَن رفیقن دوستن یارَن
جگر کِتھہ پاٹھو کتّرادن زِہ چھُک خونخوار انسانو

دِوان چھُکھ پنینہِ باغس زِہ مولن ذردت پتّرن رنگ
گرَس پنینہِ نس زِہ چھُک پانے کران کُرہ پار انسانو

دِتے ہاوِطھہ زِنہ آزادن چھِہ کیاہ انسانہ سُند آدن
زِہ سَنے کُن عتادہ ہس نادان گمہ بان چھِے بار انسانو

# دِلکُ ساز

دوٚن عالمَن ہُنٛد غوٚصہٕ غم مُشراوِہ دِلکُ ساز
آوارہٕ گٔمتیٚن عاشقن سنتہٕ لاوِہ دِلکُ ساز

کفرکٕ تہٕ دینکہٕ تیٖر لٲیِم میٖسرٕ شِکار رو
صد پارہٕ گومُت سینہ میٖون بٕڈراوِہ دِلکُ ساز

غم چھُم مےٚ یٖمہٕ سندِ شوقہٕ پیٚٹھ سیتارٕ وزان چھُم
کن نےٚ سۄ دِلبرٕ ہاوِہ مےٚ ماراوِہ دِلکُ ساز

اُمیٖن دِلس ییم نٔنٛدرِ موٚرتھٕ ساٗوی دیٖدارو
سارِنی اَکی آوازِ سیٹھٕ وُزناوِہ دِلکُ ساز

تسٕ پوٚختہ کارَس یِتھہٕ بہٕ کرہٰ جان فِدٲیی
یُس گاہِ چارِچہٕ تارٕ گُنٛدٕ گِنٛدٕ ہاوِہ دِلکُ ساز

مستیٚ تیٚچ کرِ نیٚنٛدرِ ہتیٚن غاٗفِلن بیدار
یٖمہٕ جوش لوکٕ ہوشہٕ سان ورتاوِہ دِلکُ ساز

یُس ہوش ہتھاوِ ہتھ روزِہ کنہٕ بوزِہ دِلگ ساز
چو شُس اندر یُس آو تیمُس راوِہ دِلگ ساز

ییٚلہ یاد ہ گژھن زندگی ہُند سازواین دایٔل
ژُلہ تراوِہ زیر و بم تیمَن ہیچھناوِہ دِلگ ساز

یُس تارِ ہ لو لچہ ضرب لایان کارِہ خم دِ ہتھ بیوٗ ہٹھ
تس بیخودی ہُنز میٹھ نیندرِ پاوِہ دِلگ ساز

آزادیے ہُند سوز لوٗ لُکت بیوٗ ہٹھ آزادس
خاموش رُوزِ ہتھ عالمس بوزِہ ناوِہ دِلگ ساز

# غزل

روزِہ ہے ساتھا ٹھہ دِلبر بوزِہ ہے افسانہ میون
بے وفا بیگانہ لاگان آدنگ جانانہ میون

کیٚنہہ پران کُفرکی ترانہ کیٚنہہ چھ دینک دَم دوان
چانٕی لولن رُوٗ چھ یمُو داغو نشہ دامانہ میون

کُنۍ کِس باغس بَلبُلِ گُل چھُس وُچھان لولُک بہار

کُس میٚہ دُشمن دوست وُنہٕ کُس کُس پنُن بیگانہ میٚون

چھُس گرٛیکان دِلچسپن زَگن منٛز خوٚنہ کنہٕ لولُک جنون

ہوشکین پوشن کران گِتھ بلبُلِ دیوانہ میٚون

ھاہ میٚہ لٲیم حُسنہ کین تیٚ لولکین سوٚدرن اندر

یُس نہٕ تتہٕ کنہٕ جایہِ ڈیوٗ کھٕم سُے موٗلُل دُردانہ میٚون

چانہٕ ہاوسہٕ رنگہ رنگہ کھنگیو تہٕ لوٚلکیو وہ کران

پنٕنیٚنی ژھاین تہٕ گراین موت گوٚست گمانہ میٚون

کاٗفری ہندس جامہ الحمد کامہ دیوانہ عاشقو

پرٛدہٕ میانیٚن دردہٕ چشمن کعبہ تہٕ بتخانہ میٚون

دوٗرہ وُچھو پچھ دورہ ڈوٗرے چھُس چیوان خونہٕ جِگر

میانٕ نفسی بنجرس رفیقہ ہیٚوت کرٕن زولانہ میٚون

چھُل میٚہ نِش مُرو بانہٕ نوٚیہ پیمانہ نوٚیہ نوٚو شراب

تہٕ اوٚ سارے پراٗنی مستی چھاوادہ میخانہ میٚون

لولہٕ تیر لگو ظالمن اکھ آب ڈٕھک زہرٕ سیتو
زانہٕ آزادٕن جگر یا سینہٕ بریانہٕ میثون

## غزل

یُس دردہ نیستانٕن مہدانہ فت ہرم تراوے
اہر یزہ، نیزہ، خنجر زن پوشہ پھلے چھاوے

وٕلہٕ ویر گنداں جانس نیران مشو مأدانس
ییلہٕ شیر نیستانس دیم نیرہٕ گرزن تراوے

وتاو دلیرن ہند کیاہ زانہٕ سہ بے چارہٕ
یُس گرٕ اپہٕ لگان آسن ہیتھ آسہٕ کھٕسیتھ کھراوے

تمہ لولہ کھوتہٕ بہتر زوالانہ غوٕ لأمی ہیندی
استادہ جوانمردس یُس لول پہ خنجر تراوے

یس پایہٕ بدٕس ایمان انسان گنیر یکسان
سأّلاب، ہوا، طوفان، تاران تھنزہٕ ناوے

پیٚتیہ نارہ ترٛٹن ہندی پاٹھٕی اُلراوِہ کھہٕن بالن

صُبحکہٕ ہواوِکی پاٹھٕی پوشن دِل پھولراوے

پُرٕ کٕنتھ وتیہ انسانس پنہٕ نس کُھو بیگانس

ہیٚندس تہٕ مُسلمانس وَنہٕ ہا تہٕ وَنُن راوے

آزاد چھ کمہ دِینہ اٰیٔنہٕ تُندسینہٕ

پرٕ چھنہ کانٛسہ سہ بے کینہ صوٗرت پننی ہاوے

غزل

دِل ساٰنی مہٕ کرٕ غمگین تقدیر نشِکن والے

انسانہ پرٛن والے دیوانہ کرن والے

تقدیر چھےٚ انسانس نیرٕن مشہ ماٰدانس

یَس توٗرگ تہٕ گنڈن جانس بیچارہ گنڈن ہالے

گنڈہ کتھ دِل کَس زارس اَدٕ گنہٕ ہیتی دِلدارس

پینہٕ شورہ تہٕ چھاوان نارس دزہٕ پانہٕ بنیٚن زالے

دوہ لقہ پانہ پنُن سُتنر کرٕ بنٕ پانہ پنُن رہبر
اوتار تہٕ پاٚغمبرٕ اِیوان اٚسی پتھ کالے

دوٚگنیار چھُ ییلہِ مُطلب پوٗزا یہ نمازن ہُنہ
سوزس بہ یہ بخشاٚیش بیٚیہ توٚرۍ لدٕ لقہ ڈالے

اٚیزِس معول یُس کھالان یُس آسہ پیٚزس گالان
مُردن نشہٕ نا انسان، تہٕ تہٕ یُس نہٕ تمُس گالے

بأیس دُشمن گوہ بوے خوش خوے سپُن بدخوے
گیاہ وٗنتۍ زٕ یہ حاٚصل اوے دِینکٕ دَم دِنہ دالے

انسانس کرٕ نعمت گتھ پانہٕ کران قدرت
روزہ یہ کھاٚسی اٚکھن کیتھ ہیتھ اندی اندی سوہ نشرہ ونقالے

ہیٚندس تہٕ مُسلمانس شیٚر لقہ اکے ہی بانس
زانُن تیکہ اِنسانس کٲشیاہ معنہٕ چھُ مثالے

تس دردِ غزل خوانس صد حیف ہزار افسوس
یُس خام خیالن پتھ زوٗجان پنُن گالے

حاۂران گومٕت حضرت پھیران خدائی ہیتھ

پرٕ ہتھ کاتھہ چھُنہٕ بے غارت ایمان پٔنُن زالے

کُس ساز دِلک وایان ییم ناد کُس لایان

آزادن ہیٚوٚ انسان اَتھ زیر و بمس تالے

•

## غزل

دِیرن سیٚتھٕ تھاوِ کھ لے گرٕ ہی دِل تے جگر پأدا

چھُہ صُحبت بُزدلن ہِنٛزِ کران وسوس تے ڈر پأدا

گُلن منٛز چھکھ ژٕ ہ ترامِ و تھ لُر بچپأو ہتھ مخملک بستر

گُلن تہٕ گُلشنن اندر گژھان چھا شیرِ نر پأدا

ژٕ ہ وو تھ تھاہ لاے سوٚدرس ہاولو لچھ تیز جولأنی

یمن بے سوز لہرن منٛز ژٕ ہ کر سوزٕچ لہر پأدا

دٕزتھ ییم پنجرہ تہٕ زولانہ یمن چانی اکھ شعلہ

دِلس منٛز جوش ایمانک یقینک سوز کر پأدا

غوٗلامی تہٕ گدٲیی ہُند محبت زہرِ قاتِل ہے
مہ بَن احسانکےٚ بندٕ ژٕ کر لوٗکٕس اثر پٲدا

وَتَن منٛز چھُکھ خود! ژھاران ژھارن رُودمُت پانہٕ
وَنے یتیمہٕ سِتیٖ یِچھہِ پانَس گوڈٕن لرسعہ نفر پٲدا

غریبن ہُند جگر تہٕ دل بُزان ہیم کیا زٕ سیخُن ہیچھٕ
امیرَن ہندی خوٗدایَن تم تہٕ کرِیٖ ہیتہٕ اٲسہِ اگر پٲدا

چھِم قوٗمہٕ در اصل خاص انسان تُلان ساسَن کرِوُن منٛز
ژٕ وہ وۄقھ لاگ پانہٕ آدم گرِ ہیتو منٛزٕ ساس کر پٲدا!

مہاراجَن تہٕ راجَن، پیٖٹھ ہیمو گوٚر راج تہٕ شاہی
یتیمی میٖنزٕ تہٕ زمینن وَنتہٕ کرِی نا تم جبر پٲدا

ژٕ بنیرِ ب واہ اسے آزاد بے پرواخۍ یِس وَن
ہُنر مندکٕس وِنی پانَس کرِتھ یِتہٕ بےٚ ہُنر پٲدا

# غزل

یُس نارہ ترٹن ہِندی یا ٹھی پان سوزہ پنتہٕ زالے
تف کھارہ بیا بانَن ژھوٚپہ مارہ کوہن والے

چھے قبلہ ہُنٛن ہاوان اِستادہٕ گئے ہُنٛد شان
برخاک ژیہ ترٛوٚو کتہ پان چالاک نمن والے

دِیُن سجدہ چھُہ ہیٛچھناوان یوٚد بندٕ گئے ہُنٛد فنتہ
"سوزُس بہ یہ بخشا یِش بتیہٕ توٗر ہی لدِتہ ڈالے"

گرشھ ترٛاو ژہٕ ہیم دابہ گورَن تہٕ مَلَن بایُن
"دِل سائی مہ کرہ غمگین تقدیر تھکن والے"

قانون زبان بندی منز خانتھ ہَن سوزِتھ
تتہٕ چھے نہٕ سعہ خنداناہ قانون تھپن والے

گو دورِ ستمگاری دژاسے عاشہ متین ہندِ دوہ
منحوس سیاہ تارِک گئے ژھایہٕ سنگر مالے

کیاہ ہاو جلالک نورٗ موختار بنن مجبوٗر

بے تاب گومت آزاد کوتاہ یہ ستم ژالے ؏ص

---

؏ص ایک مسودے میں مقطع یوٗں درج ہے ؏

یا ہاو جلالک نورٗ اَمہِ شانہٕ وَسَن مغروٗر

نتہٕ حکم دِہ آزادَس حق چون ستہ نچھِ والے

(دگنجو)

# غزل

محفلن منز خوش دِلاہ آتش زباناہ آسہ ہے

بوزہٕ ناداں سوزہٕ سان لولک ترانہٕ آسہ

بُلبُلن ہند آسے شری تن دِل چھ تاہم خوش کران

ہردہٕ کاوَو دردہٕ نیہ تمُت طُفاناہ آسہ ہے

ییم وُنان اُسی ہند ی مسلمان بائی بارٕ نی پانہٕ وأنی

کیاہ تہمن نشہ بنیا کھ کانٹھہ ویداہ قوہانہ آسہ ہے

تھودرتن بتیون بتیون تھوون بیلہ آسہ ہین طت نز قوم

پرہیتھ اکس بتیون بتیون زمیناہ آسماناہ آسہ ہے

نسبتس یا خاندانس پرہیتھ اکھاہ ڈاڈو مطھم سوار

برونہہ پکھان پنز نبو کوہ طھیو کاہۃ نوجواناہ آسہ ہے

گاہٹ جاراہ آزموودم ژاٹز ہالن پھیری پھیری

واے تتہ نیسان بنز نک امتحاناہ آسہ ہے

لولہ بدالین ہوشہ ڈالینہ لولہ رٔسی کلہ واُل آسے

ژھرہ کھاُسہ امہ خوتہ چاوان مہرباناہ آسہ ہے

رندہ ہدل عاشق بہ کرہ ہمن بندہ نی سیتہ بندگی

بندہ گی منز زندگی ہند اکھ نشاناہ آسہ ہے

نیبرہ ہا سنیاس لاگیتھ فیرہ ہا رتیمنی وتن

دوستن ہیننہ دوستی ہنز یاری زاناہ آسہ ہے

کیتو بوچھم ہتو آرہ کُتو گے آسمانس کُن ڈُھان

لامکانس پیٹھ تہ دیارن ہند خزاناہ آسہ ہے

کیاہ دُنان آزادکُس بوزان تِمہٕ سِندۍ بیم وۄدٲکھ

زانہہ تہٕ لیکھان زُلفہٕ خالکۍ داستاناہ آسہہے

۴ جنوری سنہ ۱۹۴۲ء

# غزل

دردوک ناریس لۄلہٕ مشُر للہٕ وان روزہٕ نہ پردن ژھایے

تیرن تہٕ نیزن سینہٕ پیس داران کھوژہٕ گرٛزکہٕ وُنہٕ کرایے

کس کیاہ کرِہٕ ہُن پھندباز ترٛہ ہُن امہٕ خوتہٕ زورہٕ تہٕ شورٕ

لوکٕ آلوٗ ضایہ چھہٕ پیٚنان امہٕ ڈولچ بھٹہ رایے

چھسہ کہ لدٕ پانس نوُن چھیم ژاوان زخمن خوُن گوم جٲری

زاہ کٲلۍ وننس راہ چھیم کھاران آخر آہ تہٕ کرِہٕ نایے

ربتہٕ کول واتن مولہٕ موہ نچہٕ وِسرن ٹلہٕ کتر چہ مندورٕ

شینہٕ کین بالن چھلہٕ چھلہٕ والن سونت کالچہ گگرایے

نیپہٕ نیپہٕ کرِہٕ وُن مال گوتٕ کال پکہٕ درٛوہ گہٕ مولہٕ اپزہ کہٕ وانہ

سُرتلہ کھوچہ پیچھٕ پتلہ کھالن مولہٕ تلہٕ وسہ مولہٕ ٹایے

لوکٕٹ نار بێلہِ شعلہ گرٕتھ ماران ژھاران پننہٕ آدَن
ظُلمکٕ آرہ پٲل تمہِ نشہِ تھارَن وارہ زَن بَرٕ بُزی لایے

منزہ چھان کیٛازِہ چھکٕھ لولہِ دٕکھلاین تن دار ہا وطن دارو
گھرہ کین بنیاین سرہِ گی لبنچو بێلہِ گیلان اَدہ ہمسائے

ییم چانٕی پرزن چانے دَمہِ سینٕتہ ژھوہ مارنہِ دڑایے یمیَس
شُری سندی پاٹھٕے چھکھ پننہٕ ژھاین کھوژان بےپروایے

ستہ رنگچہ دہ دہ کولہِ نتھ تہٕ زاگرتھ دوندہ میون چھُنہ مُشراوان
بیندہ، رنبہٕ آرس، نتھ ویرناگس، گنگا یہٕ تہٕ جمنا آئے

سیکہِ ماداتن پوشہِ وَنی پوش فوٗلی ییمہِ درشنہ کے جوشے
لنکایہ زالیتھ آو مژراوین گوٗپیہ منز منتھرائے

سرٕہ گوم ییمہ گاٹہِ جارٕ کہِ دفترٕ کعبہ چھُم نشہِ بُتخانس دوٗر
لولکہِ ژاٹھ الہ آبہ قوہ رانکو ڈینتھم منز گیتائے

وَطنکٕ سوزلوٗگ میٛون اَزادس تراوِن سازی ہاوس
بانچہِ مسولہِ کھاسی ہیتھ پڑاران اَسہِ کُن ہتیہ پیہِ نایے

۲۵ مارچ ۱۹۴۲ء

---

نوٹ ا: ایکہ نسخہ [illegible]

# غزل

بۓ ہا لالہٕ وَندے لال بۓ نو ژالہٕ جُدائی

بۓ ہا ساس مُلہٕتھ نیرہٕ کرٕ سے کاسہٕ گدائی

کُس بادہٕ پٮ۪ہٕنز دأدی کُس ہادہٕ دِپٕکھ آخ

یَس عرسہتو او سُم وعدہٕ تمُس چھُم نہٕ وفائی

پرٕ یتھ کأنسہٕ پنٕنۍ کینہٕ چھُہ اُنہٕ دِلس ژھاے

ہے ہاے مہ روز ژھایہٕ پنُن سینہٕ صفائی

ہیم چأنۍ بختاوار سأری میأنۍ زور اوار

کینٕہہ چارہٕ پنُن چھُس نہٕ وُچھان صبرٕ ورأئی

انصاف چھُے نامیأنہٕ تیمہٕ موصوٗم عیالکُ

ہے ہا ے بے پرواہ یہ کیاہ چأنۍ خدأئی

چھِم ٹأٹھہٕ جِگہٕ پارہٕ مَران فاقہٕ اُچھن تَل

بیگانہٕ کران عأش کھیوان میأنۍ کمأئی

ژھک چھان زُوِ اوت تۄ باقی یہِ تہٕ ژھک میون

بٔنیہ وُچھتہٕ ہمن خوش نہٕ پیوان میانٕ بجائی

یُس کانٛہہ تہٕ بوزان لول تہٕ ہاوس چھہ کُنی کتھ

سُہ چھُہ ناز کران تازٕہ گلاہ مُشکہٕ ورائی

گدٕرُن تہٕ بنُن بوز کتھاہ کُس تہٕ بنِتھ آو

زانُن تہٕ وَنُن زانہٕ دُنیو زان عطائی

آزاد یہِ کُس سنگدلس سیتۍ گیہِ کام

پٔنزی پاٹھی چھِہ راوان جائٕ ساری جان فدائی

سلہ غیر کشمیری حکام اور حکومت کی شکایت ہے۔ (گنجور)

# غزل

یہ غزل ہموطنوں کو اپنے حال زار سے آگاہ کرنے اور غیر ملکی حکمرانوں کی لاپروائی سے متعلق ہے (گنجور)

گژھی پرواز طوطس بُلبلس کاوس تہٕ شہبازس

ولیکن وُچھ تفاوت کیٛہ شہ پروازس تہٕ پروازس

عذابکۍ تیز طوٗفانہ ڈران چھا لولہٕ دیوانہٕ!
مُتھِس زنجیرہ زولانہٕ چھِہ شوٗبان تارہ زَن سازس

کتھن ہُندرس الگ چیزاہ دِلکۍ آلو الگ چیزاہ
ہِشر چھا گُرتہٕ گوٚندا اُسِتھ مہاراجَس تہٕ مہرازَس

دِلیچ آواز پانتے سوز پانئے ساز تہٕ سنطور
سعہ خن باٗزی رٹمان دامَن گیوٚن واٗلس خوشِ آوازس

بہان ییلہٕ زندگی ہُند ساز وائِن واٗلی گوشَن مٔنز
گرٛژھان مُشتاق بوزَن واٗلی سارنگَس تہٕ شہنازَس

کران عشقس ہوس بدنام لوٗ بیاٗ عاشقن ہُند دِل
دوہٕ ہَن تارَن ہِندین یارَن تہٕ سازس ناز و اندازس

وُچھان مغروٗر پانس کُن زمانس کُن وُچھان فند باز
نظر ژیہِ چھُے ساعتہٕ آسان زندگی کُن رِند جانبازس

مُدانیری ژٕ یہٕ نِشہٕ پانَس نہٕ مٔنز کابَس نہٕ بُت خانَس
دوونم ہِیندِس مسلمانَس وَنُن گوٚژھہ محرمِ رازس

ہُران کمزور ڈیشیتھ زورہ والین زور تہ ہِمت
کران تیزی تہ گرمی شراکھ ییلہِ نرمی وُچھان مازس

خطا کیاہ چھےٚ ژیہ اے ظالم بہٕ چھس پانسے پننُن قاتِل
وُژان ییلہِ جانوارن دوہن یِوان وَتھ تیر اندازس

ژیہ نے خوفِ خودا او سُے خوداییس کونہٕ ایوان عار
خوداوندی تہ جاےٚ نِی پاےٚ تھٲوِ زاگان میاٚنِسی مازس

یہِتھس بے عار نقدیرس نہٕ مُن زانہہ بچھُم نہٕ دِل مانان
ژہ ہارک خونِ دل وُدی وُدی بہٕ لاگا چوٚہ نہٕ دروازس

دِنک کمہٕ بازی گارن ترم پریشان دِل سپیوٚکھ یک دم
حجازس ،ملک چینس ،رُوم وشامس، ہند وشیرازس

فریبکرِ زال ترٲوان او اوٚنن لبیہ[1] واو تہ دُری یاو
یہتو پانس بُڈھتھ گرشھ ناو بے انصاف فند بازس

گرشھان آزاد گلزارن تہ یِود سیرس چھُ یارن سیتھ
نظر تھاوُتھ تہ کن دأرِتھ چھُ آسان دردہ کس سازس

۲۸ مارچ ۱۹۴۳ء

---

[1] اوٚنن لبیہ واو تہ دریاو ۔۔۔۔۔ ہوا اور پانی کو تابُو کیا۔ (گنجور)

# غزل

ڈلو رندو چھُہ مُس بٔرِ کرِ بٔرِی خمن شیشن تہٕ پیمانن
پیاپے اُلفتک مے چیتھ کرو گتھ لولہٕ میخانن

چھُہ از جانانہٕ ساقی پانہٕ لولکُ مس بران کھاسن
کرِتھ پأراو نأوِتھ پان ترأوِتھ زُلف پیچانن

قُمر، کستوُر، جل، بُلبُل، بتھرِ پیٹھ از چھوان بلکل
گلو تہ مسوٕ لو دِتی چاک دامانن گریبانن

اَنھن کیتھ پنٔالہ ھیتھ پرٔاران کمہ تان حالہٕ نیمبرزل
چھو پرٔ لوگمت چھُہ اَچھ پوٗشن بنفشن عشقہ پیچانن

بہتھ خوشبو گلن اندر ترانہ نو بہارک بر
وزِتھ و أبیجہ لولہ بر نو بن باغن گُلسِتانن

غمن منز ترأو دین زارو، ستمگارو، دلا زارو
یمو زولانہٕ نقأوی کرِی کرِی کمن ستہ بیر نیستانن

کوٗرکھ تاراج ژروٗ کھ زٔھر کیاٲنٛ تہٕ یارانس

دِلس منز کینہ تھٲوِی بُری بُری یِہند دینن تہٕ ایمانٛ

پران افسوٗن ہاوان رنگ تہٕ نیرنگ جادوٗگر

کران آے خار گُلزارن صرف تہٕ گُنہ پیشانن

یہٕ تے دوٗ گنیاژٕکے رنگا تہٕ یکسانکھ بہانہٕ بوز

نمُن ہیوت برہمنو کابس مُسلمان ژاے بتخانن

بہارکی دمہٕ تہٕ یادمن 'عید' دیدن یارہ سُند دیدار

بیژٲ وُنی کیٛن نمُن سعہ رگس بژمن حوٗرن تہٕ غلمانن

عذاباہ کرٕیہٕ ہٕٹ روزن زندٕ ظالم بندگی اندر

کرِن قعہ ربان زوٗتے جان زنجیرن تہٕ زولانن

پران یاد اُلفتکی افسانہٕ بوزتھ شاد پینان دل

چھُہ سوزاہ یاونک آزادہ چانِہن تازہ افسانن

۳۰ر فروری ۱۹۴۴ء

# غزل

بوالہوس دیوانہ لاگنٕ لولہِ دیوانس پزِٛیا
بہٲرۍ سنٛدۍ پأٹھۍ زاگ ہێنٛو شیرِ نیستانس پزِٛیا

ییٚمہٕ گمانَن پھاس ترٲوِتھ پانہٕ دٲنۍ ثوٚٹ نَمہ تہٕ ماز
ناز تَتھ بیہِتھ گاٹِلس ہێندِس مسلمانس پزِٛیا

ییٚمہٕ یقینن کینہٕ رستیٚن باز نٕہ دوٚن کرٕ جُدأیی
سینہ دارَن وننہٕ تَتھ دہنس تہٕ ایمانس پزِٛیا

دین یوٚد مُشرادِہ یکسان کافرِی تیٚمہ خمہ تہٕ جان
ہاژہٕ لأگِتھ داغ تھاوُن پاک دامانَس پزِٛیا

کافرِی دوٚگنیار تھاوُن دینٕ دأرِی گوٚو گُنہٕبر
نفرتیچ اُفیٚن مِلہٕ ورٕی دردٕچ پیمانس پزِٛیا

زندگی کیٚنٛژ زہرِ قأتِل بندگی شرمندگی
اَرکھس دیٚش سگ، بُزٕن گوہ ڈٲمِشِ گلستانس پزِٛیا

کیاہ کرن گنٛہ رس تہٕ لولس بأژی گارن ہِندی فریب
وُنہ واوس، گرٛدِہ کھورٕن مردِ مأدانس پزِیا

پنجرہ طوطس بلبلس قمرس تہٕ جلہ سی کیٛتھ گرٛان
دل ہراون سخٛتیٖن اندر سعہ خستہ دانن پزِیا

سِہہ پکان بے وارِ برونہہ کُن شال وچھان پھیرتو
موتیٖن پیٹھ موردہِ لاگن زندہ اِنسانن پزِیا

گاش اُسِتھ کیاز چھک اَنمانہِ اَنمانہِ پکان
دِہن بَرنی بیمارہ سِندی پاٹھو منٛز اُرس جانس پزِیا

ہکی قِصہ تھاوِتھ یاد موشرووُتھ وطن
سِتنیہِن منٛز واو میٖنن صاحب خانس پزِیا

داوری لد آزاد للہ وان آسہ کانہہ ضرب جگر
زانہٕ نے الزام دیٖنہٕ پننِس تہٕ بیگانس پزیا[1][2]

(۲۰ جون ۱۹۴۳ء)

---

[1] دوسرا مقطع بھی ایک جگہ درج ہے۔ چھنہٕ نہ کانہہ چیز راہ کلمہ داوِتھ منگان اے آسمان
بے سبب آزار دیٖنہٕ آزادہ نس پانس پزِیا

[2] ایک مسودے میں غزل کے ساتھ یہ شعر بھی ہے۔
قودرتن چھےٚ بخشمٕت پرواز کربک ولولہ زھایہ روزٕن مأے ہیٚتھ گیٚتا یہ قوہ آتش پزِیا
(گنجو)

# غزل

بے دردِ ژِہ دِل موٗردہ مییہ چِھان غوٗصہٕ گژھیم کیاہ

گوٗکھ مارہٕ ہا بیمارہ خبر چھےٚ نہٕ وٕیم کیاہ

بے دردہ یہٕ کُس پٔردہ ہیتھ چھےٚ ژٕ یہٕ اُچھن پیٹھ

وٕنہٕ چھےٚ نہٕ ایوان پٔرہٕ تہٕ پنُن ماز تہٕ نم کیاہ

انسان وچھم لول بٔران شکلہِ تہٕ رنگس

اِنسانٕنیتس نِشہٕ عرب کیاہ تہٕ عجم کیاہ

یُس دِین ہیتھ تراوِہ نیٚندرٕ یاوِہ بیدارن

نمہ دِینہ خوٗہ تہٕ بھنگہٕ تہٕ اُفینہ چھ کم کیاہ

ہا رِندہ ژٕ یہٕ چھےٚ زندگی ہُند یہٕ سفر زیٚوٹھ

یُس یوٗات سفر آسہٕ سُہ ٹھہراوِہ قدم کیاہ

پٔتھ پٔردہ ژٕ ژھٕیتھ بروٗنٹھ رٕژھتھ چھےٚ ژٕ یہٕ خدائی

پٔتھ بروٗنٹھہ یہٕ اَکھ پٔردہ ژٕ ژھٕیتھ خوف تہٕ غم کیاہ

ماران سوِدرِہ لہرِ، ہیوان غم نہٕ بھٹِھن ہُنـد

سالاب وُچھان کوہنہٕ چھُ سُتر یرتہٕ چھم کیاہ

وپندارہ ییم چاۓ کار چھ یُدٕ اصل حقیقت

ادِہ وَنتہٕ اَپُژ، بازی، فریب دھوکہ تہٕ برم کیاہ[۱]

[۱] یہ نظم "وتستا" میں بھی شایع ہوئی ہے۔ قلمی نسخوں میں مقطع بھی شامل ہے:

مرہکو نتہٕ زنہکو قصہ زانن ہیرتے درویش

آزادہ ہن آزاد مرُن کیاہ تہٕ زنم کیاہ (گنجور)

# عالم عبرت کا ایک لمحہ

گرِ ھان چھُم پارہ پارہ جگرس زِنہ کُن وُچھت دِلقرارہ میانے

بہارہ میانے تہٕ باغہ میانے خمارہ ہتہٕ لوکہ چارہ میانے

چھوران اُسُس بہٕ چانہٕ آشے ہزار دستانہ میانہٕ گاشے

دُبارہ گرِہ تارہ کرتہٕ باشے بہ وارہ پھولہ ہا بہارہ میانے

گلالہ ناوُس گگے بہٕ پارِی کرِن بُمن گوسے زِنہ گمہ عباری

میۂ کُن بُنیہ ژھُلتہٕ سوِرضہ ناری ارامہ میانے قرارہ میانے

ژٕہ عارٕہ بٔر ژٕدٕ بیمار چشمو ژٕ چھان کیاہ چھک میٚہ وارٕہ وارٕہ
بہٕ کیاہ کرٕ بےبیقرارٕ پانس لگے چھُم کیاہ اختیارٕ میانے

وٕنٛدے پنُن زُو لگے بہٕ پاٛرٕی چھِہ دیاروٕی سیتی یار ساٛری
دُعا کرٕہم یا دوا میٚہ کانٛہ شاہ دیم تہٕ کمہٕ اعتبارٕ میانے

میٚہ اُچھ اَنہٕ یم وٕدان تہٕ ریوان وداکھ دیوان تہٕ نالہٕ دیوان
چھُہ کرخمہٕ دایس تہٕ عار اپوان ژھریہٕ اُکھٕ زارٕ پارٕ میانے

جُکھنٕ تہٕ جوٗر رٕتھ، کرِتھ کماٛوِتھ، نصیبہ میانے یہٕ غم تہٕ ماتم
شراب خانن تہٕ دازٕ وانن چھِہ زندگی کارٕ بارٕ میانے

بُرِتھ پیوان بانہٕ یتھ زمانس فرِتھ غریبس تہٕ ناتوانس
ثنا بوٗوِن مالکِ جہانس، ہُران کیاہ چھُس دٔدارٕ میانے

نین تہٕ وارِن پھٔلے چھِہ گجرٕ اماپہٕ تھٔر میانی کونہٕ پھوٗ ٹجرٕ
بہ زُو نہٕ ہندی پاٹھو کاٗژاہ گجرٕ ژٕرٕ گُنہٕ یکھنا بہارٕ میانے

غریبہ سندی دوہ تہٕ کاٛلی فیرِن ہوس تہٕ ارمان تہندی تہٕ نیرِن
دلے غمکو بابہ وٕلِتھ سوسن پھولان آسَن مزارٕ میانے

وُچھمنہ تٕمۍ دوہ غریب اُسِس غریب کیاہ بدنصیب اُسِس

ژٕ وارہ آسِتم تہٕ وارہٕ وُچھہِ کٔ شفیقہ تہٕ غمگسارہٕ میانے*

۴ جولائی ۱۹۴۳ء

* معلوم ہوتا ہے کہ غزل میں کئی اشعار پر نظرِ ثانی نہیں ہوئی ہے۔ (گنجو)

# غزل

پایَس پیتو انسانَن، بے پروائے ژٕ مولاگ

مستانہ چشمن سورمہ کنئے ہاسے ژٕ مولاگ

وہمو گمانو زرد کوٗر کھ دردٕ گلابو

شہبازٕ بوٗہہ ہارٕ ہنز فرٕ کہ راسے ژٕ مولاگ

چُھکھ شیرِ نیستان تُلکھ لرزہ جہانس

بییرن بہٕٹین تل شالہٕ سنٛدٕ پاکھٕ ماسے ژٕ مولاگ

بیتٕلہ سوز آسی کو نہٕ مارکھ لہرٕ سنٛودرکی پاٹھٕ

زانِتھ مہ پیٚٹھ سینہٕ گژھ کہ وٕنی کژاسے ژٕ مولاگ

چھکھ ابرِ رحمت تازہ کرُن زندگی ہنٛد باغ

گگرایہ کرٕی کرٕی ژھایہ ہنٛول ژھوٗرنیاسے ژٕ مولاگ

ژٕکھٕر چھُک داران دورِ آسمانس ۔ تہٕ چھُ انسانس خدمتگار

گتھ کران چانِس یتھ دیوان خانس ۔ پننِس پانس معنے ژار

ژٕہی چھُک باغوان یتھ گلستانس ۔ چانی گُل تہٕ چانی گلزار

ژٕہی کیازِ حیران منز وٲرانس ۔ پننِس پانس معنے ژار

شیرِ ہُند دم دِوان پھیر نیستانس ۔ دٕمہٕ دٕمہٕ ہیے چھُے نمسکار

دٕمہٕ سیتی ہمپوش پھُلہٕ وٲرانس ۔ پننِس پانس معنے ژار

راے چھہٕ کر پننِس عہد و پیمانس ۔ پننِس یارس روز وفادار

کیاہ چھہٕ منز کعبس کیاہ چھہٕ بُتخانس ۔ پننِس پانس معنے ژار

حق پننُے نکھہٕ وال حق سُبحانس ۔ ادٕ حق ژھانڈٕنگ چھُک حقدار

پانہٕ کر حق حساب دانس دانس ۔ پننِس پانس معنے ژار

گنگھ ڈٕہ دامانہٕ زٕلِتھ جانانہٕ جانس ۔ دٕمہٕ دٕمہٕ لاگس ناز بردار

شوٗبہ ادٕ لاینہٕ تقف گریبانس ۔ پننِس پانس معنے ژار

کیاہ چھُ غم دردٕ کس مردِ مٲدانس ۔ ملکن تہٕ فلکن ہُند چھُ تاجدار

حونٛرٕ تھپس تاہ دیان رنٛتِ شاہانس ۔ پننِس پانس معنے ژار

آب مُترا ئڑ ھِند کھال اَسمانَس
ناساز روزی یوّد سمسار

ناز کر پننِس تازہ دورانَس
پننِس پانَس معنے دوار

شیر خار زانان تدبیر دانَس
فندہ باز تقدیر زور آوار

بندگی چھُ کران رند مستانَس
پننِس پانَس معنے ژار

بیٚہہ نا آغرچون بیٚٹھ دیوانَس
تھووُنکھ مُم اِک بیٚہہ موختار

دوہ نوے ذمہ دار پانَس پانَس
پننِس پانَس معنے ژار

وَنِہ کیاہ آزاد نشہ غار زانَس
چھُنہ وہ ٔنی رُود مُت وَننَس وار

وَنِہ ہا پوز لگان ٹیوٹھ انسانَس
پننِس پانَس معنے ژار

# غزل

مہ لاگ پان پننُ زالہ ہستم زالہ وَنِہ یو بوز
ستمگار چھُے دُنبالہ ستم زالہ وَنِہ یو بوز

یہ چون یوت زالُن چھِ جائے ٔخانہ خرابی

غارت پھُے نہ ژہ مشقالہ، ستم ژالہ ونہ یہ بوز

رباب چنگ تہ زژن چھنو وردہ نیے منشز

ییتے چھ شیر ماران ژھالہ، ستم ژالہ ونہ یہ بوزہ

وسان پھُے نہ یہ خمار گرِ ھان چھک نہ ژہ بیدار

چومُت پھُے ژ یہ یہ کُس پیالہ، ستم ژالہ ونہ یہ بوز

چھ یس سوز جگر تشنہ ٹہ ییہ روزہ سُودُر چینیھ

ژہ گو کھ ییرہ اکی پیالہ، ستم ژالہ ونہ یہ بوز

ژ یہ کمہ حالہ گندان نالہ چھی فند باز گندن واُلی

بنتھ اوٗے اُنتھ سالہ، ستم ژالہ یہ بوز

چھوان دژاو یہ آزاد ہیوان سوز دِلس داد

ریوَن واُلی دِوان نالہ، ستم ژالہ ونہ یہ بوز

●

لہ غیرکشمیری حاکموں کی طرف اشارہ ہے جن کو کشمیر سے باہر کے اطراف سے لایا جاتا تھا۔ (گنجو)

# قطعہ

پُٹن پان زان ہا اِنسانہ پانس پانہ عزت کر
شمع بنِیہِ نور چھُکھ پانے ژٕہ پانس پونپرٕ نی گھتہ کر
یِتھےٚ عاشق چھُہ معشوقس کران ہیم اُلفتک زنجیر
تِتھےٚ پاٹھی نیر بے پروا ژٕہ معبودس عبادت کر

# قطعہ

اَتھ سیاہ زُلفس تہٕ خالس پتھ سیاہ کوٚر تھَن ضمیر
وُچھ کمَن زالن اندر موصوٗم دِل سپنٕے ژٕیہٕ گیر
بُلبُلس تہٕ کالہ سرفس چھُکھ کینہہ بوزان فرق
شہوتس پیٹھےٚ ناو کوٚرمُت لولہ خنجر عشقہ تیر

گوٚپھن تہٕ غارن تہٕ جنگلن منٛز بہتھ پنُن دِل ژٕ تنگ موکر
پھُکھے ژٕ انسان سٔہن تہٕ شالن تہٕ ہانکلن ہُند یہ رنگ موکر
بساو خانہ کماو پانہٕ ریا کرِتھ مو لوٗٹاو عالم
شریک موان ژٕ لاشریکس بیٚین نشہٕ منگہ منگ موکر

•

وونکیشاہ مغربک پرتو تیتھے یوٗتُمت چھُہ سمدران
اپارِپی زوٗنہٕ اکھتابس بہودُر سائنی ما کھارن
یہ زور آور کشش کاژاہ چھہ تتھ زنگس تہٕ رویس منٛز
بہٕ چھُس کھوژان نوم صاحب کرن ما ٹنز روہ خسارن

•

دوس سارِی گے اشمِتھ شیطانس دوٚہہس ژٕ وَن
موٗدی ییلہٕ متوٗ زوٗر فاقہ کیاہ کرن ییم سوٗد خار
تورہٕ دوٚپنکھ توٚہی تہٕ منگو توٗ اتھ جماعتس نِش نجات
ییم کفن ژوٗر تھاوہٕ نکھ قُرقس اندر کرِی کرُنر مزار

زیٹھ لاگتھ پچھن تہ ٹھاوتھ ریش
مندرن مسجدن چھہ رٹ رٹ کوٚن
چھا خچہ شاد کران خدا صاحبس
چھا بناون بیچھنکی فونٛن

•

پیر مرداہ ونان اوس اکس
حسدس ہیو وچھم نہ کانٛہہ عادِل
زاویس تس کران خار و ذلیل
یُس رچھیس تس بزان جگرہ تہ دِل

•

ییٚمِس یارِ کران چھے بخت تس سارِی چھہ آسان یار
ییٚلی شوٗب آسہ دوٚکانَن تیٚلی ریِن مالہ متھ بازار
ییٚلے اوٚر جان آسی یارہ وچھہک لارہٕ ورنی سارِی
ییٚلے گدرہی زدس کینٛژھاہ لوٚکھ نہ کانٛسہ نِشہ کھنڈہار

وعظ خاناہ پران اوس لوکن  کرتھ دِیُن ٹوٹھ چیزاہ راہ خودا

اتفاقن زنانہ تمہٕ سنزہ بوز  دوٚیمہ دعہ ہۂ تس نشہ یوان چھم گدا

ووٚن تمہ ٹوٹھ چیز کیاہ تامت  خانہ دارن کورُس بخشم صدا

جاہلن صدقہ دِیُن چھُ جُرمانہ  عالمس ہُند عاملہ چھُ جُدا

پانہٕ ابلیس اوس تِی بوزان

ژوٚل بچارہ پرٛان پناہ بخودا

●

نصیب سں چھکھ مُدان نادانہ لاکان ہاتژھ تقدیرس

یہ جنت تے جہنم چھے ژہیٚ پنہ نین کارنے ہُند پھل

ژہ زیادہ نرم یود روزکھ میٚشرے ہندی پاٹھو تراوِتھ لر

کری پامال اکھ دُنیاہ ہمیشہ جاے چھےٚ کھوٚرتل

بنکھ فولاد یود دوٚے یاد تھوٚ نتہ آسہ اکھ ساتھا

ہنکھ زنجیر شیرن ہُند تہ یا خنجر نتہ کرتل

●

# غزل

سروِ آزاد آوے پژارہ نانے — تازہ تازے لاگس پوشس

پیپرِ ترٲوان خاصہ اندازے — تازہ تازے لاگس پوشس

سوز وائی توس لولکہ سازے — دوزہ دٕماہ تھاوِتھ گوشس

بوزہ وِگنین ہنزہ آوازے — تازہ تازے لاگس پوشس

وسنے منز سعہ مرہ تہ سازے — پوشہ چمنن ہاوان بوشس

زن چھ پرین ستو نیدرانے — تازہ تازے لاگس پوشس

حلہ کیمخاب نالِ پیشوازے — مانزہ اتھ زن ادری پوشس

خوابروین شوبہ مہرازے — تازہ تازے لاگس پوشس

لالہ ازتھ ستو سانہ دروازے — کرتہ پیالہ مس کیہ نوشس

برہ مارسے لاگتھ وازے — تازہ تازے لاگس پوشس

چانی روہ خسار کیاہ چھ سرتانے — پزدہ ترٲوان لوہ ہتی پوشس

معشوقن ہندہ ممتازے — تازہ تازے لاگس پوشس

آزادنہ سوز و گدازے          مینوشن آو کیاہ جوشس

وَنِہ ترأو کرتو دارہ دروانے          تازہ تازے لاگس پوشس

# غزل

عاشقن ہنز عشقہ بازی کفر چھا اسلام چھا

عالمس بدنام گومُت پوختہ عاشق خام چھا

نیب ہیتو تمس حاپہ جایے وچھنک تھودنم فریب

ژالِ چھا گلمرگہ چھا ہندوارہ چھا مقام چھا

تمی نگارن پوختہ کارن منز اشارن دیت جناب

زمزہ چھا حسنک ادا چھا وصلکو پأغام چھا

ہر تہر چشمن سوۂ مہ لأگتھ نیرأن زاگتھ میون دِل

یمبرزل چھا کھأسی چھا مس پیالہ چھا بادام چھا

عشقہ مأدانس اندر صد پارہ دِل اُسِتھ گریزان

شیر چھا رستم جگر چھا عاشقن بدنام چھا

جلوہ ہاوان گاہ ژادان تنبلاوان عاشقن

نارہ وُزہ مَل شاہ پری لاگِتھ زٕری بر بام چھا

تیرہ کے تاثیر زَن تقریر آزادُن کران

درد چھا خوان جگر چھا شعر چھا الہام چھا

# غزل

یادہ میانے یاوَن را یے
مایے چھس یو وَنہٕ وانہٕ

پاڑی پاڑی لگہ یو ژھایہ تہٕ گرایے
مایے چھس یو وَنہٕ وانہٕ

چانِ دڑہی چھم میانی گرایے
عالم کوٚرمت دیوانہ

میون دِل دولت چانی مایے
مایے چھس یو وَنہٕ وانہٕ

کتہ چھہ منز رچھ نس لوپچہ دایے
دَمہٕ دَمہٕ تی چھس ژالانہٕ

بلہٕ نے میون دل ووتھ مانیایے
مایے چھس یو وَنہٕ وانہٕ

ناساز ازلہ میانہٕ ہے ہایے
کس پتہٕ کرہٕ تھس دیوانہٕ

ژالان کاڑاہ چھس بہٕ دیچھلایے
مایے چھس یو وَنہٕ وانہٕ

بۆمبرو یمبرزل کرٕتھس صنایے — دِل ہیتھ لوگُتھم دیوانہٕ
کھسہٕ وُن لوہ کچار کوٗر یتم ہایے — مایے چھُس یو وَنہٕ وانہٕ
لوہ تہٕ لوہ تہٕ ہیری تڑاو بے پرِوایے — ڈٕنجہ دِل اَسہٕ چھُنہٕ روزانہٕ
نالہ منتہ رٕٹہٕ ہے لالہ پوت زھالیے — مایے چھُس یو وَنہٕ وانہٕ
مُشکدار مویُس تھاوِتھ زھایے — دُرہٕ ہوٗر چھُکھ اَلہٕ راوانہٕ
روے چون صبحکہٕ نوٗرُک آیے — مایے چھُس یو وَنہٕ وانہٕ
چالاک دِلبرہٕ دراکھ تھرِ گڑایے — حوٗرہٕ مندہٕ چھاوِتھ نوٗرانہٕ
نارہٕ وُزہ ملہٕ رنے تھرِ تھرہٕ ژایے — مایے چھُس یو وَنہٕ وانہٕ
کاژہٕ زوٗنہٕ کاژھ گوم نائگیرایے — ہی مأل کرٕتھم زولانہٕ
چانہٕ پُژھ کمہٕ کمہٕ ہانزہٕ میٖہ آیے — مایے چھُس یو وَنہٕ وانہٕ
ژٕے پتہٕ نیرِتھ اُسم رایے — پوٗر پر کرہٕ ہم جانانہٕ
اَخر بیوفا دراکھ ہے ہایے — مایے چھُس یو وَنہٕ وانہٕ
سوز ہیتھ آزاد دراو بیوایے — شمعس گِتھ کرہٕ پروانہٕ
مزہٕ اَتھہ لولہٕ کِس دَزنس گیایے — مایے چھُس یو وَنہٕ وانہٕ

# غزل

لیکھتھس نا لولکی نامہ     میہ نیوٗ نم کامہ دیون دِل
کرِ لی سپینم ومہ زِلی جامہ     میہ نیوٗ نم کامہ دیون دِل
خنجر ہمہ روبرو چاٗرِتھ     ژوٗلم کوٗت بے وفا ماٗریتھ
چھوکیس کوٗر نم نہ کھلامہ     میہ نیوٗ نم کامہ دیون دِل
کُنُن گوم سنہ وُن سنطوٗر     وُنُن اٗسس پہتھ مستوٗر
چیٖیان خوٗن جگر دامہ     میہ نیوٗ نم کامہ دیون دِل
ژُلے لتہ مِنہ وِتھ اَن تَن     بہٗ لاگس تنہ سیتھ ہیہ تَن
تِھ روشان میانہ پاٗغامہ     میہ نیوٗ نم کامہ دیون دِل
شوٗبان کیاہ چھس گُلن کالے     کران دِل بُلبُلن تارے
پرِی رویس زٗری جامہ     میہ نیوٗ نم کامہ دیون دِل
پہتھ بالا درے طاقن     دوان چُھمک زہرہ مُشتاقن
پیموٗ لہِ وُنہ ہا گُل اندامہ     میہ نیوٗ نم کامہ دیون دِل

چھہٕ آزادن چوٗمت کُس مُس　　بہٕ مُستی چھس نہ روزان حِس

وَنَن کیاہ شہرٕ تےٚ گامے　　میہٕ نیوٗ تَمہٕ کامرٕ دِیُن دِل

لیکھس نا لولہٕ کی نامہٕ

میہٕ نیوٗ تَمہٕ کامرٕ دِیُن دل

## غزل

میہٕ اوسُم نہ دردِل گُمان دلبرو وے　　ژٕہ آسکھہ میہٕ نامہربان دلبرو وے

دوٗنُے ماسہ کاسہٕ تُسے دِلکُ حال میونُے　　توے زیادٕ لوگُتھ اَزان دلبرو وے

ژٕیہٕ پیچھ صاف دِل میون زَن لولہٕ کافر　　چھُہ بُتخانہٕ سے کُن نان دلبرو وے

تلان چھیہ چھُہ چھونُے پہٕ خاموش لاگُن　　کتھاہ کَرٕ ز شکردہان دلبرو وے

وُچھت موے خوشبوے چھونُے پریشان　　سیاہ مُشک ماتم ہیوان دلبرو وے

مُقابل ژٕیہٕ آیینہٕ وُچھمے اتھن کیتھ　　میہٕ چھیم دٕوٗرہ غارت پوان دلبرو وے

مودُر خندہ کوٗرتھ ییمہٕ دوٗرہ دُورے　　تیمہٕ حوٗرہٕ دوتُم رٕوان دلبرو وے

چمن زار حُسنکی کمن رُود تازہ　　بہارس چھُہ آخر خزان دلبرو وے

دۄدُم سینہٕ ژالان تہمت رٕتہ ہانژرہ   وۄدُم یس نشہ سے اُسان دلبرو سے

یہ دِل خستہ آزاد دِلشاد کرٕتن

غنیمت چھُ یتھ خوش بیان دلبروے

# غزل

جامہٕ چھی نیلہٕ تہٕ شلوار چھُکھتیے   یتہٕ لوٗرٕ ہیتھ یے لاگے پوشس

ساٗنی دِل خستہ کرٕی جاٗنی مارہٕ مُتیے   یتہٕ لوٗرٕ ہیتھ یے لاگے پوشس

کنہٕ واٗلی سوہٕ نہٕ پنٕد کوٗرہٕ برٕتھ یے   ٹاٗلی قمیضے سبز رنگہٕ پوشس

رعہ نہٕ دراہ انس ریشمہٕ قیتھ یے   یتہ لوٗرٕ ہیتھ یے لاگے پوشس

ونہٕ نے منز باگ وُچھ تسے لتیے   کھسہٕ وٗن یاوُن اُسہٕ وٗن پوشس

زٕن چھہ منز شمعَن بجلی بتھ یے   یتہٕ لوٗرٕ ہیتھ یے لاگے پوشس

جامہٕ بدلاٗو دِتھ دراکھ شامہٕ پتیے   ہوش ژٕراو مُشراو یہ فراموشس

چھُ ہنہٕ نٔری گرٕشھ نے زوٗنہٕ مُلیتھ یے   یتہٕ لوٗرٕ ہیتھ یے لاگے پوشس

اُسہٕ ترٕاوی جانہٕ پوٗژھ آرٕ دِ مُتیے   مارہٕ مُتہٕ لوگُتھ ژیہ تہٕ خاموشس

وتہ وتہ نیرن ملا مٔتو سیے        یتہٕ لوٗہ ہٕتو یے لاگے پوشس

بٕلکہٕ تہٕ دِلہ زار سوزس رُتی سیے        نیرہٕ شٔر فیرہٕ بیمارن ہوشس

پوشہ کھوتہٕ اُدِلی مُشکہ کھوتہ لوٚتی یے        یتہٕ لوٗہ ہٕتو یے لاگے پوشس

سوزنم گرٲوہٕ تہٕ بوٗزم پینتو سیے        ژھیننہٕ گٲس میأنی ہینہ مینوشس

ہیٚیہٕ تہٕ اٚسی یار دوس آرِ دی مٔتو یے        یتہٕ لوٗہ ہٕتو یے لاگے پوشس

کرہٕ کیاہ اٚزلس مارنس لتو سیے        بوش ہیٚتھ کرنس برہٕ پمپوشس

دیارہٕ مہلہٕ ساٚنی زوٗ چھس پیمہتو یے        یتہٕ لوٗہ ہٕتو یے لاگے پوشس

دلہٕ میانہٕ جگر کہٕ خوانہ لیکھہتو یے        شوٗہا بہ ہن لاگنو شیرہٕ زن پوشس

لأرنس ژارہٕ کُس کرِ یہنہنز تہٕ چھیٚتو یے        یتہٕ لوٗہ ہٕتو یے لاگے پوشس

بٕلکہٕ آزادٕنی نارہٕ کھوتہٕ تنتی یے        دِلہٕ زار تہمہٕ کھوتہٕ وارہٕ پُرجوشس

وُچھتہٕ کم شاہسوار میٚترہٕ کھیمنتو یے

یتہٕ لوٗہ ہٕتو یے لاگے پوشس

# غزل

وہ لو لاگہ ہو دوس داری نگارو
دِلس کاستم بے قراری نگارو

وہ لو چنگہ وایان ہیہو رنگہ نادے
گژھو نیل بل گیپکاری نگارو

تغوفل
وہ ہے وعدہ ہتا وِتہ پزیاد بُن
توے چھا یتھے نامداری نگارو

زری جامہ لاگتھ چھسے کامہ دیو
وِیہ راہ تھس پراری یہ آری نگارو

زن اہر یزہ پھلی تیر ہیہیر جانی
تس پتھ دِوان داری داری نگارو

یژھے زیادہ چھے بیوفائی نہ شوخی
تژھے کم ژیہ منز غمگساری نگارو

وہ لو ڈالہ ڈالے یندو لولہ ہے
چھہ گلزار پھلی متہ ژوہ پاری نگارو

دِرِجس مایہ جانے لجس لولہ زالے
مران چھس کران دم شماری نگارو

انان مالہ کرہ کرہ چھہ آزاد ڈالے

جواہر مہ ہلو ژاری ژاری نگارو

# غزل

راوان یُس چھُہ آدن تُس کیتہٕ قرار آسے

کیاہ زانہٕ دِلکُ دٕدوٕن یُس تازہ بہار آسے

چھُے خوٗنِ جگر چوٗنے رندان ہُنہ گیندُ نے

سُے زانہ یُس للہٕ وُنے منز لوہ لہٕ سُہ نار آسے

تدبیر چھُہ کیاہ مرُدس تقدیر کیسے کردس

پی گوم لیکھت فردس تی کونہٕ میٚہ یار آسے

کمہٕ لولہٕ غزل پرٕم دُردانہ دھانہٕ ھرٕم

سوزُس میٚہ طومار کرٕم بوزان سُہ یار آسے

چشمن ہنز ہ ناگہ جوٗ یہٕ سگ دُیت میٚہ دٕرد چھہٕ میٚہ

یود ہردہ وُچھنہٕ پیے زَن تازہ بہار آسے

بوزان ییم میانٕ زِولہ آیس نہٕ نیندرٕ نہٕ لہٕ

بالی اسنہٕ کُرٕ زٕنیس ہٕکہ تس وٕونہ خمار آسے

وُچھہ لالہ کم کم مدن کھسیے میترٕ وَدن وَدن

دمہ ہہ آکہٕ ییم سانٛی بدن سوسن تہ مزار آسے

منز لولہٕ کین اخبارن آزاد چھُ مو خت ہارن

منظور خریدارن یمہ نامہ نگار آسے

راوان چھُ یس آدن تس کتہ قرار آسے

کیاہ زانہٕ دِلک دَدَوَن یس تازہ بہار آسے

# غزل

تمنّا اوسم تراوہ غارٕ زانی — کرہ ہس چشمہ نورانی جاے

بلہ دِل ژالہ کرہ پریشانی — کرہ ہس چشمہ نورانی جاے

وچھِ سے اَسہٕ کرٕ کمہ سہ نادانی — بے تاب لوہ لہ منز کرمس جاے

چھتر بکہ وَن سینہ اوس گریکہٕ ہوانی — کرہ ہس چشمہ نورانی جاے

سوز دل اسہٕ دِیت حق سبحانی — تمہ ہہ کُن آدنہ لارانی آسے

نہ چھُ زنار تہ نہ مسلمانی — کرہ ہس چشمہٕ نورانی جاے

دنہ تارہ گُذرادِو زھمہ مارٲنی  دوہ تارہ سیتہ گُلرِوین وٚراسے
زیُون اَسہ دُنیاہ ژیُون ییتہٕ فٲنی  کرہٕ ہَس چشمہ نورٲنی جاسے
دِلہ چھنہ بوزان وِلہٕ زار میأنی  یادی اُدی وٚچھمَس ترٲسے
ژھایہ ژھایہ ڈیوٹھم گژایہ مارٲنی  کرہٕ ہَس چشمہ نورٲنی جاسے
وُزہ مَلہ کری کرُی ترٹہ والٲنی  کھسہٕ وَن یاوَن چونے کیاسے
تاب کیاہ کرہ بے تاب جوأنی  کرہٕ ہَس چشمہ نورٲنی جاسے
ژینہ تہ ییلہ وچھے دِلہٕ حارٲنی  میہ تہ کوز دِلہ مَنزِ لوتہ تہ ہے ہاسے
اَمہ روٗس وَنتہٕ کیاہ نافرمأنی  کرہٕ ہَس چشمہ نورٲنی جاسے
زندہ دِل رند چھہ مرشہ مازکھہٕ دأنی  کعبس بَنیہ بُت خانَس ژاسے
گٕنہٕ چھُک نہ آزاد وہٕ پوہأنی
کرہٕ ہَس چشمہٕ نورٲنی جاسے

# غزل

تمس روٗس بادہ کَس تمہٕ سُند فسانہٕ  دٕہتھ غارتن ہمہ سرزا نہانہٕ

بہارس جلوہ دِیُن ادس بالہ یارسس — چھُہ گُل افسانہ تہٕ سُنبل بہانہ

تہٕ چھُنے تِمہِ بے بہا دُردانہ معشوق — یہ دِل لوٚد قوہ دریَن تس کیِتھ مکانہ

یہ دِل میون زُلفہٕ خالسن بستہ گوٚمت — چھُہ زَن تیتہٕ رَیشو کران تیِتھی شبانہ

نَفسٕ ترٲوِتھ سَنر بیلہٕ ژھور آبن — نوٚبُن پانس اندر دُردانہ دانہ

خبرٲ سمہٕ انجام آسہِ، یُتھہ کرٕتھ چھُہ — پتہ تر تُس قولہ سأس بیزہِ ہانہ

سیٹھاہ زأنتھہ میہ زونٕتھ کینہہٕ زونٕتھ — لٔبِتھہ تیر و کمان روودُم نشانہ

چھُہ آزادس پیوان خاموش لاگُن

پَتِھتی پردہٕ وُچھت رنگہِ زمانہ

# غزل

اُسہ وُن سبے وفا دلبر اسے کُن سیے حجاب پیہِ نا

لہیہ منز لولہِ سان للہ وَن سیلے چھُو لمُت تگہ لاب پیہِ نا

یہ میہ نے تنبہ لیومُت دِل چھُہ بٲی سنبلن مُشکل

پھٕتر بیکہ وہنی بینجرس منز گل بہ تھاوِنس در عذاب پیہِ نا

یہ میائنی دُورہ ہری گژ اسے کمن حوٗرن وٗلان ماسے

اُلان چھم کاکلن ژھاسے تِلتھ ہاوس نقاب پیہ نا

پییم نا اَز ہوس اوسم بر چھاوٗن تھاوہس زم زم

میٚہ حوٗرسے شورِ پانس چھُم یہ لوہ کچار ورک حُباب پیہ نا

شہ وُچھ ہسے میٲنہ سینکر آخ گمتر چھم بالہ کم سٕوٲرخ

کرِتھ بے وایہ جامن چاک پرس لوکچ کتاب پیہ نا

ہمتے لسو گژھتہ وٗنتس ہمیوان ژلیس نا کہنہ پیہ ناسون

میٚہ ژٕلہ ہسے کاژہ زٕونے گژون تہٕ اوسُس ت ثوٗاب پیہ نا

کھُٹان آزاد اندرم جوشہ چیٚوان خوٗن جگر خاموش

سرس منز آرہ کوٗت ہمیوش وُچھان کُنہ آفتاب پیہ نا

# غزل

"باز پیہ نا سروِ آزاد ویٚسی سے تنبہ لیومُت دِل ہیٚے گژھ شاد ویٚسی سے"

"وژھ وائر لنج لایس ناد ویٚسی سے"

طوٗمارٕ رِچھم اَندی اَندی سنگارَس طلّہ چھاٗوی چھاٗوی ریشمہ شلوارَس

نیلی جامہ تہٕ اَندری لادوِیسی ییے

توشہٕ ناوٕتھ افسوس لکھیاٗونس بہٕ پیالہ چاوٕتھ بے ہوش تراوٗنس بہٕ

بار صاحبس کرٕ فریاد وِیسی ییے

وَنی میہ دِتیمس باغَن تہٕ سبزارن ژھانڈٕ ناوٕم گامَن تہٕ شہارَن

پیر فقیر تہ برہمن سادوِیسی ییے

چاو اوسُم گژاوہٕ کرٕ جانانس روے ڈیشتھ تس گُلِ خندانس

چھمنہٕ روزان تمہ کتھ یادوِیسی ییے

دوٗرہ دوٗرے چھم ہاوان اشارہ چھس زہٕ خمدار گمہٕ ہرٕشہٕ بُمہ دارہ

ژھٹہٕ ماران ترٕٹہٕ فولادوِیسی ییے

سون وَنہٕ وَن تہٕ مودرے سازچی تار سوزہٕ والین چھ تراوان شورس نار

یِمھتنہٕ بوزان آسہ آزاد وِیسی ییے

# غزل

پایہِ بُڈ سوندراہ ژرایہ کمہِ چالے — کرُہی توس رنگہ رٔو مالے واو

حُسنہِ مٲدانس چھےٚ گندان ہالے — کرُہی توس رنگہ رٔو مالے واو

ووہ زلی جامہِ کیاہ نٲلی سہی ہالے — بٹیہِ لبہ کجاوُک خاصہِ چکہ چاو

مندہ چھےٚ حورہ تہ نورہ مشالے — کرُہی توس رنگہ رٔو مالے واو

کرلی بُمہ ہےٚ خم کیاہ بالے — وارہِ زٔن دوہن تلوارٕن چاو

اِشارہ اَکہِ سیتی نبہِ نار والے — کرُہی توس رنگہ رٔو مالے واو

سُنبل تہ کاکل پیٚلہِ سنبالے — شوقہ بُلبُلہ ہےٚ لگہِ تُلہِ تژاو

لولہ پوشہ نولٕن ہوش ماڈالے — کرُہی توس رنگہ رٔو مانے واو

آسمانہِ حبانا وارٕن والے — نارہِ تُوزہِ ملہ ہےٚ اَکہِ اَلہِ ژاو

خُمار کرُہی کرُہی پریمین زالے — کرُہی توس رنگہِ رٔو مالے واو

خندہ پیٚلہِ کوٚر اَمہ سوندر حالے — ہول دِل لولہ بیمارٕن ژراو

قندہ زٔن باگران تقالے عقالے — کرُہی توس رنگہ رٔو مالے واو

پٲری پٲری لگو زیس مٲری مشرِ ڈالے    دُپی توس ساتھاہ کرہ ٹھہراو

آدنک وعدہ آزادُن پالے

کرِی توس رنگہ رٕوٗ مالے واو

# غزل

لولہ پوشنوٗلو بیٚو ٹھہم گوشن    بہٕ کرے تازٕ اچھ پوشن گژاو

ہوش ویسہ روونم چانی بولبوشن    وُنہٕ چھس للہٕ وان چونے سوز

زن تمے آلوٚ چھم گژھان گوشن

بہ کرے تازٕ اچھ پوشن گژاو

شوق میون جنایہ کوٚر چانی خاموشن    دٔمہٕ دٔمہٕ خون دِل چاوتھس بال

پانہٕ چھُک مس چیوان ستہٕ مینوشن

بہٕ کرے تازٕ اچھ پوشن گژاو

سمندراہ زاجنس اندرم جوشن    لوکٹس پانس کوٚرنم سور

ژوردی پھیرم ارغوان پوشن

بہٕ کرے تازٕہ اُچھ پوشُن کڑاو

مانہٕ زُن تانہٕ ہیتھ ہیٹھس گوشنِ    نازُن شوٗبن ناز برادار

روشہ کٔس مَنہٕ ون وامٔلیس روشن

بہٕ کرے تازٕہ اچھ پوشُن کڑاو

شاد چھُک رٗوزِتھ سیتو گلگوشن    مارِہ متہٕ زانہٕ آزادُن پان

بیداد کیاہ کرِس چاٗنی فراموشن

بہٕ کرے تازٕہ اُچھ پوشُن کڑاو

# غزل

سینہٕ یاوُن ہیرِہ کوٗز تھم وینۍ

کمہٕ آولینہٕ بہٕ لاے جبھس بال

زٕہٕ دراکھ اَمہٕ حسنہٕ اَمہٕ یاوینہٕ

یہ کمہٕ آولینہٕ بہٕ لاے جبھس بال

دٔلو میانہٕ لولہٕ رگہ توٗرسے

ہہوَ کُنہٕ پیٹھ وَنن دوٗرسے

دٕزِس مٕشوِل بہ ییٚتمہٕ دٕدٕ وٕنہٕ
پہٕ کمہٕ آدلینہٕ بہ لاُجتھس بال

ژوٚلم کوٚت لوٗرِ بوٚمبوٗر
لرِ پیٚنٛٹھ بولہٕ وَن کستوٗر

دمِس وٕنی لولہٕ ؤستہر ونہ
پہٕ کمہٕ آدلینہٕ بہٕ لاُجتھس بال

ووٚلو تھاوُتھس عذابس منز
گلان چھس اضطرابس منز

میٚیہ سیٚتی یِہی وعدہ چھا آدنہٕ
پہٕ کمہٕ آدلینہٕ بہٕ لاُجتھس بال

کمانِ نازٕ چاٗرِتھٕ گوم
اِشارو سیٚتۍ مارِتھٕ گوم

میٚیہ چیٚس رووُم نہ تی کس وَنہ
پہٕ کمہٕ آدلینہٕ بہٕ لاُجتھس بال

چھِم نٔنٛو پأٹھۍ حُسنہٕ کِس کعبَس
جُرِتھ دُردانہ محرابس

زِ گمہٕ ہژِ ہمُہ وۆنۍ گمُہ سِنہٕ
یہٕ کمہٕ آو لِنہٕ بہٕ لأجتھس بال

چھُ دِل دیوانہ موت یاوُن
خطا گرِژھہ یارہٕ گذراوُن

ژٕیِہ سۍ باوَے اَدہٕ کُس وُنہٕ
یہٕ کمہٕ آو لِنہٕ بہٕ لأجتھس بال

کرُن پیم چانہٕ لوکٔنۍ سٔنٛز
برُن بے چارہٕ کمۍ شُندٕٹنز

تٔمن مرُنس تہٕ فُرصت چھُنہٕ
یہٕ کمہٕ آو لِنہٕ بہٕ لأجتھس بال

مینہٕ پنہٕ نۍ سوز چھُم کیاہتام
نتہٕ کم دولہ ہاوَس دژام

دِلکٕ اُلفت ژٕ یہ سیتھٕ گوم یِنہٕ

یہ کمہٕ آولِنہٕ بہٕ لأجھس بال

ژٕ ظُلم ژرا اوتھ سُہ یادن راے

گیُم سرتل سونس ہے ہاے

وزھس موہلہ تلہٕ سُہ روُدُم یِنہٕ

یہ کمہٕ آولِنہٕ بہٕ لأجھس بال

ژٕ یہ روس میٖ ژٕ زندگأنی نیاوٕ

یہ لوہ کچار تے جوأنی کیاہ

بہٕ بلہٕ ہا چانہٕ اکہٕ دورشنہٕ

یہ کمہٕ آولِنہٕ بہٕ لأجھس بال

سُہ میونے بلبُل آزاد

تسنزہٕ تمہٕ باشہٕ ترٕ فریاد

میہ سنے باگی زرہٕ مس تمہٕ ہنہٕ

یہ کمہٕ آولِنہٕ بہٕ لأجھس بال

# غزل

سر آلوٗسے بہٕ پادٕن پانٕس پٮ۪یتم نگارو
ژاٗدِ بتھ مینہ بالہٕ ژوٗلہم تھاٗوِ بتھ ستم نگارو

کوہِ زابنہٕ کمہ خشمہ ژوٗلہم کرٕ بتھ کرشمہ
کس کنٕ وُچھان چشمہ دوہ نٕ ووسنم نگارو

اندری گجس بہٕ ہولہ دل چھم دزان لولہ
شری باشہٕ تےٚ مخولہ کیاہ ژاو تم نگارو

کرٕ تنٕ کتھ ونتہٕ کتھ معشوق میون ژٕ پچھ
اُسہ دوہ ن چھم یاد از لگ دژ تےٚ قسم نگارو

وٕنہٕ یوٗد کوہ ہنٕ تہٕ بانٕ تیم ہیانہ خمہ تہٕ نالنٕ
میونےٚ جگر چھُ ژالن پیم چاٗنٕ صدم نگارو

کاٗژاہ ہیتھ شرم ملامت کاٗژاہ تچھم ندامت
تم ساتھ تا قیامت کرٕ مشہنم نگارو

زانِہہ چھِم نہٕ ژھین ؤدہٕ نس ونہ ہا بہٕ تس مدہٕ نس
دِنی نیزہٕ پٮ۪ٹھ بدہٕ نسس کٮ۪تھ اوسے سہم نگارو

تیز کیاہ چھُہ شولہ نارس آتش ہوٗران گُمارس
حُسنس تتۍ لوہ کچارس کینہہ چھےٚ نہ کم رنگارو

آزاد آہ نالَن ووٚل چانی زُلفو خسالَن
چس ووٚلہ موے والَن گژھہ متی قلم نگارو

•

# غزل

نندہٕ بانہ دِلبر چھُہ مے تنبہ لاوَن ونندہٕ میون یار سنبلاوَن کیاہ
ندٕرہ چھم ژدٕرہ ہٮ۪ور ژدٕرہ اُلراوَن ونندہٕ میون یار سنبلاوَن کیاہ
کماکھ مال شہٕ ھس ناگی چھنہ ژراوَن بامٕلی پوت کیاہ عالی جاہ
کاکھ پکہ چاہ یکی وندہٕ تہٕ مارناوَن ونندہٕ میون یار سنبلاوَن کیاہ

گلالہ ڈیٚوٹھ گمہٕ شہلاوَن — چمنن منز باگ تراوان گاہ

رنگہ رُومالے واو کرِ ناوَن — وندہ میون یار سنبلاوَن گیاہ

لہ تہٕ لہ تہٕ کومٔلہ پازی ییلہٕ تراوَن — گراپہٕ سیٖتی ماپہٕ ولناوَن گیاہ

سمہٕ ہٕ کرہ چوٚنہٕ زرہ زوٗنہٕ زژہ تراوَن — وندہٕ میون یار سنبلاوَن گیاہ

جوش خمارُک ہوش چھُنہٕ تھاوَن — شعلہ گیاہ تراوَن بے پرواہ

اَسہٕ ونہٕ قہرہٕ زہر ییلہٕ پاوَن — وَندہٕ میون یار سنبلاوَن گیاہ

سوندری وپسہٕ چھُس ینٚدرہٕ وزہ ناوَن — خشمہ ہٕرشہٕ چشمہ مژہٕ ماوَن گیاہ

پوشہ وارہ جوش دِیت صبحکی واوَن — وندہ میون یار سنبلاوَن گیاہ

گنہٕ ڈ کار یاونک ترٹہٕ زَن تراوَن — بوشہ سیٖتی ہوشہ ملالی گے پھلوار

وزہ ملہ غنچہ فتنہ وزہ ناوَن — وندہ میون یار سنبلاوَن گیاہ

خمدار بمہٕ چانہٕ محراب ہاوَن — نوٗرانہٕ روٗیک خاصہ درگاہ

عاشقن قبلہ تہٕ کعبہ مُشراوَن — وندہ میون یار سنبلاوَن گیاہ

کمہٕ انہارہٕ ہیوٚٹھ رنگہ ناوَن — شوٗبان مآرہ موٚند یار کوتاہ

لچھ ساسہٕ منزہٕ دوٚرہ پرزہٕ ناوَن — وندہ میون یار سنبلاوَن گیاہ

نازنین یارو باز چھے نژاوَن          آزاد عاشق تازہ شیدا

کہو چھ کھائرِ ہتھ سون چھم پرکھاوَن

وندہ میون یار سنبلاوَن کیا ہ

# غزل

چھم مے دِلہ چھی بیمارِی یے          سانتھاہ ژِہ بولہِ وَنہارِ یے

دِوِلہ ہُنز کرو بیدارِی یے          سانتھاہ ژِہ بولہِ وَنہارِ یے

رفتار تمی سُند دِل ژوان          گفتار دِلہ پیے خوش پوان

اَتھ یاوُنس پارِ پارِی یے          سانتھاہ ژِہ بولہِ وَنہارِ یے

مستوارہِ آئینہ وُچھ آمہ          اُنہار تمی سُند وَنہِ آم

مخمور چشمہ چارِ چارِی یے          سانتھاہ ژِہ بولہِ وَنہارِ یے

کر دوس پننئے بہٕ لبن          بوسہ کرہس شکرہ لبن

اَدہ غوطہ ژُلنم سارِی یے          سانتھا ژِہ بولہِ وَنہارِ یے

آیت بہٕ نھاوس گٹھ چینہ          بنیہ ہنیتھ تیمس جانِ عزیز

غم چھمنہ چھم نادارٕ ہو یے
ساقھا ہ ژٕ بولہٕ ونہارٕ ہو یے

پیٛلہٕ گوم کنن کٔس تام نش
حُسنس چھہٕ فِتنچ مِلہٕ مِش

گوم اَشک چشمن جارٕ ہو یے
ساقھاہ ژٕ بولہٕ ونہارٕ ہو یے

ییٚت تام تھاوٕ نم زندگی
چھم یارٕ سٕنز شرمندگی

کرٕمس نہ بندٕ بردارٕ ہو یے
ساقھاہ ژٕ بولہٕ ونہارٕ ہو یے

تنہٕ گٕژھ رِتھ ہاوٕ ہس بدن
کہتہٕ پاٹھو گژھ میانی ہیہ تن

خون جگر ہارٕ ہارٕ ہو یے
ساقھاہ ژٕ بولہٕ ونہارٕ ہو یے

باغن تہٕ ناگن ہیتھ میٚہ زاگ
ژھانڈان دارٕ ژٕ ہس ویرناگ

نیب آم نوشہارٕ ہو یے
ساقھاہ ژٕ بولہٕ ونہارٕ ہو یے

منزٕ تیل بل نالہ تران
دامن بوٚڈٕم پیالہ بران

ڈٕہ نکس لگیم شکارٕ ہو یے
ساقھاہ ژٕ بولہٕ ونہارٕ ہو یے

چون اکھ سوٚخن اے فتنہ گر
آزاد زانہہ گٕژھراوہٕ کرٕ

دردس چھہٕ یادارٕ ہو یے

ساقھاہ ژٕ بول ونہارٕ ہو یے

# غزل

نەزۄ ژھتہ اسہ پیٹھ بار دوشن    ژہ گوشن پانہ بے پرواہ

گہے روشن گہے توشن    ژہ گوشن پانہ بے پرواہ

ژلیتھ ہیتھ لولہ بیمارس    مٔلیتھ آکھ غازہ روخسارس

ہیتھن ہیتھ نبضکین جوشن    ژہ گوشن پانہ بے پرواہ

دِلس آم غمزہ کٕی اکھ تیر    لُجم درپردہ زخمن زہیر

اوٗنتھ کوہ جیرہ خاموشن    ژہ گوشن پانہ بے پرواہ

گژھنے اکھتابہ گاہ مارن    چھُہ آینن تہ دیوارن

صفایس پانہ سٕے روشن    ژہ گوشن پانہ بے پرواہ

مرون وحشت چھُہ کیاہ یارہ    بمنزِل وانہ آوارہ

ژہ مرنس کونہ چھُک توشن    ژہ گوشن پانہ بے پرواہ

چھُہ روٗزِتھ اصل پوشیدہ    ژیٚہ دیدن چھُے سہ نادیدہ

کھٕسِتھ نوٚن مُشک منزپوشن    ژہ گوشن پانہ بے پرواہ

لُبس یوٚد عکس منز نارس گرس گنہہ لولہٕ پان مارس

بہٕ منگہ کیاہ سٕہ رگہ کین گوشنَ زٕہ گوشن پانہٕ بے پرواہ

نشہٕ مردن میہ اوسُم باد ژُھم نا مردَ نیے کُنُ ناو

سمندر زانہٕ کیاہ پوشنَ زٕہ گوشن پانہٕ بے پرواہ

کریامس گراو آہستہ گوٚمت آزاد چھُم دِلخستہ

دَپِن چھس کنہہ گمٕژ گوشن

زٕہ گوشن پانہٕ بے پرواہ

# غزل

یَمبرزلہٕ گرٛاسے نچھ سٕہ نہٕ کنہہ دوٗرس

کالہٕ بو مبوٗرس للہٕ نادان

ہول گٕہو اندری لولہٕ رنجوٗرس کالہٕ بو مبوٗرس للہٕ نادان

کینہہ لگی تاوِہ تہٕ کینہہ تہ دوٗرس کینژن مبترٕہ سیتو گوویکسان

وُنہٕ تو نس کرِہ کیاہ میٚرٕہ تہٕ سوٗرس

کالہٕ بوٚمبوٗرس للہٕ نادان

ٹاٹھس دوستس ووندہٕ منظوٗرس    شمشیرہٕ ضربن گژھ دیُن جان

گُلزار ڈژینٹھ آو دار منصوٗرس

کالہٕ بوٚمبوٗرس للہٕ نادان

یُس نوٗر صُبحک سوٗرشتہ ژوٗرس    سُے نوٗر عالمس پژیزہ لاوان

تھاوان عاشقن مٔتر کھُورہ کھوٗرس

کالہٕ بوٚمبوٗرس للہٕ نادان

رٔنیہہ دِتھ نارس گاہ دِتھ نوٗرس    ماہرو دلبر رُود پنہان

لچھ بُری ناو چھم تس بہودوٗرس

کالہٕ بوٚمبوٗرس للہٕ نادان

گاہ لولہٕ حُسنک پیوم کوہٕ طوٗرس    زلزلہ عشقنہ ٹپنس خان

نار گوم دارس سوٗر گوم کورس

کالہٕ بوٚمبوٗرس للہٕ نادان

ہینیرہ بعہ شر مخمل فرش مغروٗرس    ازلہٕ مخموٗرن نیتھ نوٚن پان

نمرودو چھمے آغر منصورس

کالہ بومبورس للہ ناوان

ازلے گِیس گِیس اوس بومبورس    ازلے بُلبُل نالہ دیوان

آزاد وایان آو سنطورس

کالہ بومبورس للہ ناوان

•

## غزل

از چھم دِلس خوش حالی یے    وُنی توس پیہ نا سالی یے

ہیہ یان بہ وتھرس بالی یے    وُنی توس پیہ نا سالی یے

آیت تھوس سوہ نرکنہ دوٗر    روزس پہیرتھ سوہ رگہ حور

سوزس بادام کھالی یے    وُنی توس پیہ نا سالی یے

زنتن بہ لاگس تنبہ تن    وتھرس وتن مُشکِ ختن

لولہ مالہ تراوس نالی یے    وُنی توس پیہ نا سالی یے

میہ نہٕ تٔسس ینہٕ گیہ دوٗستی    بند رٔن ژرچھنم آرد رہتی
حپس رنیوٗم تسیند کوٗ وصائہ لے    وٗنی توٗسس پیہٕ نا سائٕلی یے
شُرکو پانہٕ بوٗسستہٕ ورِش    دژائیس ژیہ پیٹھ قبیلہ رنش
شوٗبیب گرٕژھن وٗبائلی یے    وٗنی توٗسس پیہٕ نا سائٕلی یے
یار آدنک آرد مُتے    پھلوا کیٕتھ ژوٗلمُ کوٗتے
دُشر اوٗنس ہانژائلی یے    وٗنی توٗسس پیہٕ نا سائٕلی یے
عاشقس تہٕ آرامس گُنے    چھٔنہ عاشقس دِل پنہٕ سنے
زانن تہٕ زانن وائلی یے    وٗنی توٗسس پیہٕ نا سائٕلی یے
آزاد ہیتھ سنطوٗرہٕ ہیے    وٕنہٕ زار یاوٗن ژوٗرہٕ ہیے

ہیچھ نوٗومت ازائلی یے

وٗنی توٗسس پیہٕ نا سائٕلی یے

## غزل

ہانژلہ یارو بوزوٗ کٔنے زار وٕنہٕ یو
زاہ جبھتس تہٕ لاہ جبھتس آوٗہ ہلنے زار وٕنہٕ یو

ڈونگلہ ڈونگتھم ناگ تھوتھم داغ سوندری
ہی مالہ ہندے ناگ ارزنے زار وَنہ یو

وَنہہارہ گرژرم لارہ لارے دارہ پنجرہ
تھزہ کارہ ژاہم آنگنے، زار وَنہ یو

مستور دژائس متیانہ لالہ کرانہ قبیلہ
آیس بہ چانے اکہ سہ خنے زار وَنہ یو

تھوومت ژیہ اوسے وعدہ کسو سادہ منوشو
مس دِتھ بہ کرتھس پنہ پنے زار ونہ یو

ہا کامہ دیوو پامہ تھاوِتھم گامہ شہارو
بدنام کرتھس ہیرہ بہ نے زار وَنہ یو

ژاو یوتھ زلفک زال کمن ولہ وپرن گیوشت
بدنام آزاد آو ہمینے، زار وَنہ یو

CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

# غزل

میہٕ دو گامرٕ چھہٕ چانٕنی کل    مسہ ژٕل پان مارہٕ یو

میہٕ چانٕنی کل گیٚیم ہانکل    مسہ ژٕل پان مارہٕ یو

کنن لاگِتھ کنہٕ دوٗروا!    ییہمنا کالہٕ بوٗمبوٗرو

چھسہ یو تازہ پیمبرزل    مسہ ژٕل پان مارہٕ یو

یہٕ چوان اندازہٕ کوتاہ میوٗٹھ    اَکی نظرے کران چھک لوٗٹھ

چھسہ وسرأوتھس نازل    مسہ ژٕل پان مارہٕ یو

تمی حُسنہٕ تہٕ خُمارہ    تمنا چھُم وُچھت وارہ

بُچھت عاشق ہیچھت کمہٕ ژھل    مسہ ژٕل پان مارہٕ یو

چھوکہ لدٕ لوکٹِس پانس    زوٗس نِتھ زوگتھم جانس

پھٕرِتھ ژوٗلہم کیٚہ لتھ وُزہ مل    مسہ ژٕل پان مارہٕ یو

نٹان کاکُل تہٕ گیسو کیتہٕ    پریشان چانہٕ خشمہ سیتو

روٗشم ستے شرمہ وارلِنجہ تل    مسہ ژٕل پان مارہٕ یو

ژٕنِہ مَنز ڈٲپٕھ مَنہ ہمدردی    تٕمی ہولُن پھیرِم زردی

رۄمہ پیر بہ نَس گیٖم سرتَل    مَسہ ژٔل مان مارہ یو

عشقہٕ مَتہ بے وفا یارِد    عشقہ مُقام گژھہِ ہتہ پژارہ

وُچھنہٕ رو زے بہ روضنہ بل    مَسہ ژٔل پان مارہ یو

یژھ سان یارہِ پھیٖرے آزاد    وژھ وأرلیج لامان ناد

مَنَس بلبلَس تِہ چھُس نہ مَل

مَسہ ژٔل پان مارہ یو

# غزل

وُنی میہ دِتی مے دارہ تہٕ بُرزی یے    پاتال ماگیکھ شاہ پُری یے لو

مُشکہ جامَن او سے زرٔی یے لو    پاتال ماگیکھ شاہ پُری یے لو

شوٗرہِ پانَس گژایہ ماران یے    دوٗرہ وُچھمکھ دوٗر اُلہ ران یے

نألی مخمل چھِنہ جرٔی جرٔی یے لو    پاتال ماگیکھ شاہ پُری یے لو

زُنگہِ عنبر مُشک دار چونے موی    تشنہ تھاوِتھ بلبل ہاوِتھ ردے

تازہ فصلہٕ وٕرٕنی گولاب ٹھرِیے لو　　پاتال ماگیکھ شاہ پرٕ یے لو
لال جوہر پرٕ ے سوٕ نہ تھالن　　گرہٕ نووُم شوقہ چانہٕ دوٕن لالن
کنہٕ دوٗر تہ مژہ بندکرٕ یے لو　　پاتال ماگیکھ شاہ پرٕ یے لو
ساز وایان پرٕ ے افسانہ　　خندہٕ کرٕ کرٕ روٗٹ مے دامانہ
نازنینَن دِل تہ کیاہ سہ دزٕ یے لو　　پاتال ماگیکھ شاہ پرٕ یے لو
گرٕ ٹھ نیپرٕ ِتھہ یہ عاشق اوبالی　　رنگہ بُلبُلہ بینہ کرٕ پاٹھو اُوڈالی
بوش سوٗرٕ ے ادہ پوشہٕ ٹھرٕ یے لو　　پاتال ماگیکھ شاہ پرٕ یے لو
ساس مُلہٕ مُلہٕ سنیاسی آس دیوان　　پھُمنہٕ دِلبر کُنہٕ کُنہ وٕنہ یپوان
بار صاحبو کاستم ٹھرٕ یے لو　　پاتال ماگیکھ شاہ پرٕ یے لو
خوش تہ آزاد آزاد ژھوہٕ مارن　　دزاوہ کھیاونہ پننے اتھہ یارن

قندہ میٹھا یہ تھال برٕ برٕ یے لو
پاتال ماگیکھ شاہ پرٕ یے لو

# غزل

فُلۍ یاہ لچُھ سو لولہٕ بادَم اِنۍ — لالہٕ کو سمنۍ کرِ یو کڑاو

پوشہٕ گوٚندی سوزَرے وَنتہٕ اُتھہٕ کمنۍ — لالہ کو سمنۍ کرِ یو کڑاو

رُمہٕ رُمہٕ گمہٕ چھُے فُنبہٕ وُن بُتمنۍ — اِشارہ ہاوی ہاوی تیپر موتڑاوِ

رس کیاہ چاینٕن اُولین رُمہٕ نۍ — لالہٕ کہ سمنۍ کرِ یو کڑاو

جوش لوگ رَسہٕ رَسہٕ مَسہٕ کین خُمہٕ نۍ — پوشہٕ مَتہٕ بوٗزُم چون آو آو

بوشہٕ ہتہٕ ہوش وِیسراوی ہتھم سُمہٕ نۍ — لالہٕ کو سمنۍ کرِ یو کڑاو

پانہٕ ییتہٕ وندہ ہے سرقدَ مَنۍ — سوٗد کیاہ غارَن کرِنی گڑاو

چھُننہٕ غم داگی لدہ سُندے غمنۍ — لالہ کو سمنۍ کرِ یو کڑاو

ژھعہ نبہٕ اُکہٕ کا ستمُ داگ لِنجہ برمنۍ — کنتھ لِنجہٕ لوگمُت آسِنہٕ واو

اَسہٕ کرِشھ رحمت نتہٕ ادہ کمنۍ — لالہ کو سمنۍ کرِ یو کڑاو

سعہ نہ سیرہٕ لاجایہٕ ہیرہٕ جُھمنۍ — بوٗزُم ڈیہٕ تَل رَد تَس دڑاو

کنتہٕ روٗد وَتہٕ ییلہٕ ڈول ہنہمنۍ — لالہٕ کو سمنۍ کرِ یو واو

عشقن نار چھینہِ عاشقن ہمہ نے . رسہ یاٹھ اَسہ وُن ماہ رُوے ہاو
دَمہ دَمہ دِل گژھم رژھُن آدمنے لالہ کوسمنے کرہ یہ کژاو
مالہِ مَتہ مالن سیتو گوکھ کمہ نے روشہ وُنہ یوٗت کیاہ بوش تہ چاو
میانہِ خمہ تہ ہاوس چون چھا تمہ نے لالہ کوسمنے کرہ یہ کژاو
لولہ کس باغس بیٚلہ پھولی چمہ نے آزاد سون اَدہ وَننے ڈراو

"فُلیاہ لجُر مو لولہ بادم نے"
لالہ کو سمنے کرہ یہ کژاو

# غزل

کیاہ کرہ لولہ نارَس زاجنم میہ تال وٚیسری یے
یُژ کال ووت یارس میوہ نئے ملالہ وٚیسری یے
وُنہ کیاہ بہٕ تنُد خویَس ترااُوِتھ سیاہ مویَس
دژاو اَسہ کنُ سہ رویس تھاوِتھ رٹھ مال وٚیسری یے
چھِھس نوز کی رُمن کیاہ برجستہ یہ سمن کیتاہ

ہروا کرِتھ یُمن کیاہ بدول جمال وینسو یے

رویس چھُہ کعبہ کےُ مَہ چھُس خال سنگِ اسود

سُے قبلہ میون مقصد ونہ ہس بہٕ لال وینسو یے

اُدی میہ ساز بوزُم سوز و گداز بوزُم

در پردہِ راز بوزُم روُدُم مہٕ حال وینسو یے

میوٚمُٹ کیا یہ لولہ آتش چھُم جگرس یوان خوٚش

اُمہ تیز خنجروک کھش یہ کرہٕ بحال وینسو یے

یتھہٕ شوقہٕ تہٕ خیالہٕ کوٚرمُس میہ دِل حوالہ

بوزُم تمِس ملالہ چھُم سُے خیال وینسو یے

بوٚزتھ یہ خوٚنِ جگر فکرن وُچھُم سُہ کافر

زانان چھُہ یُتھہ دلاور فیرُن محال وینسو یے

مَس شیشہ کمہٕ حالہٕ عاشق رٹان چھُہ نالہ

تَس حاٚرکس یہ پیالہٕ تھوٚو کمہٕ حلال وینسو یے

اُسی آے آزماٚوِتھ بُتخانہ کعبہ ترٚاوِتھ

برطاق دزاے ھاوِھ ساری خیال ویسرییے

وونمت کمس میہ کیاہ چھُم معشوقس خطا چھُم

سوزِ دلس گواہ چھُم دامن تہٕ نال ویسرییے

چاٹہٕ ہتھ کمان چھہٕ قاتِل آزاد گوو مقابل

وُچھتن جوانِ جاہِل چھُس یا خیال ویسرییے

## غزل

وُچھم دورے بران شیشن شراب آہستہ آہستہ

کران لب تشنہ مُشتاقن خراب آہستہ آہستہ

تشند رمزہ وُچھُم یامتھ قیامتھ سینم تامتھ

کنو بوزم میہ کیاہ تامتھ جواب آہستہ آہستہ

وُچھم خنجر بُمبہٕ چاران گمہٕ ہوت عاشقن ماران

پوزم یلیتنی کنتہٕ تواب آہستہ آہستہ

مدنوارہ لگے پاری شاہ اکھ بوزتم زاری

چھ روزان دۄر ہیتھ ساریٖ حجاب آہستہ آہستہ

کمیک ملالہٕ چھےٚ وۄندس نتہٕ چھےٚ چمتن پرٛمس
تھوان چھک دۄرہٕ مہ رویس نقاب آہستہ آہستہ

فقیرن برہمنن سادن پتہٕ پتہٕ رادہٕ رٕھ آکن
ژ یہ پتھ نیرتھ کور آزادن جواب آہستہ آہستہ

## غزل

مس پیالہٕ بزمہٕ چانہٕ کلے دۄرہٕ پھلے نو
از پتہٕ کرے لوہٕ لوہلے دۄرہٕ پھلے نو

کمہٕ بوشہٕ ہر نینہٕ ژھالہٕ نیتھ پوشہٕ باغن شنز
پھلی پوشہٕ چمن ولہٕ ولے دۄرہٕ پھلے نو

چھک ناملی جامن چونہ جران زونہٕ مقابل
ڈیکہ زونہٕ ہندے کونہ چھتھلے دۄرہٕ پھلے نو

دۄر سرہٕ چانہٕ گژھ سۄر پلن بال وسیو وسیو پیٹھن ہلہ
الماس نوٕ نکی پاٹھی گلے دۄرہٕ پھلے نو

آیینہ وچھان اوس ونان سینہ بسینہ
بے کینہ پژی پاٹھہٕ دینہ ڈلے دۄرہٕ پھلے نو

تھرہٕ کارہٕ خم دتھ شانہ بکف چین بجبین یارہ
پیچانہٕ زلفن مشک ملے دۄرہٕ پھلے نو

شرژہ نی پردہٕ نو وم یارہ ہندے رفتہٕ زدامانگ
کتھ پوشہ باغس لرزہ تلے دۄرہٕ پھلے نو

کمہٕ نازہ سہ مخمور ونان تازہ یارن اوس
آزاد بوزتھ فتنہ تلے دۄرہٕ پھلے نو

مَس پیالہٕ برٕم چانہٕ کٔلے دٔورہ پھپلے لو

اَز ییتہٕ کرٕ‌ے لولہٕ لوٚلے دٔورہ پھٔلے لو

# غزل

مارٕ گۄ تمس نارٕ وُزہ مُلی یے لو    چارٕ میٚونۍ ژٕ کرتہٕ نازٕلی یے لو

بازٕ پھنا تازٕ مسوٗلی یے لو    چارٕ میٚونۍ ژٕ کرتہٕ نازٕلی یے لو

ژاو خاموش مُژٕ راو لب شکر    تشنہ گامتی چھُہ مُشتاق انعافکو

تھاو لادن چاو ژیشہٕ گٔگی یے لو    چارٕ میٚونۍ ژٕ کرتہٕ نازٕلی یے لو

دٔورٕ وُچھمکھ نیٚوان ڈالہٕ مخمور    اٰلہٕ راوان حالہٕ اٰکہٕ سمہ نہ کنہٕ دٔور

تیرٕ ہمیٚزا اہر ییٚزٕ پھٔلی یے لو    چارٕ میٚونۍ ژٕ کرتہٕ نازٕلی یے لو

دزٕ وُن نار لُہ کچار مزہ دار کیاہ    شولہٕ ماران گٔرٕ تارٕ بے پروا

اُمی چھہ ڈالی متی ہوشہٕ گاٹُلی یے لو    چارٕ میٚونۍ ژٕ کرتہٕ نازٕلی یے لو

کاٹلی سمسار بازی گار شب تارہ    ہولہٕ تب تہٕ لولکہٕ آزارہ

گرٕ چھم یاونگ شمع گگی گگی یے لو    چارٕ میٚونۍ ژٕ کرتہٕ نازٕلی یے لو

خارہ خارہ تہٕ آزار چھ نے چھم ونتہٕ کرہ کیاہ ناساز کرٕو نے چھم

راز میانی چھ پوٗر اوٗلی یہ لو چارہٕ میونے ژہٕ کرتہٕ نازٕلی یہ لو

لاٗنہٕ ژوٗرن لوگنم بے پرواے بار صاحبو اٹنز راو میونے نیاے

یار دوس تہٕ کار میانی ہُلی یہ لو چارہٕ میونے ژہٕ کرتہٕ نازٕلی یہ لو

مُفت آزاد ژیہے پتہٕ پھلواڈراو مارہٕ متیو زانہہ کھ میونے باو

ینیلہٕ پیمہ ہے دیارن مُلی یہ لو

چارہٕ میونے ژہٕ کرتہٕ نازٕلی یہ لو

# غزل

متیو چھے سازو سامانس مبارک مُبارک تازہ یارانس مُبارک

پھولان رخسارہٕ چانی گل تہٕ گلزار صنوبر سروٕ رٕوانس مُبارک

پران کعبس اندر کُفرٕک فسانہ پریشان زُلفِ پیچانس مُبارک

گوٗمت دیوانہ ژیے پتھ کُفرِ تہٕ دین پیتھس مخموٗر جانانس مُبارک

ہُمہ کمانہٕ ہندکس گوٗو کرٕتھ کار شوٗبی ناتیر مژگانس مُبارک

دِتُھہ مَس عاشقَن مستانہٕ چاسے — کرن نا حوٗرہ میخانس مُبارک

ییٚلہِ بوٗزُتھ فراقَن مارِ ی عاشق — کوٗزُتھ کیاہ حیلہ گر پانس مُبارک

کمَن زیرو بمَن موٗت گوٚو دشمن بو — تسندِس عہدو پیمانَس مُبارک

چھ یُس دانا کران عشقس ملامت — تسندے کھوتہٕ نادانَس مُبارک

جوانی حسن و دولت دِیارف انی — یہٕ دردِ دِل چھُ انسانَس مُبارک

نہ مِنٚز کعبس نہ بُت خانَس چھُ آزاد

بہِتھس مردِ مُسلمانَس مُبارک

# غزل

فراق ہتاوِتھ گومےَ لکہٕ بالی — لاگس سوٚنہٕ کنہٕ وائلی — یے

اَتھ موٗران گوم وتہٕ ڈالی — لاگس سوٚنہٕ کنہٕ وائلی — یے

تیٚہر زَن نیہرِ ہتھ گوم اَوڈالی — بالی سیٚہر چھٔنہ غالی — یے

حالہ اَکہٕ تارَکھ مالہ چھس نالی — لاگس سوٚنہٕ کنہٕ وائلی — یے

لولہ رنگہ بُلبُل بولہ وٗنی کالی — آسان کینہ اوبالی — یے

مہرِ ینہٕ پانَس طعنہ ہیٚتھٕ بٲلی ‏ ‏ لاگَس سۄنہٕ کنہٕ وٲلی یے

پنہٕ نۍ پان چھُے جان ہی مٲلی ‏ ‏ تازٕ تھٕو ہوش متوٲلی یے

سَرٕ کر نیرِتھ گرٕ گر وٲلی ‏ ‏ لاگَس سۄنہ کنہٕ وٲلی یے

لوزٕ ترٕ بادام سوٗزی مَس ڈٲلی ‏ ‏ سوزٕ نَم کتھ کھہٕ کٲلی یے

پَرکی یے وٲلنجہ کرٕکی نَم عٲلی ‏ ‏ لاگَس سۄنہ کنہٕ وٲلی یے

رٕژھ رژھِ وُچھنم پۄژٕ انزٲلی ‏ ‏ نیٚندرسے ہَرٕ ہانژٲلی یے

پَنہٕ پنہٕ کرٕ نَم سۄنہٕ سِنز جٲلی ‏ ‏ لاگَس سۄنہ کنہٕ وٲلی یے

تعویزٕ کرٕکی ہتھے ژوٗلُم پاتٲلی ‏ ‏ جو دوٗگار بنگٲلی یے

وَسوسہٕ دِلہ کی کرٕ کَس حٲلی ‏ ‏ لاگَس سۄنہ کنہٕ وٲلی یے

سوزٕ ہیٚتھ دردل سازٕ ہیٚتھ نٲلی ‏ ‏ آزادٕ دژاو متہٕ ترٲلی یے

رنگہٕ بُلبُلہ سِندی پٲٹھو اوٕ ڈٲلی

لاگَس سۄنہٕ کنہٕ وٲلی یے

# غزل

(یہ غزل مرثیہ ہے جو آزادؔ نے اپنے معصوم سالہ اکلوتے بیٹے کے اچانک بیمار ہو کر فوت ہونے کے بعد لکھی تھی۔ آزادؔ اُن دنوں گھر سے دُور ترال میں افسروں کے قہر و غضب کے باعث تعینات تھا۔ اور اپنے بچے کا خاطر خواہ علاج بھی نہ کرا سکا تھا۔) (گنجوؔ)

ہیہِ پان کرہٕ ہٮ۪س بێیہِ قہر بانی      یِیہِ نا چھَم مہربانٕنی یے
لیہِ چھم لوسان دَیتہٕ وُچھانی      یِیہِ نا چھَم مہربانٕنی یے
واٚرلنج اَسم ڈٲنجہِ روزانی      تتھٕ سُندرُوے وُچھانٕنی یے
چھُم تہٕ حیٚس تتہٕ ییتہٕ گوم راوانی      یِیہِ نا چھَم مہربانٕنی یے
پیرن تہٕ ساوٚن یاد رٹانی      کرٕہو کرٕہو خاک داہانٕنی یے
اَتھو یِتھ کمہٕ دَیتہٕ گوم نیرانی      یِیہِ نا چھَم مہربانٕنی یے
نوِسے ژٕندرس تس بہٕ توشانی      قدمَن چَشمہ وتھرانٕنی یے
بالہِ سرہٕ شامے گوم لوسانی      یِیہِ نا چھَم مہربانٕنی یے
ہیش ویسہٕ راوٕنم پوشنولانی      روٗدُم باشہٕ کرانٕنی یے

کمٔوسنا وارِلی نیوٗم اسمانی ییہِ نا چھم مہربانٔی سیٖے

قندرٕ دہ دہ رٕچھمت رندٕ نورانی زندہ دل خندٕ پیشانٔی سیٖے

وُچھان وُچھان گوم راونی ییہِ نا چھم مہربانٔی سیٖے

ترائی منز جانباز باز نیونی ہالہِ ہندی پاٹھی نیولانٔی سیٖے

آزادؔ وَون نَس شاہ ہمدانیؒ

ییہِ نا چھم مہربانٔی سیٖے

# غزل

ہا عشقہِ متیو ہولہ چانے تھوٗرمہ دٲشے میٖہ

پیرن فقیرن کھوٗر چِھلِم لولہ اٲشے میٖہ

تُندٕ بون یاوُن چون اُچھن برونٹھ کنی چھم

شرٗنیہہ آدنکی چھےٚ نہ مُشان مہوشے میٖہ

دلولہ تلان دِلہِ ویرن تیر مژگان چون

تجبیر پوٗرم پانٔی پانس لایو کشے میٖہ

اندازہ لولکہ راز وُنی سے تازہ بتازہ

سُسے ناز خنجر بُسمہ نیے ہُند زاثھہ نہ کُشے میہ

مس پیٚالہ چاوِتھ ہندرہ پاوِتھ لرہ ساوِتھ یان

ارمان تھاوِتھ ژوٗلکھ ثراوِتھ اوس نشے میہ[۲]

ہُدار گژھِتھ پیٚیرِہ ہیٚیُتم ژرژھ ژرژھ نار

چھیُم یاد یُتیُ ناد لایان آو خشے میہ

اُمی سنگدِلن ہمیہ کوٚر نمم اَری نہ ہُندُسے رنگ

گنزران کم گل دوٗرہ آسی پامبوٗرہ دِشے میہ

مینوش یہ آزاد کوتاہ جوش اُمی سُند تیز

مدہوش پاٹھین آو ساتھا بوٗیھ ژنشے میہ

●

فٹ نوٹ ۱ استاد (غالب) کا شعر ملاحظہ ہو:-

"دل میں آ جائے ہے ہوتی ہے جو فرصت غش سے

اور پھر کونسے نالے کو رسا کہتے ہیں"

# غزل

دٔورِ دٔورے میٚہ نیوٚنم یارٕن دِل
ژٔورِ بیٚوٹھم تہٕ کٔتہِ ژھارن دِل

عاشہ مٔوت زٔونہ دزاو چوٚنہِ ہجران
خوٗن ناحق چھُم کیا زِہ ہارن دِل

اکِہ راوان کنہِ دٔورن کیٚاہ
بٔہ راوان دِل فِگارن دِل

بُلبُلن کو گُلن گُلن یکبار
پھیوٗلہ رأوی حُسنہ کی بہارن دِل

غش میٚہ گوٚو خنجرس چھُہ کش باقی
ہاے افسوٗس موٗل نہ پاوان دِل

تازِہ چھیٚو کھولیتھم میٚہ اے ظالم
اوس پرأنی ستم سندارن دِل

ژٔورِہ نازُک اِشارٕ ہوٚو وُتھ کیٚاہ
گوٚو سنان لولہ زاگوی جارن دِل

خشم چھوٚنے چھُم عشرُک ماٗدان
محشرَس منز ولی تہٕ ہارن دِل

ہرنہ عاشق چھِہ اتھ ہتھ پوٚر
یارِہ لوگُت کمن شکارن دِل

سینہِ فٔٹ چانہِ بے سبب کینہ
وَنتہٕ الٰہ معنہِ کیتھٕ ژارن دِل

خارِ چھُم دارِ کرٕ ستمو تیتھ پأٹھو
بُلہوس دٔورہ دٔورہ ہارن دِل

دزاسے آزاد نے غــزل مخموٗر
اُہوٗ شُرتی ماچھُم اُمی ہشارن دِل

# غزل

مُبارک جلوٕ دِلدار ڈیٚوٹھم
وُدا سی بُلبُلن گُلزار ڈیٚوٹھم

لوٚ لے اندر ہیٚو تم نیٚندر پیٚنس میٹھ
پنُن طالع گو مُت بیدار ڈیٚوٹھم

گُنِہ جس چھم نہٕ زَن تعویذ کرٕنم
تھر بی گرٚائے خوش رفتار ڈیٚوٹھم

دِلس اندر تسُند خمدار کاکُل
خزانس پیٚٹھ بہتھ شہمار ڈیٚوٹھم

کھُٹِتھ اُسس اشارن معنہ ژارَن
سہ خن ہیو مُت سر بازار ڈیٚوٹھم

نین نہٕ خوش ہوا جاین دِتھ وُنی
تو تے وا ژہن ییتہ سبزار ڈیٚوٹھم

پُرستانن اندر بوٗزِم تسِنز ہوگ
گُلستانن تسُندُے خار ڈیٚوٹھم

یہٕ دِل میون کوہ کھنان فرہاد زن اوس
ولیکن از سیٚنہ ٹھاہ بیمار ڈیٚوٹھم

تسِنزے مہربانی زندگانی
تسُندُے مرگ ناہنجار ڈیٚوٹھم

ہیجرِ دِتھ مے ہجر ییمی ترٚوو بر خاک
تسُندُے سروقد لو کچار ڈیٚوٹھم

خبر چھینہ تھا وِہ کم افسانہ آزاد
رٚتھتے مُتس عاشقس خمار ڈیٚوٹھم

# غزل

ہیارہٕ بے پروایہ رٕدوہ ہم یتہٕ وٕنے لو | یان مارہٕ چانے مایہٕ، دیدار بنے لو

روۍ خسار موتھاو ژھایہٕ پھےٚ آفتابُک نور | وٕچھنس ژٕیہٕ کُن ہیوایہٕ کُس تاب اَنے لو

دُچھان ژھایہٕ ترٕ گژایہٕ چھےٚ پُرِی یہٕ ترٕ حور | پأراو کرٕی کرٕی آیہٕ گُلالہ تنے لو

اُیُل بدن کمہٕ رایہٕ آیت تصویوم یارس | زونم نہ پنہٕ نے شایہٕ تَس مایہٕ سنے لو

ژٕورے وُچھم تھزِہ گژایہٕ تراُوتھ پریشان [موے] | کوٕ تھم یہٕ کیاہ خودایہٕ دِل چھُم نہ گنے لو

رٕوشتہٕ سرٕ ہیوُتھ کتھ شایہٕ رٕو دعاشقن [غارہ] | بتیہٕ حُسن ینُے منایہٕ گوس ہنزٕ ہنے لو

تنہا رِوان تنگ جایہٕ ہیتو تمہٕ دٕلن بنہٕ [رنگ] | تنہٕ یار دوس ہمسایہٕ لگو دُور ہنے لو

گاہ روبرو گاہ ژھایہٕ ژھاین وُچھان آزاد

محرم دِلُک ہمسایہٕ چھُس ژٕونتھ کنے لو

# غزل

ڈیٹھیو بارحا عجبن آے اَسہٕ نو مامے مشان چانی

لُمی کیاہ نہ دِلس گژاے اَسہٕ نو مامے مشان چانی

ژھنڈِتھ بال تَل پاتال وُسِتھ ژالہ ژیٚتہٕ پھتھ پان
تہٕ ہی مال ژٕہ ناگُراے اَسہِ نومانٕے مَشان چانٕی

بأقر خانہٕ ژٕ ہرشر مالہ رٕچھِم چانہٕ خیالہ
لذیذ میوہ لطیف چانے اَسہِ نومانے مَشان چانٕی

بٕ وَنہٕ ہے نہٕ صُبحکہٕ داوٕ لِللّٰہ گژاوہٕ نہٕسَس نا
تٔی اٰسم نہٕ دِلَس رانے میٚہٕ نومانے مَشان چانٕی

شٔہتہٕ چھس نہ ہیکان لولہ رٕگن شولہ کھٹِتھ کیتہٕ
پتو سینہٕ وٕٹِتھ دژانے اَسہِ نومانے مَشان چانٕی

سٔوٕرم وُمر یتیمے حالہٕ وٕنِتھ زانہٕ کٔمِس بال
اٰسِس بندہ چھِم خوٗدانے اَسہِ نومانے مَشان چانٕی

ہرنہٕ ژھالہٕ نیتھم لالہ یژان حالہ چھُے آزاد
دِیتیو بار صاحبن آسے اَسہِ نومانے مَشان چانٕی

# غزل

وُچھَن کر گلبدَن گلفام لُتہ یے
پری صوٗرت پری اندام لُتہ یے

ہروک سرپوش تہٕ نازَن خریدار
کنک سون لتہٕ منگ آرام لُتہ یے

بُہ سوزس لوٗلہ نابد اَلہٕ شیرین
خبر جلغوزہٕ تہٕ بادام لُتہ یے

قسم دزہے ہیتھ دِتُم تس کاُفرس دل
خبر چھینہٕ آسہٕ کیشاہ انجام لُتہ یے

ہوس چھُم تتہٕ تنَ لاگِتھ وُنس حال
بُنِیتھ کاُفر اَنِیتھ اسلام لُتہ یے

اُچھن تل ساتہٕ ساتے چھُم تسند روشے
نہس نابس مُہتہٕ بادام لُتہ یے

کرشمے کرنس ہرِسے نیوٗنم کڈِتھ سون
یرشے لوٗلس پہٕ کیاہ چِھل دِرام لُتہ یے

دِشہٕ گندِتھ دِوِنس پریتھ آستانس
جہانس دشراُونس خام لُتہ یے

چھُہ نادان بُلہوَس کاُفر گنہگار
ملامت عاشقس چھا یام لُتہ یے

وُچھِم ہیتلہٕ یار صوٗرت اوس آزاد
رواَلَق پھُٹیہ از میہ بوزنہٕ آم لُتہ یے

# غزل

ہول چھم کوزمت لولہ بیمار ہیے    بولہِ نا طوطہ ونہارسے سیتہ

ژودپرچھ روُدُم پنجرہ تہِ دارسے    بولہِ نا طوطہ ونہارسے سیتہ

ذرہ ذرہ ژھونڈُم بادام وارسے    تھرہ چھم دأ رلنجہ تھارسے سیتہ

کستوُرلنجہ پیٹھہ کرُنس تارسے    بولہِ نا طوطہ وَنہارسے سیتہ

نسیم باغ منزوأژس لارسے    آیم گژایہ شکارسے سیتہ

تیل بل ڈرائس ڈوُنگہ سوارسے    بولہِ نا طوطہ ونہارسے سیتہ

دوہ لہ ویسی لارو ژزارہ برتیوارسے    آسہ نا کأنسہ اچھ دارسے سیتہ

نظراہ کرہ ہوُس دوُرہ تُلی ٹارسے    بولہِ نا طوطہ ونہارسے سیتہ

موُدنہی دوہ کھأسی پھیرہ ہس دارسے    یژہ نتے لو ہچہ نارسے سیتہ

توسہ وُتھراوس زأو جہ تارسے    بولہِ نا طوطہ وَن ہارسے سیتہ

سپنہ داریومس خنجر دارسے    مأرنس موہنجہ تلوارسے سیتہ

پھریکہ ورنی ژأونس چھوکہ لدکارسے    بولہِ نا طوطہ وَنہارسے سیتہ

زاگ ہیتھ باغ منزیتہ مے پیارسے    بالادرہ ہشرہ دارسے سیتہ

نینندرسے تھولہ تھہ یوان ہارسے    بولہِ نا طوطہ ونہارسے سیتہ

چمنن منز باگ یوسمن وارے        ماران گژاپہِ ٹھرِہ کارے سیتو

دۄرِہ دۄرِہ آزاد کوتر ٹھنن تارے

بولہِ نا طوطہ وبہارے سیتو

# غزل

(ایک خاص عید کے دن ایک واقعہ سے متاثر ہو کر یہ غزل لکھی گئی ہے)
(مجھجور)

عید چھم نہ کرہِ نا شادی یے        دیدو وُچھم اُدی اُدی یے

بادو مس بنے میتر دادی یے        دیدو وُچھم اُدی اُدی یے

سر تازہ تمو سُند سروِ قد        تمہِ دۄر اُمین چشمِ بد

گور مت چھُ کمو اُستادی یے        دیدو وُچھم اُدی اُدی سیے

رنگیس پہِ تمو سُند لو کہ چار        برجستہ پھولمت زن بہار

وُچھتھے گژھان کیاہ شادی یے        دیدو وُچھم اُدی اُدی سیے

دِل اَتھہ خمارس لو پہ نا        وانگلنجہ منز ہیون شوبہ

درد س دَوا یم دادی یے        دیدو وُچھم اُدی اُدی سیے

جامہ ژٹان گُل در چمن    مُژ راٲوی ہیتو کمُ سِندی غمن

ہیم بے زبان فرِیادٕ ییے    دیدو وُچھم اۘدی اۘدی ییے

ینہٕ چانہٕ یارو سٕتھ گییم    غمگین دِلس فرحت گییم

کاژاہ لٹبم آزاٲدی ییے    دیدو وُچھم اۘدی اۘدی ییے

خوش ابرِ نیسان تازہ دم    آزاد چھُ آزادُن قلم

کرِ دُد وُنن آباٲدی ییے

دیدو وُچھم اۘدی اۘدی ییے

## غزل

روز تو دماہ بیٚیہ لالہ    مُس پیالہٕ بَرٕ یو

غمسارِ کہ سوالہٕ    مُس پیالہٕ بَرٕ یو

باران ھرز[illegible]سوقالہٕ.    ژاکھ سانہٕ آنگٲنی

[illegible]ون پرن حوالہ    مُس پیالہ بَرٕ یو

ا درد [illegible] الحبالہ    طالِبہ [illegible]

وۄنہٕ تھۄنیس استقبالہ — مَس پیالہ بَرٕ یو

تُلۍ چشمہ شُرۍ خیالہ — پرٲنی سۄہ خَن مُشراو

ژاو حیلہ تہٕ حوالہ — مَس پیالہ بَرٕ یو

کھُٹۍ کھُٹۍ مسہ تھاو لالہ — اَتھ سبز پانپُرسے

ژٕہٹۍ تےٚ جواہر مالہ — مَس پیالہ بَرٕ یو

چاۓ غمزہ کمِ کمِ لالہ — واٲلنجہ منز للہِ دال

الماس کی پُرکالہ — مَس پیالہ بَرٕ یو

ییتمہِ دردہٕ لاگم زالہ — اَسماٲنی جانا وار

ژٕیتے نو اثر گوے لالہ — مَس پیالہ بَرٕ یو

وۄلتھس یہ کُفرکرِ زالہ — اے کافر بدخوے

نالُ تراو تھم زُلف مالہ — مَس پیالہ بَرٕ یو

کافور شمع زالہ — اطلاس وتھراوے

پرنگ تےٚ پلنگ سنبالہ — مَس پیالہ برٕ یو

صاحبو آمی خطہ د خالہ — نیرن ییلہِ گل روے

ادہ کس نمن متوالہ    مس پیالہ برہ یو
آتش بر دیدن زالہ    ہئے ہئے وچھا یار سس
اغیار نالی الہ    تس پیالہ برہ یو
جادو ہیچھنتھ کمالہ    آزاد سرنے انداز
آد سوزکہ بنگالہ    مس پیالہ برہ یو

## غزل

دور موہیم درہ دانے ننندہ بانے مدہ نو
ژے پتہ دژاایس بر کژانے ننندہ بانے مدہ نو

دورہ دورے بتہ چاران ژدرہ مو ییم تیرلائے
ہیتھ پیمے دل اتھ کمانے ننندہ بانے مدہ نو

یاونکر دوہ چھی غنیمت یود محبت روزہ پورہ
زانہ کس کس کیاہ چھ لانے ننندہ بانے مدہ نو

ساسہ بدکر اندیشہ ہیم زانتھ یہ چون شاہانہ دل
اوس کیاہ نصیبہ میانے ننندہ بانے مدہ نو

بیٚہتھ ساتھاہ کأژ ہیٚتھ آیینہ تھأوِتھ روبرو
زانہہ کتھ دِل میون یِہ زانے نندہ بانے مدہٕ نو

یاد پاوا سے بیوفا دائمت[1] ہیٚتنس میأنِس ژیٚہ پتھ
کانہہ سوخن ما آسہِ شیٚنے نندہ بانے مدہٕ نو

چھا رُوا غأرن دنٕ میأنی غزل دردکٕ پرٕنی
کم فریب آزاد زانے نندہٕ بانے مدہٕ نو

دوٗر موہٕ نیم دُرہ دانے نندہ بانے مدہٕ نو
ژیٚتے پتہ دزائِس یٕ کڑانے نندہٕ بانے مدہٕ نو

[1] بندہ برداری۔ (گنجیہ)

# غزل

مس یٚنہٕ سپنم نالہ پرٕ مینے — تنہٕ ہاوس نےٚ تراوی تم ہا سے
رُمہٕ رُمہٕ غمہ سہتی چھُمہٕ اٚن وسینے — تنہٕ ہاوس نے تراوی تم ہا سے
پیہ نادُنہٕ اوس شُرکہ پان حسینے — پھیرٕ تس مدہ تس ادہٕ ہا سے
مُرُہ بچھے مرتبہ ہٕرہٕ بیکسن نے — تنہ ہاوس نے تراوی نم ہا سے

خوشک لب خستہ جان تشنہ کیتھ لسہ نے — کرتھ شان دوہ دوت ڈیشنس گژھائے

دزہ وۄن مزہ دار آہ تہ چھنہ کھسہ نے — تنہ ہاوس نے ترٲوی نم ہاے

قند باز خندہ اکہ بل ہاو سنے — ولولہ تھاوان دِلہ نے کیاسے

گاہ منز خوشیہ تہ گاہ وسوس نے — تنہ ہاوس نے ترٲوی نم ہاے

بلہ دل میونے ییلہ چھیتھ مسنے — لعلہ منز بہٕ کرس لولہ متہ لاے

پردہ کرہ صاحب دردہ بے حسہ نے — تنہ ہاوس نے ترٲوی نم ہاے

یان ییلہ سوہ رمن گول تل گسنے — ادہ منز دیدن کرہس جاے

اخلاص سون کرہ گاسہ کین خسہ نے — تنہ ہاوس نے ترٲوی نم ہاے

سنگین رنگہ مندورہ ما ترسنے — سیلاب عشقن بے پرواے

تاب کیاسہ روزہ ادہ میشرہ ویتھ دفہ نشے — تنہ ہاوس نے ترٲوی نم ہاے

خاموش آزاد بوزی بوزی آسہ نے — چھنہ مینوشن پوشن پاے

توتہ ییم گفتار ہیٹہ چھاو سنے

تنہ ہاوس نے ترٲوی نم ہاے

# غزل

پوشہِ مَتہِ روشنس بہٕ لگےٚ پاٗ ری      ژاو سہ کپنا واٗری سیے

دوہ تارہ ژھوہ دِہٕ یُوری آسےٚ ساٗ ری      ژاو سہ کپنا واٗری سیے

لۄکہِ ہٲرٕہ کتھ چھےٚ ساٗدمکاٗری      دوس چھا آسان ساٗری سیے

یَتہ وَتہٕ آمژ دُشمن داٗری      ژاو سہ کپنا واری سیے

پۄشہ تَنے حُسن تہٕ شرمداٗری      صاحب کری تنے یاٗری سیے

دِلہ ہے تراوِی نےٚ وفاداٗری      ژاو سہ کپنا واٗری سیے

لاٗلہِ مجنوٗنَن لاٗج دوس داٗری      تھاوِکھ ناما واٗری سیے

بدنام سپنِتھ گامہ شہاٗ ری      ژاو سہ کپنا واٗری سیے

بُلہِ کر ژیٚہ سوا لولہِ بیماٗ ری      چلہِ کَس زورا واٗری سیے

اورہ کتہِ اٰسی تَن بالہ ہزاٗری      ژاو سہ کپنا واٗری سیے

نارہ یوٗد نہ اِلنم آسہ گرہِ ھم جاٗری      سوٗر میون وَسہ اٰری اٰری سیے

پھیرہِ گُلزارَن جہِ پہٕ ژھاٗری ژھاٗری      ژاو سہ کپنا واٗری سیے

دؚوٗرِ دؚوٗرِ دِنتھٕم ہُمہ چأرؠ چأرؠ     ییٚیرِ کٔرٕس پیالہ برداری یے
گٕنہٕ ورٕزٕ پیٚزٕ ہے چیٚنزِ ہے سأرؠ     ژاوسہٕ کیٚنا وأرؠ سیٚتے
جیٖرِ چھُھُم میوان نیٖرِ بازأرؠ     ہتھرِ چھُم چأنی بیزأرؠ یے
حیلہ تہٕ بہانہ قبیلہ دأرؠ     ژاوسہٕ کیٚنا وأرؠ یے
اگرچھُک سألاب ییٚلہِ گژھِ جأرؠ     آبٕس چھُنہٕ اختیأرؠ سیے
کٔنہِ نیٚ دِیہ نا کلہِ دأرؠ دأرؠ     ژاوسہٕ کیٚنا وأرؠ سیے
کیٚنٛہہ گٔے پھیرِتھ کیٚنٛہہ چھِ ہیٚتھ وأرؠ     بیٖرِ اُسٕس لولہٕ بازأرؠ یے
ژٕپرؠ آزادس آیہٕ انوأرؠ
ژاوسہٕ کیٚنا وأرؠ سیے

# غزل

باغ نسیمہٕ کے گُلو     باشہٕ کران کرانٕ وؚولو
ساز کران کران وؚولو     ناز کران کران وؚولو
روشہٕ ژٕہ آکھ در چمن     موخِتہٕ جوٚرُسے ژٕیہٕ شبنمن

توسہ بران چھ یوسمن   مُشکھ ہَران ہَران ووہلو
چون ہوس چھ مسُولن   سنبلن تہٕ رنبلن
ہول گوشت چھ بُلبُلن   ہول بران بُران ووہلو
چھاو پھلے ژہ گوشنے   کڑاو کرسے بہٕ پوشنے
پوشہ متین منو شنے   ہوشہ پھران پھران ووہلو
چھے ژیہ فہلہٕ ون جبین   دلفریب و نازنین
زڈنہٕ شوبان چھی نگین   چونہٕ جران جران ووہلو
مارہٕ متیو یہ خوبے ژراو   ماہ دو ہفتہ روے ہاو
سوز دِلک میہ شیہلاو   روز ہُران ہران ووہلو
سون فراق طوٗل گو   شہرہٕ تہٕ گامہٕ شعہرہ گو
تازہ بتازہ نو بہٕ نو   قِصہ پَران پَران ووہلو
آزادِ [1] غرمن مہ تھاو   امیل تہٕ عکس پرزہٕ ناو
غور کرِتھ قدم ژہٕ ژراو   یور ڈران ڈران ووہلو

[1] مہجورؔ کی مشہور غزل "باغِ نشاط کے گلو" کے تتبع میں یہ غزل لکھی گئی ہے۔ آزادؔ اس کے لکھنے کے کئی سال بعد اپنی اس کوشش کو محض طفلانہ تقلید سمجھتا تھا۔
(گنجوؔ)

# غزل

قدمن ہ چشمہ وچھراوَے مدہٕ نو
لالَن ہا مالہٕ کرہٕ ناوَے مدہٕ نو

گرہٕ گرہٕ لرہٕ یان ساوَے مدہٕ نو
پوشہٕ تھرہٕ نرہٕ آلہ ناوے مدہٕ نو

چھی میانٕی بوسہٕ یاد لوسہٕ ناوٕان
گرم آبہ اشہٕ کے ناوَے مدہٕ نو

نظرے نیرے تھرزَن ہا پھیرے
وِگنین سیتہٕ وَنہٕ ناوَے مدہٕ نو

تازہٕ یارانس عہد و پیمانس
آدنکی لولہ ہری تراوَے مدہٕ نو

تھاوَے زٕاژی زٕاژی اُکہ تہٕ سوٕ یارٕی
رنگہٕ رنگہٕ یان منگہٕ ناوَے مدہٕ نو

گٕژ نہ مو بَر ہیم ضربِ جگر
واوس تہٕ کاوس ہاوَے مدہٕ نو

ژہے میون قاتِل ژٕے ہا میون درد دل
ژیتے نتہٕ ادہٕ کس باوَے مدہٕ نو

عالم ہا کرہٕ یاد آزاد آزاد
کُنہٕ ساعتہ وُچھتہٕ یاد پاوَے مدہٕ نو

# غزل

بٲلیٖ کیاہ گمٲنہٕ بوٚر جانانَن   روشہٕ بیٚہٕ یٹھ پوشہٕ ڈالانَن منٛز

گوٚش نے تھوونم لولہٕ اَفسانَن   روشہٕ بیٚہٕ یٹھ پوشہٕ ڈالانَن منٛز

اَسہٕ وونہٕ ڈیکہ سیتی غنچہ دہانَن   مَس چیٚینہٕ ژاو گلستانَن منٛز

چاک کیاہ مسولو دِیت گریبانَن   روشہ بیٚہٕ یٹھ پوشہ ڈالانَن منٛز

رشکہٕ سیٖتی داغ روٚٹ ماہِ تابانَن   بیٚہ گنڈنی آتشخانَن منٛز

جیرِ سیٖتھ آفتابہ کھوٚت آسمانَن   روشہٕ بیٚہٕ یٹھ پوشہ ڈالانَن منٛز

خندہٕ دِیٖلہٕ کوٚر تمہٕ گُل خندانَن   مندہ چھتو لال بیٚٹھو کانَن منٛز

ہولہٕ سیتی لولہ رَتھ باندہٕ گووٚ پانَن   روشہٕ بیٚہٕ یٹھ پوشہٕ ڈالانن منٛز

خُمار کیاہ چھُس چشمِ مستانن   ہرشہٕ ژٲلی گوہ بیابانن منٛز

محشرُک شورو شر ووٚتھ شرابخانَن   روشہٕ بیٚہٕ یٹھ پوشہ ڈالانَن منٛز

ینہٕ روے ہیوٚ نیم مُدے پریشانن   تتہٕ بال چھُس نہٕ انسانَن منٛز

دل چھُم پھیران سُنبلاتَن   روشہ بیٚہٕ یٹھ پوشہ ڈالانن منٛز

شوقہ سان مأنیتھ لولہ فرمانن آزادؔ آو غزل خسانن منز

زانہٕ ونی پانسے معنہٕ اَتھ زانن

روشہٕ بیٹھ پوشہ ڈالانن منز

## غزل

ازِ یتہٕ مدن وارو ینہٕ چانہ گژہٕ چھیم شادی
درنہ ہے بہ جگہ پارٕ اُندرِم ییٚبرم دادی

کرہ کیاہ یمہٕ جیلخانہ کرٕکر چھم زولانہٕ
دوٗ پھم گیہ دیوانہ روٗزم نہٕ سعہ آزادی

ہی تھرہٕ چمنن اندرلیہ چھم لوسان پیٚرِ کر
کرہٕ ہس پوشن انٛبرہٕ ہس لول تہٕ شادی

سوزہٕ ہس رندہٕ پان ڈالے بندٕ پژھ اُسم بالے
لولہ نار ییتہٕ مازالے زونتم اُدی اُدی

تھاو تقس ارہٕ ول سعتہٕ تلٔرن بوٚمبرن اندر
بلبلہٕ ژیہ رٹھتھ بندر بہٕ کسو وہٕ یم دادی

کرہٕ پان ساوتھ وارہ کرہٕ ہس مال زارہ پارہ
کیاہ تسارٕ ودس خارہ بے سود گرمی تم جادی

ہیندس نہٕ مسلمانس چھیہ وقتہٕ پانس پانس
منز دردہٕ نیشانس آزادس چھم آزادی

# غزل

یئمبرزل چانہٕ اَمارہٕ ژگرنہٕ چھس بانبرے بوٚمبرو

ژٕ ہٹم جامہ گیَس پھلوا بہ چلنے لولرے بوٚمبرو

محبت مائے ژائوٚتھ پوٚر مدنوارو ژٕیہ ہیو تیتھم دوٚر

میٚہ سوٚنبر یوٚم ویرہ چانے ویٚور نوان چھم تلرے بوٚمبرو

ژٕہ کمیوٚ سوندرے وۄلہم وُچھے گیس گیس کراں ژٕوٚلہم

میٚہ یامت نظرے ڈوٚلہم پیٚیس بے خود لیرے بوٚمبرو

ژٕیہ شوٚرے پانہ ماران ژھوٚہ میٚہ گوٚمت لوٚلہ ہارس یوٚہ

میٚہ وۄتُم لوسنس بیٚچھ دوہ ژٕہ چھکُن ژٕ ہندرے بوٚمبرو

تھوٚیوم کھٹہِ کھٹہِ میٚہ گوٚ پالے یہِ آتش گوٚہ ژٕ ژھتہ تالے

ادٕڑہٕ دزٕی ژٕنی گیُم بالے دزان مشز تھتھرے بوٚمبرو

چھوان چھکھ ماہ تابانہ پیوان گاہ چانہٕ نوٚر راشہ

گران گٕتھ گٕتھ جانانہ چھہ اتھ بالا نزرے بوٚمبرو

ژھیکے نو زیورس حُسنس ویکن ہیتھ فریبا چھس
ہوس چون میانہٕ کھمہٕ تہٕ کُس دلاور سنٛدرے بوٗ مبرو

نہٕ وُچھمے تیرنے تلوار چھہٕ تڑپان ہر طرف شکار
یہٕ کیاہ تاثیر تہٕ خُمار چھہٕ چانے نظرے بوٗ مبرو

کوٗرُتھ عالم ژیٕہ دیوانہ گنڈِتھ یمہٕ سنٛز تہٕ سامانہٕ
بدن چون زن پری خانہ زری پردن ژھٹرے بوٗ مبرو

رٕہتھ منٛز حُسنہ باغس شاد بران پوشہٕ ہم آزاد
ہوان شوقس تہٕ لولس داد خوٗلن کیاہ ڈرے بوٗ مبرو

# غزل

یارہ ماہ روہ خسارہ لگہٕ یو خارہٕ نتھأوِتھ ژٕ لہمو
تنبہ لأوِتھ پیالہ چأوِتھ چھوہ رأوِتھ ژٕ لہمو

پوٗرہٕ دِنکے ماہتابو نوٗر چھہٕ نے پیہٕ و ژٕ مہ یأرکہ
سوہ رگہٕ خوٗرسے ژوٗرہ ژوٗسے ورغلاٗوِتھ ژٕ لہمو

بیب زُلیخا نقامہِ کرُتھُس راجہ مصرکہِ یوسفو
یاونکُ مزہ دار ہاوُس راوہِ رائوِ بتھ ژوٗلہمو

نامہ سوزے زاگہ روزنے باغِ نشاطس اندر
گوشوارُن گژایہِ ماران پوش چھاوِ بتھ ژوٗلہمو

چاک دِتھ جامن بہٓ آیس چیرہ دامن روٹیمے
دوٗرہ ہری مخموٗر چالے اُلہِ رائوِ بتھ ژوٗلہمو

لانہ اوسُم چانہ شوقہ کژانہ دنہ آیس بل ہوس
کامہ دیوو گامہ شہرہ بامہ نقاوِ بتھ ژوٗلہمو

ژالہ کوتاہ کالہ سرفو نال ووٚلہتھم سونڈرے
پوشنہ تنہ ہنہ ہنہ جوشس ترائوِ بتھ ژوٗلہمو

دوٗرہ بلبل باشہ کرُہو نھُم الفتکُ تاثیر گوم
آرہِ وَلے معرکن منز دشرائوِ بتھ ژوٗلہمو

پوختہ کارو بازہی گارو رازِ دل ووٚنتھم نہ زانہنہ
اَچھ دارسے نشہ غازن شیچھو نقاوِ بتھ ژوٗلہمو

نادلایان تس گلس آزاد گلزارن اندر

گلعذارو بلبل دِل تنبلاۓ وِلتہ ژۆلہمہ

# غزل

شالہ مار باغچہ یوسمن بتھر ییے ساز کرِ کرِ ییے ہاوِہ رہ خمار

مالہ منتھ چھنے لولہ سان تر ییے ساز کرِ کرِ ییے ہاوِہ رہ خمار

شاہ یندرانزنی تازہ شاہ پرُ ییے دل چھم تنبہ لاوان چون خمار

چھےژیہ مس چومت شیشہ برُ برُ ییے ساز کرِ کرِ ییے ہاوِہ رہ خمار

ژو مچھ ہشر یانی شاہچھ پر ییے شیخن تہ شانتن چون اثار

شوبہ دِنی مانزِہ نم چھی ژیہ اُدر ییے ساز کرِ کرِ ییے ہاوِہ رہ خمار

عطرے گولاب ملی سوندری ییے آب زمزم سیتو چھلی رہ خمار

کستوری نافہ سیتی گمہ ڈکمی برُ ییے ساز کرِ کرِ ییے ہاوِہ رہ خمار

ونگہ ژو مالہ سیتی داو کرِ کرِ ییے صبحکی داون کرِکھ بیدار

نندرسے اُسکھ مس سوندرسے ساز کرِ کرِ ییے ہاوِہ رہ خمار

اَوٚدرٕ ے وٕتھرٕن شبنمَ کوٚریے ‏ ‏ ترٛاوان مخمل فرش سبزار
چمنوٚ تھاوِی ہے پیالہ بٔری بٔری یے ‏ ‏ ساز کٔری کٔری یے ہاوِہ روٚ خسار
ٹوٹھی چانٛی دوٚرہ چھکلہ نوٚرہ بٔری بٔری یے ‏ ‏ جامہ چھی نیلی تے سبز شلوار
زوٚنہ زٕرٕہ ترٛاوان چانٛہ ہوٚری ہوٚری یے ‏ ‏ ساز کٔری کٔری یے ہاوِہ روٚ خسار
لالہ مندٕ چھاوِتھ خندہ کٔری کٔری یے ‏ ‏ سوسنوٚ جاے رُٹ اند مزار
پارہ کٔری مسوٚلوٚ نال تہٕ نٔری یے ‏ ‏ ساز کٔری کٔری یے ہاوِہ روٚ خسار
یمبرزل چھے وُچھان دارٕ ترٛٔ بٔری یے ‏ ‏ ہاوِہ چانے مس گلزار
گُل اشر فشنے لوٚگمت زٔری یے ‏ ‏ ساز کٔری کٔری یے ہاوِہ روٚ خسار
لولہ داٚگ اُلہ چینٛدٕ آے بٔری بٔری یے ‏ ‏ وایان چنگ ونے ساز و سیتار
حالہ اَکہ تیسل پل نالہ منز ترٛٔری یے ‏ ‏ ساز کٔری کٔری یے ہاوِہ روٚ خسار
یارتے یار اَتھہ واس کٔری کٔری یے ‏ ‏ پانہٕ داٚگ باوان لولہ اسرار
ترٛاوان کوٚکلے ہیری گٔری گٔری یے ‏ ‏ ساز کٔری کٔری یے ہاوِہ روٚ خسار
معشوق عاشقَ تھاوان ٹٔری یے ‏ ‏ زاگہٕ ذاگہٕ ماران لولہ شکار
دوٚرہ دوٚرہ کران ژوٚرہ دلبٔری یے ‏ ‏ ساز کٔری کٔری یے ہاوِہ روٚ خسار

ہندوستانیچہ ماہ پیکر کریے    مشہور کوتاہ چون انہار

فند بازہ لمند کر آسے تزی تزیے    ساد کرٔی کرٔییے ہاوِہ روہ خسار

شاد گوٚو آزاد ژاو ییلہِ بزٔ ی یے    یاد پیوٚس آدنک ننٛدرٕ بون یار

تو شہی اکھ یو ستھکش پوشِہ گوندریے

ساز کرٔی کرٔییے ہاوِہ روہ خسار

# غزل

بر جوٚشس آیہِ پوشِہ وارِہ گُل    وُچھہٕ بلبُلو در بارِ گُل

دیدن چھہٕ از دیدار گُل    وُچھہٕ بلبُلو در بارِ گُل

شاہانہ شوٚبان کیا گوٚلاب    زن تارہ کنٛ منز ماہتاب

سوسَن سپہ سالارِ گُل    وُچھہٕ بلبُلو در بارِ گُل

کوکلَ تہٕ روٗنبلَ سو بسو    سوٗنبل چھہٕ ہلی ہلی خوشبو

ماران رگلن تھقرِہ کارِہ گُل    وُچھہٕ بلبُلو در بارِ گُل

یئمبرزلن کنیٚاہ سوٚرمہ ناز    ہی تھقرِہ کرٔی کرٔی آیہِ ساز

ادفر چھُہ ہاران دارہ گُل — وُچھو بلبُلو دربار گُل

سینِدی سادہ سرو دِلپسند — شمشاد وُچھتن قد بُلند

اِستادہ برسرِکار گُل — وُچھِو بلبُلو دربارِ گُل

گرٛدھ آبشارن پیٹھ ژہ روز — فوّارنے ہُند سوز بوز

حاصل بنی اسرارِ گُل — وُچھِو بُلبُلو دربارِ گُل

کر سیرِ ڈل گرٛدھ شالمار — وُچھ باغِ نسیمک بہار

اپاّرہ گُل یپارہ گُل — وُچھِو بُلبُلو دربارِ گُل

شنوٗبان کیاہ پوشہ تھرے — اُتھ باغچہِ بالا درے

دروازہ گُل تہ وارہ گُل — وُچھو بلبُلو دربارِ گُل

لاگی لاگی اطلس کیمہ خاب — زاگی زاگی یوان بےحساب

چھاوان کمہ اچھ دارہ گُل — وُچھو بلبُلو دربارِ گُل

مارہ متیو یچھنا ژہ یوری — دارہ وُچھکنا پوشہ ڈوری

چھُم خارہ کوٚر تھمُ تارہ گُل — وُچھو بُلبُلو دربارِ گُل

چھے خندہ گُل بجیہ گُلدمن — وُچھے جامہ گُل بنیہ گُلبدن

انہارہ سے اطوار گُل — وُچھ بلبلو دربارِ گُل

اے بُلہوس کر جامہ چاک — دامن پنُن نقاو وارہ پاک

ادٕ نیر در بازارِ گُل — وُچھ بلبلو دربارِ گُل

گیلان میہ چھم اکھ عالماہ — آسُن گوژھم کانہہ ہمہ حراہ

وَنہس پنُن آزارِ گُل — وُچھ بلبلو دربارِ گُل

وُچھتو یہ آزادُن حضور — منز حُسنہ باغس زن چھہ ژور

ہلمن تران لارہ لارہ گُل

وُچھ بلبلو دربارِ گُل

## غزل

میہ شامہ دی آسم ژیہ دادی باوے یہ جادی ہا نکل گییم ہا لالو

ژیہ کینہ روٹھتھم یہ سینہ ژوٹھتھم میہ لولہ کرتل پتیم ہا لالو

پھتو لیتھ وَنن منز گلالہ لاگیتھ دِلیتھ یمے خوارہ جامہ پانس



میہ دامہ پاے ہا باغے منز قرار یہ دل لو ہیتیم ہا لالو

میٚہ یارٕ لوٚگمُت چھُہ ژینے پتٕے دل یہٕ اورٕ پھیرُن سٮ۪ٹھاہ چھُہ مُشکل
ژیٚہ رۄس یِمن سۄ گہ حورٕ نِیہ منٛز آرام زانٛہہ نو ییٚیم ہا لالو

یُہ وٕنتہٕ وُوٚچھان چھکے یمبرزل ژٕ بیوفا تہٕ ونوٚ یٮ۪ہم نا
میٚہ خارٕ چانے بہار وُچھنے برہ یہٕ ہسی تن گیم ہا لالو

وُچھنہٕ ژالیس یہٕ دارٕ ہُندٕ گُل تتہٕ یہٕ سینہ دوٚدُم ہا بُلبُل
وُچھتھ گُلن سیتی چھوان بُلبُل سیٹھاہ کتھ یاد ییٚیم لالو

ژیٚہ تکتھ خنجر کمان تہٕ نیزہ یہٕ تتہٕ مُژِ ہتھ یہٕ سینہ دارٕ سے
بدن میٚہ دوٚدمُت چھُہ سوزٕ چانے یہٕ سوزٕ ہم تی وٕنیم ہا لالو

ژٕ دلبرو یاد پاو آدن سہ وعدہ آزاد سے وفا کر
میٚہ سٕرتھ کران مارٕ مژ جوانی ہرِتھ پھلے زن ییٚیم ہا لالو

●

ا؎ مہجور کی غزل "ملالہ ترأوِتھ ژٕ سالہ کیھنا ..." کے تتبع میں
لکھی گئی ہے۔ (گنجوؔ)

# غزل

ستمگارہ خمار ہتھاوُن روا چھا | بہٕ میون شیشہٕ دل پھٹراوُن روا چھا

یمن سوٗرہٕ چشمن تہٕ شیرین کرشمن | خُمارک [illegible] ہیلہ ناوُن روا چھا

لگے دوستدار و تہٕ کرمیون چارہ | عذابس اندر دوس ہتھاوُن روا چھا

لگے شرُکی پانس تہٕ شیرین دہانس | جوانس غمک [illegible] رتراوُن روا چھا

ہنُن کانہہ سو سخن یاد پاوسے ستمگر | [illegible] کنیٔ گوش ہتھاوُن روا چھا

لوہ ننہٕ پاٗٹھو واوہٕ تنس [illegible] | شہ یار آذنک راوہٕ راوُن روا چھا

کرُوس زارہٕ پارہٕ وُنس بالہ پارہ | بہارس اندر کینہٕ ہتھاوُن روا چھا

تہٕ وُنتس لُتی بلبلس تازہ عاشق | اُسی روبرو منہ ناوُن روا چھا

کھسہ دِنی جوانی ہوا آسمانی | توٗرے عار و انصاف تراوُن روا چھا

پچھہ آزاد خوگر گُلان شورِ محشر | یہٕ ہتھے فتنہ بیدار ہتھاوُن روا چھا

ستمگارہ خمار ہتھاوُن روا چھا

بہٕ میون شیشہٕ دل پھٹراوُن روا چھا

سلہ [illegible]

# غزل

زیٚنہٕ پیٚتھ راوہٕ راٗوم جوانی ہا لالو | جُدا ئی کرنی چھے بٔہ جانی ہا لالو
کمن خوش گفن بنیہٕ وُشتھ کینہ دردِل | نشٲنی بیٚیِر ناجہربانی ہا لالو
میٚیہٕ یوٗد روے سینہٕ ہُم تہٕ بے وایہٕ چھے | کرِتھ صدا یہٕ میٲنی زندگانی ہا لالو
میٚیہٕ یوٗد روزہٕ ہَن یاد جانی ضربِ جگر | وَتَن آسہٕ ہے ماوُچھانی ہا لالو
نہٕ کنہٕ دوٗر گژھکھ تہٕ لولکی زہٕ عالم | زیٚنہٕ چھی دوان رنہٕ خن گتھ کرانی ہا لالو
کھسیتھ اولہٕ کس کوہِ طورس میٚیہٕ زونم | ترانا زبر لن ترانی[1] ہا لالو
کوٗر تھ شانہ زُلفن لوٗرِتھ اٚتھ سرفن | تہمو گالی کم تُندہٕ بانی ہا لالو

کران لولہٕ زخمن چھُ آزادؔ تازہ
بٔران دردہٕ افسانہ جانی ہا لالو[2]

[1] جگر کا یہ مصرعہ "نئے طور کی لن ترانی تو دیکھو" راقم نے ایک ریڈیائی مشاعرہ میں سُن کر پسند کیا تھا۔ آزاد کو غزل کے چند اشعار سُنائے اور اسی وزن میں کچھ لکھنے کی درخواست کی۔ جس کا نتیجہ یہ غزل ہے۔ (کنجو)

[2] بہ تعمیل ارشاد ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو نوشتہ شدہ
شکایت نہ... ...سر دادن، چہ فرمایش زبانہ آید"
(آزاد)

# غزل

روشہِ روشہِ پوش چھاوان کوَت ژۄلُم بے عار دوست
خوش طبیعت خوٗ بصوٗرت ہشمہ ہوَت میخار دوست

آفتِ چین غارتِ دل راحتِ جان سرو ناز
شاہِ خوٗبان ماہِ تابان حیلہ گر عیار دوست

جامہ زیبا دِلفریبا گُلبدن شیرین دہن
پاک داماں جانِ جانان پھولہٕ وُن گلزار دوست

نارہ وُزہ مل نوٗرہ مشعل حُسنہ کرتھ در بغل
تشنہ قاتل سخت جاہل فتنہٕ بیدار دوست

شُرِ پانس نشہ کیاہ چھُس دۄرہِ لاگِم کشہِ تیر
گژھاوِ ہیتوس عار اُنی توس دژاو کس لِہ کچار دوست

نیرِہا دِتھ چاک جامن پاک دامن آرہ دل
راوِہ راُدرنم یاوِہنکی دوہ تھاوِی نم اغیار دوست

وعدہ بھاوٕتھ نِشہٕ اُوتھ تُوٚل میہ ژاوِتھ بے وفا

وٕتہٕ ووٚچھان پیٚتہ لارس جان فدا ہیٚسار دوست

خوش بیہتھ آندٕ دَنیٚ دِل یوٚت کوتاہ بے ہراس

زُلفہٕ ہیٚتھ ... ہیٚ منٛز نِشہٕ اُ دیتھ یار دوست

# غزل

اَے غافلو ژٕ چھکھ بے وفا سوندری لو — ژٕ یہٕ روٚدُے نہ یادِ خدا سوندری لو

کمن محفلن بلبلن مَستو نَن منٛز — اَیچھَن تَل چھیم خوش ادا سوندری لو

وُچھیم کمُ مٔدن گُلبدن آفتِ جان — اثر چانہٕ حُسنُک جُدا سوندری لو

دِلک ژٕوٚر مستانہ زن دوٚر چانی — چوان سُنبلہٕ باغُک ہوا سوندری لو

پریشان دِلن منٛز یہ زُلف پریشان — یتھی لوٚکھ تتھٕ بادشاہ سوندری لو

یمَن آسہٕ ژٕ بتٕ پیٚو ستم دیدنے تل — تِمَن بُت پرستی روا سوندری لو

دزان لوٚہ پٔلوٚس اندر نوٗرٕ پشعل — یہ تیٚن ڈیچہ نکہ چھٕ ماسوہ ندری لو

دُبیہ مُچھیمہ زانہہ زاز منٛز اَلھقابہ — نُکہ ہان سوہ یہ تَل کیاہ کتا سوندری لو

خُدا پارسائی تہٕ پرہیزگارِی   وُچھم عشقبازی خُدا سعہ ندری لو

کتھن گوش دۄے کتھو وُچھ ژورہ ژٕ   چُھہ آسان پشمن حیا سعہ ندری لو

صفا دِل وفادار یارن تمنا   گنُاہ، خوش کلا ماہ کتھاہ سعہ ندری لو

یہ آزار شیدا چُھہ دردس تہٕ سوزس

دِلس منز کتھ پتھ صوٗرتھاہ سعہ ندری لو

# غزل

دِلک آرام رنیٖہ ژٕتِم ژھلہ   وۄلو ہا ژٕرلہ بوٚ مبوٗرو

یمبرزل دُنیتہٕ کیہو سُمبلہ   وۄلو ہا ژٕرلہ بوٚ جۄرو

وُنی ژۄلہم تہٕ اوے نوعار   ژٕچھم ہیا مہٕ گییس بیدار

وفا رۆدسے یَر ہنو لِہ تلہ   وۄلو ہا ژٕرلہ بوٚ مبوٗرو

بہٕ وَچترے پوشہ باغن ژٕنگ   تھوے چھاوِنی ژٕیہٕ ببرے لنگ

سیاہ زُلفو کرے موٗرہ چھلہ   وۄلو ہا ژٕرلہ بوٚ مبوٗرو

ژٕہ رۆدُکھ ہمہ شہرِ خیالن ستہ تہٕ   مینہ گنجہ تھم مۄہ تہٕ والو سیتو

زمہ زمہ وچھ ہا ہلکہ　　ولو ہانژلہ بومبورو

ہمن ہندہ آلہ اشارہ　　کمن رندن ستوو تہ خابرہ

خندہ کرکر کری تجھ کرتلہ　　ولو ہانژلہ بومبورو

رۍ چھم در سینہ مژگان چون　　گوورم آیینہ ہے پتوون

امی الماسہ کی پینسلہ　　ولو ہانژلہ بومبورو

وچھتھ چانی کاکل خمدار　　دہن زہرہ نبان شہمار

دلہ ویرن چھ سے دولہ　　ولو ہانژلہ بومبورو

پیتم شاہ یوسفنہ گرائے　　ژلن پامہ زلیخائے

پرینان چھم مصرچہ مسولہ　　ولو ہانژلہ بومبورو

یہ تن میانی گنجہ امی کاژہ　　ہتن پینٹھ لا جہتھم ہانژہ

کتھن ہندہ ہولہ چھم اللہ آلہ　　ولو ہانژلہ بومبورو

گومت فلواپہ موت آزاد　　چھ کس شیرینہ پتھ فرہاد

کھنان سنگر انان دودہ کولہ

ولو ہانژلہ بومبورو

# غزل

خوش روز یہِ سوز عشقُن بوزا اے صنم غنیمت

دُنیا چھُ دارِ فأنی اَتھ منز چھُ دم غنیمت

کیاہ لاگ ساز و سامان ژاو زُلف تا باما ن

کر سیرِ گُل خرامان چھی مأنزِ نَم غنیمت

منز لولہ وارِ پھیرَو یم پوشہِ ڈُورِ شیرَد

وہ وتھ شُلہِ شُلہِ نیرَو چھُے صبحدم غنیمت

صحرا تہ گُل وُچھتھ آس زأنِم فقیرِ سُنیاسی

زأنتھ یہٕ ژیتے پتہ دژاس چأنی ستم غنیمت

تراوِم قبیلہ دأری لأگتھ ژیتہٕ یار مأری

نادِس گژھے یہٕ یأری چأنی صدم غنیمت

یَس پھوَل نہ دِل تہٕ جگر ہیتھ لولہ نارِ کیُٛ زر

سُے بوزِ روزِ محشر باغِ ارم غنیمت

کیاہ کرہ اَچھ خمارس ہیتھ نتہٕ جان بہٕ لارس

بیدردہ یشوہ خارس دِیُن کاتھہ رقم غنیمت

نادان دوستن ہنز مِنت مہ کھار پانس

تمہٕ کھوتہٕ دُشمنن کُن دارُن ہُلم غنیمت

آزاد سپہ کھاہ کر یوٗد چھُس نہٕ زور تہٕ زر

اُمیدوارِ ہوس مہ راوِر چھُے بازِہم غنیمت

# غزل

باٗلی ژہٕ وَنتہٕ دِلبرس وعدہ پنُن وفا کرے

ژاوِہ ملالہٕ ہاوِہ رِوے تھاوِہ قدم کتھا کرے

وَسمہ کرِتھ خنجر یمن ژاو بناز درچمن

یمبرزلن تہٕ بادمن فضل پنُن خدا کرے

رحم تہٕ عار چھا یمن سنگدِلن تہٕ ظالمن

زانہٕ خدا کمن کمن ماٗنزہٕ نمن فِدا کرے

اُمیہ انداز اے صنم تل مہ نقاب ژٕہ دمبدم

بندہ پٔرن صنم سنم قبلہ تہٕ کعبہ کیاہ کرٕسے

آزادٕ ہسے چھُ لولہ زرتشنہ ژٕہ ہقاوہ ہن اگر

وُچھتہ سہ عالمس اندر تازہ قیامتھا کرے

## غزل

حالِ دل روداد مُشکل یارِ جانانس ونیوم

کیا ژٕہ روٗ ٹھُم کیمنہ کُس غارس تہٕ بیگانس ونیوم

بأسلیٖ تہمیٖ سُند یہ روشن خالی از معنی مہ زان

یاد ما چھُے یادہٕ نے تل کیاہ مێیہ جانانس ونیوم

بلبلو وۄد گُل ہُرٕ تھ بیٖہ سروہ گُلی گے رۄزی رۄزٕ

چاک جامن دِتھ مێیہ کیاہ سترٕ پاکدامنس ونیوم

شورتُل پانژادرو رود درٕی یاوَن آرام

تنہٕ مۄژرادِتھ یہ دردِ دل کوہستانس ونیوم

دژاپہ نۍ بیواپہ نالان لولہ سۍ خنزٕ گوہ وننہ

کیا تازٕ ناحق رازِ دلِ ہۍ ہۍ نیستانس ونیوم

.بورہ آزادس ووٚنم کیاہ وۄہ نی مہ کر دیوانگی

تورٕ دوٚپنم کیاہ ونۍ پرٕیتھ ساتہ یتھ پانس ونیوم

# غزل

ماہ تابان آوے لُتہ ییہ وٕ چھتہ نوٗرنی پھتہ ییہ

دژاوٕ ے لاگتھ جامہ چھتہ ییہ وٕ چھتہ نوٗرنی پھتہ ییہ

وٕ چھتہ بالی نالی کیاہ چھس خالی مالہ شوبان

یتھ تنبہ لن دالہ متہ ییہ وٕ چھتہ نوٗرنی پھتہ ییہ

نازنینس زن چھ کاکل تازہ سنبل دستہ

پرٕیوہ تراوان لوہ ہتہ ییہ وٕ چھتہ نوٗرنی پھتہ ییہ

کیشہ بندنی کھیشہ وٕ ٹھان رنگہ ناوے ہیوہ ٹھم

وٕ چھتہ نیم ...شان ترشہ متہ ییہ وٕ چھتہ نوٗرنی پھتہ ییہ

پوشہ باغَن منز بہٕ ژائیس ہوشس رٲوِم حوٗرے

پوشہٕ ہٕلمہٕ ہیمہ تمتہٕ یے وُنہِ چھتے نوٗرٕنی پھتریے

گُجگُ میہ ہنٕ ہنٕ کاژہِ زوٗنے ہاٛنژہِ آیم کاژاہ

دُشراٛونس لوٗکہ متہٕ یے وُچھتے نوٗرٕنی پھتریے

تتہٕ نالچہ وَژھہ تراٛوِتھ باغِ نسیمہ گژھہٕ شے

دیوہِ شنیھلن نارہ تمتہٕ یے وُچھتے نوٗرٕنی پھتریے

آزادٕنی وِلہ نتے نار شلہ پدہ ٲنی سوزس

رتم چھہ مزہٕ دار بتیہ توتیے وُچھتے نوٗرٕنی پھتریے

# غزل

دیرہِ جانے چھس ہا بے تابو لو — یتہٕ لاگتھ شیرہِ گوہ لابو لو

نو بہارٕکہ لُب لُبابو لو — یتہٕ لاگتھ شیرہِ گوہ لابو لو

ییٛچھم نہ مسوٗلہِ قرار گرہٕ ساتس — چھس بہٕ گنزرانہ زٕ کُہ رٲتی راتس

لوہ لہٕ للہٕ وَتھ گُل آفتابو لو — یتہٕ لاگتھ شیرہِ گوہ لابو لو

گمہٗ شیٖہلاو ٹھہراو ساتھا کرٗ — پوش چھادان روشہٕ روشہٕ بائتھا پرٗ

پوشہٕ چمنن ژٕلہٕ حُبابو لو — پیترٕ لاگِتھ شیرٕ گمہ لابو لو

دارہٕ دارہ شیٖنہ مانٛی گاجھبقس بو — پیٖرہٕ آرن تہٕ جوین وانجھس بو

عادٕ انصاف چھنے نہ اکھتابو لو — پیترٕ لاگِتھ شیرٕ گمہ لابو لو

رمہٕ نہٕ لاگِتھ اَزمے گمہٕ حالہٗ — چوٚنہٕ جوٚری جوٚری سعہ نہٕ سنزہٕ تنہ مالہ

لاگ اطلاس چھاد کیمہ خابو لو — پیترٕ لاگِتھ شیرٕ گمہ لابو لو

وائج مرنیچ تھاوتھم نشانہٕ — تھپہٕ نیوتھم اَتھہٕ منزہٕ دامانہٕ

ژھینپہٕ ژوٚلہم لالہ سیمابو لو — پیترٕ لاگِتھ شیرٕ گمہ لابو لو

خط وخالن چائی تنبہ لاوتس — برٕمراوتس بنیپہٕ مرٕ راوتس

رادہٕ رووتھم آرام وخابو لو — پیترٕ لاگِتھ شیرٕ گمہ لابو لو

اُمہ دمہ ن پیٖلہ پانہ وائز اُلفت گوٚو — دوٗرہ دوٗرے موٗرہ نار ژالُن پیو

شُرٕ پانن رُود حبابو لو — پیترٕ لاگِتھ شیرٕ گمہ لابو لو

ژوٗ بُجھ ژٕ وچھ ساماناہ منبنارہ — کُمیو تاو دیمزہ کُرکے دلدارہ

پیچھیٖمہ نہ رُودمُت یوت آب و تابو لو — پیترٕ لاگِتھ شیرٕ گمہ لابو لو

عاشِ فرُقان پیہ رُے چون گاہ ژاڈن     زُلف کاکُل تہٕ گیسو کُفرستان
چشمہٕ کافر تُمہٕ محرابو لو     پیتۍ لاۓ گیتھ شیرٕ گہ لابہ لو

حورہٕ ووٗ نمہٕ ژوٗرہ آزادٕن حال     توٗرہٕ دوٗ پتھ مُشراو یمہٕ خیال
یوٗرسہ پانۍ واتہٕ بے تابو لو
پیتۍ لاۓ گیتھ شیرٕ گہ لابہ لو

# غزل

پیالہ دِتم ژہٕ ساقیو تازہ بتازہ نو بنو
حال ونے بہٕ روبرو تازہ بتازہ نو بنو
پیالہٕ پتہٕ پیہ ماز کھیوم خوٗن جگر ہمیشہ چوم
تازہ سپُن پہ گفتگو تازہ بتازہ نو بنو
پیالہٕ بہٕ یادہٕ کوٗرنس لولہ کہٕ نارہٕ بوٗرنس
شعلہ ہیوٗان چھہ سوبسو تازہ بتازہ نو بنو
عشق منیہ ژرو ونم دِلس گُل چھہٕ بڑمان بُلبُلس

دژاے سأرِی میٚہ آرزو تازہ بتازٕ نو بنو

نارٕ منزٕ ژٕچھمٕ میٚہ نوٗر چیوم ییلہ یہ مَس مۆدوٗر

پوشہ چمن چھہ خوشبو تازہ بتازہ نو بنو

آم پھۆلِتھ یہ لولہ باغ تازٕ میٚہ سپنمٕ دماغ

ناز کران چھہٕ ناز بو تازہ بتازہ نو بنو

مارٕ منیو ژٕ اُتی روز پاس خودا زٕ کِتھ بوز

یٚون فراق بٕ ژالہ نو تازہ بتازہ نو بنو

میم دہانہ سیم تَن بوسہ کران چھی دٕتَن

توسہ بٕران چھہ خوبرو تازہ بتازہ نو بنو

یاوٕ نِکٕے یہ نو بہار زان غنیمت اے نگار

روشِہ ژٕ پوش چھاو تو تازہ بتازہ نو بنو

آزادٕ و غزل ژٕ وَن پاک تھۆوِتھ یہ تن تہٕ من

ادٕ لبکھ ژٕ آبرو تازہ بتازہ نو بنو

# غزل

عشقن کوٚرٕم بیداد ہے | فرٔیاد ہے فرٔیاد ہے
کُر تمۍ لُتی امداد ہے | فرٔیاد ہے فرٔیاد ہے
تس آفتابس کیاہ تٕرٛ رٕ | آتشہ کھوتر تیز تر
گرِتھ وچھ فولاد ہے | فرٔیاد ہے فرٔیاد ہے
شوٚبان چھس کارے تھزر | شمعس تہٕ آسیہ تیٚتھ سیرٕ ر
چھس قد بلند شمشاد ہے | فرٔیاد ہے فرٔیاد ہے
چھس زُلف کاکُل پیٚٹھ روخن | گنجس بہتھ شہمار زن
کافر ستم ایجاد ہے | فرٔیاد ہے فرٔیاد ہے
میم دہن بر برگِ گُل | ییوٚ کھمت بخوان بلبُل
خوشخط یہ کس اُستاد ہے | فرٔیاد ہے فرٔیاد ہے
معشوق میونے دوٗرہ پھول | کس حوٚرہ ستین نٔورہ زوٚل
رُودُس نہٕ آدن یاد ہے | فرٔیاد ہے فرٔیاد ہے

راتس تہٕ دوہس شُرٕ کران          چھس مارہ مُرٕ تنہا مران

وَنہٕ کَس پننی رودداد ہے          فریاد ہے فریاد ہے

مُژراونَس چھوہٕ راوِنَس          مس دِتھ بہٕ افسوس کھیاوِنَس

نی توس مُبارکباد ہے          فریاد ہے فریاد ہے

بے رحم کوتاہ وٕلِہٕ وہیر          حوٗرے میہٕ لوئِن دٔورہ تیر

مارِتھ ژوٗلُم صیاد ہے          فریاد ہے فریاد ہے

یم تیر ہے دِتِنم بُرِتھ          رتم گَے میہٕ جگرس منزٕ ترِتھ

کوٗرمس تہٕ پھیرِتھ واد ہے          فریاد ہے فریاد ہے

پیرن فقیرن بو گَیَس          سادن منتین یادن پییس

شیرینہٕ روو فرہاد ہے          فریاد ہے فریاد ہے

ژاس خارہ چانے درچمن          اِشارہ ہو دِتھ محرمن

آزاد ہے آزاد ہے          فریاد ہے فریاد ہے

عشقن کوٗرُم بیداد ہے

فریاد ہے فریاد ہے

# غزل

بٲلی شہ ہے چھُہ بیوفا میون اَمار کیاہ کرے
سورہٕ وٕہرس محبتس زور تہٕ زار کیاہ کرے

نار بیتھس ہیتھ تن منس وار تہٕ چھُس نہٕ وکنہٕ نس
نالہٕ دِنس تہٕ ویتھہ کھیٚنس وَنتہٕ شہ عار کیاہ کرے

ناز چھِہ وارہٕ منز چلن تازہ گُلن تہٕ سُنبلن
یارہٕ وَنن تہٕ راٮ۪لن پوٚہ تہٕ ہار کیاہ کرے

نیرہٕ بہٕ سینہٕ داٲری داٲری زندہٕ بہٕ پان ماٲری ماٲری
تیرِ کمان چاٲری چاٲری میر شکار کیاہ کرے

پوشہٕ چمن چھِہ در خُمار بادِ صبا چھُہ بے قرار
نیٚندرہٕ ہیتھن اندر بیدار آخر کار کیاہ کرے

آزادُن یہٕ ہولہ تب بٲلی ہُران چھُہ روز و شب
زانہٕ خودا یہٕ تشنہ لب لولہ بمار کیاہ کرے

لہ ابن مہجور صاحب کا مشکور ہوں جنہوں نے اس غزل کی ایک قلمی نقل آزاد کے ہاتھ کی راقم کو دکھائی۔ اس نقل میں ایک شعر کا اضافہ ہے اور مقطع بھی مختلف ہے۔ ملاحظہ ہو:

سپینہ سپر تھوس نیار پایہ بڈس چھ اختیار
مارے برباہ کریا شکار شہسوار کیاہ کرے

تازہ غزل پران پران آزاد آسہ دین بران
شادی غمن اندر کران چھس نہ قرار کیاہ کرے
(گنجو)

# غزل

مسول یہ کرنس ضایہ بلبل مایہ وُلِتھ گوم — خمارہ ہرشے آرہ کرشے نیندرہ تلتھ گوم

زاگی زاگی آم جاسوس لاگتھ ملک دلس منز — دم دار بازی گار کم کم فتنہ تلتھ گوم

چھم برگہ ترس تس بالہ پانس ورگہ واوک زار — بے عار گوڈ ٹیول یار وینچھے یارہ تھلتھ گوم

کمہ شوقہ آسس منز کران کیاہ ہتام ژیتس پیوم — بے تاب اوش بادام چشمن سوہ مہ چھلتھ گوم

پیلہ بخت اوشم یاسمن آم شورہ زمینس — گنڈ کر دزام اتھ کنہ نگہ وارہ قسمت یام ہلتھ گوم

تس آسہ فراموش گومت بائی پادتس یاد — تنہ چھس بہ پیتمی حالہ سہ ینہ زالہ دلتھ گوم

ماران چھُم آزادُن آزایہ محبت

ہیے ہاے شہ دیوانہ کمن سِتہ ژٕلِتھ گوم

# غزل

اَن تہٕ مالِیُن ساتھاہ یاد وٕنیسے — تنٛبہٕ لیوٗمُت دِل گژھِہ شاد وٕنیسے

نٕرہ نوزُک واٗرِ ووٕرہ گرٕہ لوٗسُم — روز میانٛی بوز فری یاد وٕنیسے

ژوٗلمہٕ یاوُن ترٛاوِتھ ہاوِتھ غم — بوٗری پھیرِ نا لایس ناد وٕنیسے

تایہٕ تیٖلہٕ آیس مالا مال — جایہٕ پنٛنہٕ آسِس شاد وٕنیسے

چھُنہٕ باٗلی کاٗلی نوشِہ ہُند لول — ہَشہٕ تہٕ زاٗم روزان یاد وٕنیسے

چھَیتھ لوٚلچہٕ ہیہٕ گوم اَرِی نہ رنگ — قدمیہٕ ادُّم سروِ آزاد وٕنیسے

ہایہٕ کَرِ نَم شوٗبہ وِرِنہ گژایہ سپتی — نیل جامہ تہٕ اَندری لاد وٕنیسے

کعہ چھ اندر رُچھنہٕ آمرٕژ بال — ژالہ کوتاہ گوم بیداد وٕنیسے

چھُم میٚیہٕ ہاوس باوس اَندرِم داگ — ژوٗٹھ یاوُن پاوس یاد وٕنیسے

ہُمرِ نوٚمتم نیندری ہُمرِ سوندری — بار صاحبس کرہٕ فری یاد وٕنیسے

باز پیٖہ نا سدرٕ آزاد وٕنیسی یے

وزٕھ واگلنجہٕ لایس نا دوٕنیسی یے

# غزل

روزٕ تہٕ بوٚمبرٕ ییٚمبرزٕل کرٕتھس ہا پیٖہ یتہٕ ضا یے

وٕچھان وٕچھان لیٖہ چھم لوسان کیاہ تنا گُنیٖہ پیٖہ نا یے

بے عار لاگنس زور واز کزا گنس ونہٕ کیاہ ویٖنہٕ گوم ببرے

ہیٖہ پان ہینہ آم منز گنڈی زالن کرٕی توم معہ کلن پا یے

تا ریتھ لولہ شہلا بس ژھاران سوندرمال چھندریس

نٕدہ بون یاوٕن پوشہٕ پھوٚرت زٕن انھ منزہ پیوم ہے ہا یے

سینس منز چھس تیر چاگٕنی للہٕ وان وٕدہٕ نامیر شکارو

جگرکہٕ خونہ سیتو رٕچھو رٕچھو تھاوٕم دِلہ کین پردن ژھا یے

شین زٕن نٕگا جتھس جوین ہا لاگ جتھس ہا نزلہٕ الکتابہٕ ووٕ

پانس او مے وٕچھنگ ہا دس پننہ نے ژھایہٕ تہٕ گرٕا یے

کوٗت کال چاٗنس مُصحِف رویس بال وُچھ دوٗرے دوٗرے

لوٚلہِ منز ہیمہٕ ہٕن تن مَن ناوٕتھ پرہ ہس لویکھ آبے

کاگی ہیم بوزن واٗلی بوزن آزادُن افسانہٕ

دُشمن آسن دوستن تہندٕ دیوان کمہ دیکھلاے

## غزل

بے دردہ مدنوارہ وٕلو دردٕ سیے بوز

اُتی روزٕ تہ یہٕ مییون سوزِ جگر تازہ لییے بوز

میٕہ یارہ دوہے زار وُنی وُنی پارہ پارہ گام

بے عار لو گُتھ کیاہ وَنے دِلدارہ بیتیے بوز

بوٗزتھ ژٕ یہٕ میانی آدہ نکے لولہ ترانہٕ

ووہ نی کیاہ بہٕ وَنے میانہٕ ییمہٕ دیوانگیے بوز

کیاہ زانہٕ بُلبُل میانہٕ دِلک حال تہٕ روٗداد

میانی لولہٕ ستم نِشہ گُلالن تہٕ ہیمیے بوز

دارسس کھسن نارہ دزُن زندہ مرُن کیاہ

امہِ کھوہتہ مشکل زِندہ نے ہِنزہ زندگئ بوز

شمشیرہ دارُو پیٹھو چھہ پکان بارہ ہیتھ کوہسار

ہم کار سنگین عاشقن ہِنزہ عاشقیے بوز

آزادہ امہِ حبابہ دردِ کہِ آب گژھ فولاد

تمہِ کھوتہ سنگین دِل تہِ دِلک پردہ چھیے بوز

## غزل

وتیسرِ یس شہ لالہ کرِ یم غوصہ ملالہ تراوِہ ہا

چاوہ تہندِ یاونکو پوشہ چمن بہ چھاوہ ہا

مشک ملیتھ یہ پوشہ تن روشہ تھوس بہ آیتن

ویرہ تہنزِ ہیرہ بون پرنگ تہ پلنگ سجاوہ ہا

رحم تہ عار ماپیس وعدہ پنن ژیتس پییس

آدہنکی سیتھاہ سوخن یاد تہمس بہ پاوہ ہا

چھم مینہ دِلَس یہ خارہٕ خار باغ اندر نمن سۄ یار

حُسنہ بہار کٔ بہار پوشہٕ ھترین بہٕ ھاوہٕ ہا

ینہٕ ژۄلُم سۄ جانِ جان وُزملہٕ کران کران

تنہٕ پیٹھ قرارہٕ سان زانھہ تہٕ آرام ترٛاوہٕ ہا

یا چھُہ یہٕ پھل محبتُک نتہٕ قصور قسمتُک

لۄکہ ہندے ملامتُک کیاہ زہٕ ملالہٕ ھاوہٕ ہا

آزادہٕ نی غزل چھہ زٕن دردٕچہ وارہٕ ہندی چمن

بالی دِلس تسندی سۄ خٔت وارہٕ لیکھت بہٕ ھاوہٕ ہا

## غزل

امارے چانہٕ گونڈ نمہ جوش — ودہٕ لو موروش بہ مارٔ پان

ژٕ چھکھ میانین سرٔن سرپوش — ودہٕ لو موروش بہٕ مارٔ پان

وَندٔ ییمہٕ شرٛی پانکُ نشتر — بہٕ للہٕ وَتھ لالہٕ دپٕدن منز

شو بچھہ ژٕ اُتھ ڈلس پموش — ودہٕ لو موروش بہ مارٔ پان

ژوٗ گوٗمت ناوٕ سأٹن مست  ژیٚہ پٔراران پیالہ ہیتھ در دست
نشاطکو شالہ مارکی پوٗش  ولو موروش بہٕ مارٕے پان
پیہ بدنگ جوش تہٕ اندریوم زر  یہ چھم دِلدارٕ چونے شر
گکن ہشنزٕ پامہٕ چون خاموش  ووہ لو موروش بہٕ مارٕے پان
بہٕ کیاہ ہاوٕے قبیلہ تہٕ کرژن  ژیتس پاو یارٕ یاوُن ریون
لگے یاٗری کمیک پچھے بوش  ووہ لو موروش بہٕ مارٕے پان
پیتس پتھ حزب چھکھ لایان  یہ میون سنطوٗرہ دل وایان
پتھ پٔردن اندر روپوش  ولو موروش بہٕ مارٕے پان
یوٗہے چھا بلبل آزاد  چھکیس منز لولہ باغس شاد
یوان ہوشس گژھان بے ہوش  ولو موروش بہٕ مارٕے پان

امارٕے چانہٕ گونڈنم جوش
ولو موروش بہٕ مارٕے پان

# غزل

سنہٕ دُن سنطوٗرینہ بوزم یے  تتہٕ زونم یے پننٕ نے پان
سوزہٕ دِل عالم بوذہ نووُم یے  تتہٕ زونم یے پننٕ نے پان

سوز و گدازُک خوٗان پوٗرُم یے      صبرُک سر پوش تھوٗوُمس لٹھان

صاحب دِلہ رِنے اَتھہ کھیوٗوُم یے      تنہٕ زونُم یے پننہٕ سٕنے پان

تِل یا تالکُ ساحل کوٗرُم نیے      سعہٕ نہٕ دار اوسُم رعہ نہٕ سامان

پاکباز ئیندرازہ پتہٕ وولُم یے      تنہٕ زونُم یے پننہٕ سٕنے پان

شیوِ تَس یارہ سُندوارہ زونُم یے      سُہ چھُہ بے پروا نا اِنسان

سُے چھُہ میون آدَن سُے میہ آرِدُم یے      تنہٕ زونُم یے پننہٕ سٕنے پان

مہتاب روین سیتی وُچھُم یے      آفتاب صوٗرت گاہ ژادان

چشمہ تھوٗدُ تلنکُ تاب کتہٕ چھُم یے      تنہٕ زونُم یے پننہٕ سٕنے پان

میرِ شیکارَن تیر لوٗیُم یے      جائے گُر شوٗ بس تُرکستان

تنہِ مُژ راوِتھ سینہ دورُم یے      تنہٕ زونُم یے پننہٕ سٕنے پان

آتشِ کھعہ تہٕ گرم ڈیوٗٹھُم یے      خشمہ ہوٗت مخمور عالی شان

محشرُک اعتقاد از میہ بوٗٹھُم یے      تنہٕ زونُم یے پننہٕ سٕنے پان

غارَ زان لاگی لاگی دوٗرہ بوٗٹھُم یے      زاگی زاگی لاینم تیرِ مژگان

بُسہ بُسہ گوٗمت بدنس چھُم یے      تنہٕ زونُم یے پننہٕ سٕنے پان

کُفرس تہٕ دینس کینہہ نہٕ وچھم ییے فتنہٕ مٕتہ سرس چھُنہٕ شایان

تورہٕ کنہٕ رویس نورٕ مینہ لٔقاوم ییے تنہٕ زونم ییے پننہٕ سنیٔ پان

یَنہٕ آزادٕن سوز بوزُم ییے تنہ چھس ییہ ہندی پاٹھونالان

پوشنوٗل بولبوشس ہیچھنووُم ییے

تنہٕ زونم ییے پننہٕ نُے پان

# غزل

لولہٕ ژٔورومیون دل ژٕ ہے جان ژٕ ہے جانانہٕ ژٕ ہے

اشنا ژٕ ہے بیوفا ژٕ ہے یار ژٕ ہے یارانہ ژٕ ہے

یاونک دیوانہ ہاوس شرُی پانک مٔوٗرہ نار

فتنہ رٕ ہے بازار چوٗ ہے قصہ تہٕ افسانہٕ ژٕ ہے

آرہٕ وَلنِی خارہ چانے پارہ پارہ گے جگر

نارہ عشقنہٕ بُلبُلن ہندی دل کران پریانہ ژٕ ہے

راز باوان سوز چونے سازہ کُن پردن اندر

پردہ ژٕ ہے آواز چانٕی ساز ژٕ ہے سامانہ ژٕ ہے

کَس وَنَن احوالِ دِل یِم زالہٕ لگو رتھ جانوار

والہ واشہ نہ زال چونٕے والہ برٕ ژٕ ہے دانہ ژٕ ہے

جیرِ چانے شیرِ دِل نیران مأدانَن اندر

راج ژٕ ہے تاراج ژٕ ہے زنجیر ژٕ ہے زولانہ ژٕ ہے

کیاہ چھُ فرقان کیاہ چھ گیتا کیاہ چھُ پوزا کیاہ نماز

دھرم تہٕ اسلام چونٕے کعبہ تہٕ بتخانہ ژٕ ہے

گاٹہ پاوان گاٹلین چونٕے یہ سودا دِتھ فریب

عاشقن ہندِس جنونس دولتک سامانہ ژٕ ہے

ولولا سوزُک گُلان آزاد نٕس سینس اندر

گاہ نیران پردہ تھوٗ ہے گاہ یوان نشوانہ ژٕ ہے

منگل وار ۸ اسوج ۱۹۹۵ب

## غزل

دہ اکس بارغ میون آو پر جوشس    یوشہ منہ لالہ چھاو اچھیم پوشس

باغ میون نُندہ بون ساز کُریر کُریر — کستوٗری نافہ سیتی گوڈ بری بری

کوہ ہیتو سُنبل پھولیہ ورنی پوش — پوشہ متہ لالو چھاو اچھ پوش

باغس میانس پھلیاہ جان — غم چھم دمہ دمہ کم چھاوان

سنگدل بے عار سادہ منوش — پوشہ متہ لالو چھاو اچھ پوش

بُلبُل تہ گُل چھینہ پانہ وانی دوٗر — دوہ نوٗنی پھوٗرمت عشقن زوٗر

بُلبُل نالان گُل خاموش — پوشہ متہ لالو چھاو اچھ پوش

یاد چھم دوہہ اکہ باغ ییلہ ژاکھ — پوشہ دیُت گریبانہ چاک

اسہ ورنہ مسولہ گیہ بے ہوش — پوشہ متہ لالو چھاو اچھ پوش

چھکنہ باغوانس باغک منز — ہینہ آسے کستوٗری کاوکن منز

ضنا یہ گوو بُلبُلن مُہند بولبوش — پوشہ متہ لالو چھاو اچھ پوش

تیر چھم لایان تیر انداز — خاموش لاگان محرم راز

سپرس کیتھ پاٹھی روزہ سرپوش — پوشہ متہ لالو چھاو اچھ پوش

زُلفن ژھایہ روٗدی ییم دوٗرہ پھلو — گرایہ اکہ حوٗرن دِل ہینہ ژلی

ستون دِتھ ستھ زوٗز ہینیھٹو روٗدوش — پوشہ متہ لالو چھاو اچھ پوش

آزاد یارٕن ہُنٛد غم خار نازنینن ہُنٛد ناز بردار

کنڈِنٛے منٛز پھولان مشکدار پوشہ متہِ لالو چھاو اچھہ پوش

● ۱۲½ بجے رات، ۱۱ ماگھ ۱۹۹۹ بکرمی

ؔ مطبوعہ کلام میں اس شعر کو کسی وجہ سے نظرانداز کیا گیا تھا۔ (گنجو)

## غزل

لولہٕ کِس باغس پیوٚ جمژہٕ ٹھَرِ چھَم

شادٕی سوٗندرہٕ چھَم واتیٚم یار

دولان بلبُل بیٚیہِ رنگہٕ ژرہ چھَم

شادٕی سوٗندرہٕ چھَم واتیٚم یار

ترٛپان داٗلنٛج گرہ کھوٗتہٕ گرہ چھَم

تس ما ڈالیٚم کانٛہہ باٗزی گار

ٹھَرِ ٹھَرِ پانس میٚیہ سیاہ سرِ چھَم

شادٕی سوٗندرہٕ چھَم واتیٚم یار

ہیہ نَن گاٗمژ لولہٕ بانبرٕہ چھَم
نالہٕ مَتہٕ رَٹہٕ ہَن لالہٕ روٗخسار

توٗشان کاٗژاہ پیمہٕ پوشہٕ نرٕہ چھَم
شاگٕدی سعندرٕہ چھَم واتیٖم یار

پوش و ٹھراوِتھ بالا درٕہ چھَم
روشہٕ روشہٕ پیہٕ ناخوٗش رفتار

پژنگ پاٗراوِتھ کمہٕ رنگہ لرٕہ چھَم
شاگٕدی سعندرٕہ چھَم واتیٖم یار

نازنیٖن پانس پیمہٕ سازہٕ گرٕہ چھَم
پاٗران واٗلی کَن ساٗلی سینگار

دوٗرن چژنہٕ ژاٗلی واٗنکن ٹھرٕہ چھَم
شاگٕدی سعندرٕہ چھَم واتیٖم یار

رنگہٕ بلبلہ سے پھِچھ مژہٕ برٕہ چھَم
سنگ دِل سینٕم آدنگ یار

کتھ آزادِ نہٕ یاد گرِہ گرِہ چھم
شادٕری سعہ ندرِہ چھم دانیم یار

## غزل ۵

بوٗمبرو یمبرزل بنیندرہ وزہ ناوٕتھس
پوشہٕ مَتہٕ ہوشہٕ وٕیسہ راوٕتھس بال

دوہ تارہٕ وُز ملہٕ داو کرناوٕتھس
یاونہٕ مَسہ چھوہٕ راوٕتھس بال

وَتھنہٕ رٕبہٕ خاکس سیتی ملناوٕتھس
پوشہٕ مَتہٕ ہوشہٕ وٕیسہ راوٕتھس بال

نازنین یانس ساز کرہٕ ناوٕتھس
حیلہٕ گرہٕ وتہ وچھناوٕتھس بال

ژھہ نہٕ ونی پہرن بیدار تھاوٕتھس
پوشہٕ مَتہٕ ہوشہٕ وٕیسہ راوٕتھس بال

مالِنیٚ کراۓنس نشہ راوہ راوٕتھس
وارٕ ہٕ وین منزٕ ہرٕ دشتہٕ راوٕتھس بال

آرہٕ کرِتھ کرہٕ کیاہ ژیتہٕ بیلہٕ تراوٕتھس
پوشہ مَتہٕ ہوشہٕ وٕیسہ راوٕتھس بال

ولہٕ کینہ جامٕن چونہٕ حجرہٕ ناوٕتھس
شوقہٕ سان کھاسی برہٕ ناوٕتھس بال

تُرین بوٗمبرن اتھہٕ بچھہٕ ناوٕتھس
پوشہٕ مَتہٕ ہوشہٕ وٕیسہ راوٕتھس بال

پانہٕ رفتنکی پاٗٹھو وُزہٕ ناوٕتھس
پانہٕ منزٕ مارکھن تراوٕتھس بال

۹ تھ شہ

مارہٕ مُترٕ پانَے کوٗنٕہ اَنٕز راوُتھس

پوشہٕ مُترٕ ہوشہٕ وَیسہ راوُتھس بال

لہ غزل پر شاعر کی نظر ثانی نہیں ہوئی ہے۔ معلوم ہوتا ہے شاعر نے غزل کو ادھورا چھوڑا ہے۔ (گنجوٗ)

## غزل[1]

لولہ رستیو لولہ زر چھُم کیاہ وَنَے | خارہٕ چونَے در جگر چھُم کیاہ وَنَے

گوش
سُے ہَوَس چھُم یِتھنہٕ زانہہ تھوٗتھمٕ زِنہٕ | سُے محبت، سُے اثر چھُم کیاہ وَنَے

کیاہ میٚہ نیرِتھ حالِ دِل وننک اثر | بالہٕ سوٗرُے در نظر چھُم کیاہ وَنَے

لہ غزل کو نامکمل چھوڑا گیا ہے۔ (گنجوٗ)

## غزل

آرہٕ کتہٕ لوٗبان چھُکھہ ژٕہٕ افسرٕ یے | شرٔاب ہا چھےٚ برادرٕ یے یِیتو

چارہٕ کر پننہ سُے ژھار بہترٕ یے | شرٔاب ہا چھےٚ برادرٕ یے یِیتو

پرزہ نے لرزہٕ ییم غرضکھ ٹھُرِ یمے — کاسان چھکھ ستم گرٕیمے ستو

کٲت کال نیرہٕ اتھ چانہٕ بازیگرِ یمے — شوٗب ہا چھےٚ برادرِ یمے ستو

ییمہ بوزہ سرہ کے تارہٕ ییم ترِ یمے — دردہٕ تہٕ لولہٕ دلبرِ یمے ستو

پیٹھ روزہٕ تھہنرِ بے ناماورِ یمے — شوٗب ہا چھےٚ برادرِ یمے ستو

سرِ تلہٕ چھکھ تھوان چانہٕ جورِ جورِ یمے — عطہٕ ملہٕ مایہ تہٕ زرِ یمے ستو

حاف ژٔینتہٕ چانہٕ اتھ کارِ گرِ یمے — شوٗب ہا چھےٚ برادرِ یمے ستو

ویسہ ران کوہ تہٕ بال اُسی ڈٲری دارِ یمے — دوہ ہہ اکہ چانہٕ بہودرِ یمے ستو

شاف دِتھ تھووُکھ کمیو جودگرِ یمے — شوٗب ہا چھےٚ برادرِ یمے ستو

ژاٹہٕ ہالہ سپنی زان پرِی پرِ یمے — گاٹلین ہنزہٕ رہبرِ یمے ستو

لولہ ستو کاس ییم زانہٕ نکہ ٹھرِ یمے — شوٗب ہا چھےٚ برادرِ یمے ستو

زندگی سنبہ لاو رِندہٕ مرِ کرِ مرِ یمے — دِل تھوٗن خوش دِلاورِ یمے ستو

عائشہ موت لاگن چھا بہودرِ یمے — شوٗب ہا چھےٚ برادرِ یمے ستو

تھاو آزادن ناماورِ یمے — دردہٕ چھ آدم گرِ یمے ستو

کیتہٕ گوٚز لاگن چھا سہ خن ورِ یمے — شوٗب ہا چھےٚ برادرِ یمے ستو

# غزل

میَہ ہا چاۓنی لولہِ تیر آسے مَدنو　　دۄرہ رٕکی نیزہ مولاسے مَدنو

دیدَن مٔشرٕ کرَسے جاسے مَدنو　　زانٕہہ تہٕ نو سورٕیم چاۓنی ماسے مَدنو

للہِ وَان یہِ لولہ نار ٹکَہ کمہٕ مَدَن وار　　کاشہِ ہمند تہٕ پچھے نہٕ پرواسے مَدنو

بوٚ مبرٕ نہٕ خارہٕ ژراکھ لولرِ کرِتھ خاب　　ہی مالہِ لو گُتھ ناۓگراسے مَدنو

چھُم خارہٕ خارہٕ وُچھ ہا دو بارد　　دۄرہ دۄرہ چاۓنی یہِ دۄرہ گراسے مَدنو

لولہِ نارہٕ برٕتھس آوارہ گرٕتھس　　خارہ کیاہ رودُسے ہیَ ہاسے مَدنو

تھوُتھ نہ زانٕہہ تہٕ کن آزادٕ بنِتھن　　اُمہِ حالہِ کیاہ چھِہ میون پاسے مَدنو

# غزل

"میَہ ہا چاۓنی لولہِ تیر آسے مَدنو　　دۄرہ رٕکی نیزہٕ مولاسے مَدنو"

"دیدَن مٔشرٕ کرَسے جاسے مَدنو　　زانٕہہ تہٕ نو سورٕیم چاۓنی ماسے مَدنو"

بوٚ مبورٕ لاۓگِتھ لولرِ آگھ　　بلبُل لاۓگِتھ باغَن ژاگھ

"ہی مالہ نو گُتھ نائگی راے مَدنو" زانِہ تہٕ نو سورٕ یم چایُنی ماے مدنو

آفتابکو یاُ ٹھو چھکھ تابان ژھاے چائنی عالمس پرزہٕ لادان

تون تارکھ ژھیپن ژلے مَدنو زانہہ تہٕ نو سورٕ یم چائنی ماے مدنو

باغ چھاونہٕ دزاکھ سیتی یارَن مُشکہٕ دار پھیپرکی گُل زارَن

ژُمہ ژُمہ پوشن گمہٕ آسے مَدنو زانہہ تہٕ نو سورٕ یم چائنی ماے مٕ

یاسمن اَچھ پوشس یمبرزَل بُلکہٕ ٹوٹری ارغوان بیتیہٕ مَسوَل

شوقہٕ چانے پھلتھ آسے مَدنو زانہہ تہٕ نو سورٕ یم چائنی ماے مدنو

یم چائنی رمزہٕ تہٕ اشارہٕ جگرس چھم کران پارہٕ پارہٕ

اَمہٕ کھعہٕ تہٕ کرہٕ تلہٕ واسے مَدنو زانہہ تہٕ نو سورٕ یم چائنی ماے مدنو

کتہٕ آئس قبیلس روزِم کتھ شہرن تہٕ گامن گیہٕ شعہرتھ

پامن تھاوتھ تھم جاسے مَدنو زانہہ تہٕ نو سورٕ یم چائنی ماے مَدنو

چونے سوزنہٕ چونے ساز منزٕ خاص و عامن گیہٕ آواز

آزادنی غزل دزاسے مَدنو

زانہہ تہٕ نو سوریم چائنی ماے مدنو

# غزل

گُرُدیہ بلبلس نِشس نھاوُن حجاب شوٗبیا

یُس لولہِ چایہِ توٗشان سِے درعذاب شوٗبیا

بے دردہِ باٗزی گارہٕ زوٗلُتھ بدن میہ وارٕ

اَمہِ خشمہ تیٚ خُمارہٕ سورٕ جن جواب شوٗبیا

کہِ شوقہ پھس کران سنتر زانتہ ہرکہ نہ ہے اَمیک مُنز

لاگُن محبتس منز یُتھ بے حساب شوٗبیا

تہٕ اَوِتھ تُوٗلم سہ کستوٗریاوُن لھرےٚ تُلِتھ ویٗو

پزہٕ ہے نظر کرِنی دوٗر یوٗت اضطراب شوٗبیا

ورنہِ کیٛاہ ہمن تہٕ چشمن نازک ادا کرشمن

یرکعبہ ممبرن بیٚیٹھ دوٗرٕ شراب شوٗبیا

تس شوٗبہِ حال باوُن یُس زانہِ دوس راوُن

بے سوٗد راوِہ راوُن پننہِ سِے حباب شوٗبیا

یُس ژالِہ غم تہٕ بیداد، تَس کرِ٘ چھ شأدی تھوٚ یاد
آزادٕ روز دِلشاد لاگُن بے تاب شوٗبیا

## غزل

بے وایہِ ترٛ وٚنکھ ترٛاؤِتھ نأگرایہِ میہٕ ہی مالے
آوارٕ کرِتھ گوہم ہا چارٕ کرَن والے

وُنہٕ چھم نہٕ بلان ترِم آکھ، بییہِ نازٕ خنجرٕہیتھ آکھ
وُچھ دارٕ میہٕ کُن کوٚت ڈراکھ آوارٕ کرن والے

جانانہٕ لگےٚ پأری منتہٕ تُل تہٕ چھکن کرٛأری
مےٚ زانہٕ یہٕ بیمأری یُس غم تہٕ ستم ژالے

نیرِتھ ژٕ گرٛ ھان پانَس ہیرِنہٕ پرٛیشانَس
مستوٚرِ میہٕ شرٛمہٕ پانَس بیگانہٕ گِندان ہالے

غمہٕ چانہٕ بہٕ دیوانہٕ، ژٕیہٕ نہٕ میون ہوٚس دانہٕ
راہ پھٕچھےٚ نہٕ ژٕیہٕ جانانہٕ چھُم بالِہ ینِن تالے

رُم چاےٚ ونان وارِہ ازچھےُ نہ سہ دِل یارہ

کوٚہ زانہٕ دِیتےٚ خارِہ کمہٕ تازِہ سوہندر مالے

آزادؔ ونان یارس چھُنہٕ یورِہ گِندان زارس

"ییٚلہِ شورہ وُچھان نارس دزِہ پانہٕ بیٚین زالے"

لے غزل پر نظر ثانی نہیں ہوئی ہے۔ (گنجو)

# غزلؔ

عاشق پوٚختہ کار یوٚد یارِہ سِنزےٚ رضا کرے

پوٚشہٕ وُنیٚن گگن اندر عاشق تہٕ عشر بقاہ کرے

جامہٕ وٕرلتھ محبتُکی گنڈٕ تہٕ کمر زِہ ہمتٕک

کیاہ چھُہ مجال قوتٕ رتٕک جانہٕ کھوتہٕ سہ کیاہ کرے

عرش تہٕ فرش کوہ تہٕ بال سوزہ یقینہ کےٚ زہٕ زال

یُتھ سہ خوٚدائے ذوالجلال جانہٕ دِلٕک رضا کرے

لولہ کمند ہیتھ ژٕ ہیر زیر کرٕکھ گزندٕ شیر
پامہٕ دِوان چھ تس دلیریُس نہ یہٕ حق ادا کرے

پیر اُمیر نوجوان اکھ چھُ بیٚیس جگر کھیوان
وارٕ مینہ چھم نہٕ یٔژھ پیوان پادٕ ہمن خدا کرے

حُسن چھُ طفلِ شیرخوار لاگ ژٕ ہینا پختہ کار
وُچھتہٕ سہ یار گلعذار پان ژٕ یہٕ یتھ فدا کرے

آزادس چھُ کاروبار سوزِ جگر تہٕ لولہ نار
بِلکہ تہٕ گژادٕ دِلہ زار تارٕ گومُت گدا کرے

•

لہ غزل پر نظرِ ثانی نہیں ہوئی ہے ۲ہ علامہ اقبال کا یہ شعر بھی ملاحظہ ہو ؎

خودی کو کر بلند اتنا کہ ہر تقدیر سے پہلے
خدا بندے سے خود پوچھے بتا تیری رضا کیا ہے

(گنجو)

# لِ

دیوانہ کرِتھ سُہ پانہ کوٗتوٗ گوٗم — گُل روے سُہ گُلستانہ کوٗتوٗ گوٗم

چھم یاد پیٚوٚن دِلس یُنہٕ — کیٛاہ سَنہٕ سُہ دوستانہ کوٗتوٗ گوٗم

ساقی و صُراحی و مے و جام — غوغاے شراب خانہ کوٗتوٗ گوٗم

آسِس بہٕ کیتے پرِند آزاد — ہیے ہاے سُہ آشیانہ کوٗتوٗ گوٗم

از تابِ فِراق میٚہ دوٗدُم دِل — کُس وَنہٕ سُہ سائبانہٕ کوٗتوٗ گوٗم

سُنہ ژھوٗر منکُ کنگ سوٗنکُ دوٗر — آرام جہاں سُہ پانہٕ کوٗتوٗ گوٗم

گوٗ وٕتَ سُنہ رِتھ چوٗ گُل پیٚژِتھ گوٗم — خوٗش بادِ صبا روانہ کوٗتوٗ گوٗم

اے بادِ صبا شبانہ گرٕ ھک نا

حضرتؔ نی وَنہ ہس فسانہٕ کوٗتوٗ گوٗم (ابتدائی مشق)

حضرتؔ ابتدا میں احسن تخلص تھا۔ (گنجوبد)

# غزل

مَس چیٚتھ گیٚس مستانہ ہے دیوانہ ہے

چوم عشقُنہ سے خانہٕ ہے، پیمانہٕ ہے بیمانہ ہے

دِل از جنوٗن تھوٗو نم بٔریتھ جاے نصیحت آوریتھ

چھُس زندہ اُسیتھ یا مٔریتھ دیوانہٕ ہے دیوانہ ہے

پے ژھارہ تمۍ ہیے دِلبرس پرٛیتھ جایہ پیتھ ظاہر کرس

اُمر خور ژھُس منز محشرس داماںٕ ہے داماںٕ ہے

دیدو ییمو وُچھ بۄ نگاریس دل سپُن نہ کامگار

از وصلِ جانان کیاہ بکار آساںٕ ہے آساںٕ ہے

احدس ہیوٗن غنچہ دِلن گو کیاہ قُلفہ لگِو دوکن

شاید یہ گُل زانتھ نو چھُو لَن بُتانٕ ہے بُتانٕ ہے

ابتدائی مشق کا نتیجہ ہے۔ (گنجو)

## غزل

کس وَنہٕ ژۄلم بالہ یار ہے ویسیے تھوٗو تم للہ وٗن نار ہے ویسی یے

ابرو چیاٗریتھ رمزہٕ تیر داٗریتھ چشمن سخت خمار ہے ویسی یے

سُبحان اللہ سُبحان اللہ بینی خنجو دار ہے ویسی یے

اَن تتَنی سالہٕ سیتی میانہٕ لالہٕ    وَتھرس مشکِ تاتارہے ویسو یے
رۆٹمس دامَن لاگجِنس پامَن    سپنم تٔند گفتار ہے ویسو یے
زونم نہٕ زانہٕ نتھہ گُفتار تمو تٔند    لہ کہٕ چار چھے تلہٕ نار ہے ویسو یے
بے دردہ وُچھو تَس نازنینس    ہیاٗ نیوٗ اُچھوانہار ہے ویسو یے
کوٗرنم تمو بازی گارن یارن    اقرارس انکار ہے ویسو یے
تن من زالن شب و روز نالن    آخرس تھاوی تم کار ہے ویسو یے

(ابتدائی مشق)

# غزل

دوٗر ہو ہیم ہا دوٗرہٕ ففلے    وہ لا للہٕ وَتھ لہ لہٕ منز بلے
ژٕہی میہٕ آدن ژٕہی میہٕ گدا    ژٕہی میہٕ ہاوس ژٕبیتے پتھہ بہٕ فدا
غارہٕ چوٗنے چشم آرہٕ وہلے    وہ لا للہٕ وَتھ لہ لہٕ منز بلے
حیانہٕ فراقہٕ وَدَن وَدَن    نوٗ نہٕ پھلک پاٹھی گوٗل میہٕ بدن
گوم جعفری پوش رنگہٕ و نلے    وہ لا للہٕ وَتھ لہ لہٕ منز بلے
ونتہٕ میہٕ کر وَنتھ ہیوٗسہ گرہ    وعدہ کیاہ اوسی رانسہٕ آدن گئے

تس تہٕ پوٗر یایُس وعدٕ ڈبیے — وہ لا للہٕ وَتھ لوٗلہٕ منز لے

ینہٕ ژرِ یہ سپتو سودا کوٗرُم — چھُم نہ خبر کیشاہ کیشاہ میٚہ توٗلُم

کیشاہ میٚہ ہوٗرُم کیشاہ ہیوٗم ہیٚچھے — وہ لا للہٕ وَتھ لوٗلہٕ منز لے

چھُم نہ ہوس بوہ نی منٹہٕ ہیٚتم — میٚہ چھِہ فریب چائی لولہٕ ستم

میانہٕ کھوتہٕ لال کمُی لوٗسے — وہ لا للہٕ وَتھ لوٗلہٕ منز لے

چھک ژہ مارہِ مارِ بییہِ زندہ کران — یہ نہ تیمکِ پیدا اے بران

زورہٕ والین یور کیشاہ چھلے — وہ لا للہٕ وَتھ لوٗلہٕ منز لے

از چھُہ آزاد منز دردہٕ نیے — بییہٕ کران دیوانہ بَرگیے

ژانہٕ خودا کیشاہ فتنہ تُلے

وہ لا للہٕ وَتھ لوٗلہٕ منز لے

(ابتدائی مشق)

## غزل

اَتھہ ماہ رویس گژھہ کران چھمے زُلفہ بیچان یکطرف

گیسو پریشان یک طرف کاکُل اویزان یک طرف

اَندی اَندی روغس زُلفن اندر ساماںہ سنز چھی کیاہ زبر
تارکھ چھ پریزلان یک طرف افتابہ چمکان یک طرف

ہُو یتھ یہ مسجد یا مندر بے خوہ دکُریتھ کم کم گنڈ
پیمتی چھ گردابس اندر از دین و ایمان یک طرف

مارِہ منیو غارِ ییہِ تَمنَے ژلہ ہِن میہ غمُ چاتے ییتے
گوم سینہ بریان یک طرف تن یک، طرف جان یکطرف

پھلوا یہ دل گوم اسے صنم پِسَس میہ لاوان دمبدم
چانی عہد و پیمان یکطرف میانی لولہ اَرمان یکطرف

منز لولہ ماُدانس پھوان شوقکی نہ ذوقکی دَم دِوان
آزادؔ تنہا یک طرف ساری سو خندان یک طرف

(ابتدائی مشق)

# غزل

باد صبا روشہ آوے لُٹیے پوشہ فوتیے وہ تھرادوس
وُزہ نأوی توکھ نیندرے ہُتیے

راتھ مأژم پژاران ییتھ ییے — لوسہٕ نأوِنس کتہٕ سنہٕ اوس

اَتھ بیہِ ہیم تہٕ کرس نالہٕ متھ ییے

نہ چھُم رودپوش نہ چھُم نون لتہٕ ییے — خارہٕ ٹھوٗنم زارہٕ کرٕی نوس

وارہٕ وُچھہ ہن روزہٕ نا ییتھ ییے

سبزارن ہندی بُرگ متھ ییے — موغنچہٕ ہلمہ وارہٕ ہاوی توس

ستارہٕ چھکھ تنبہ لاوِتھ متھ ییے

سارہ ٹھوٗنس کمی مارہٕ متھ ییے — تارہٕ زُلفچہ مُژرِتھ گوس

وارہٕ مُشکنی پھیرِ کیاہ رِتی ییے

پھولراوان باغ عاشہ متھ ییے — توشہ ناوَن دُشمن دوس

اَسہٕ ناون پوش گمہٕ متھ ییے

رُمہٕ رُمہٕ چھس اَہرنے متھ ییے — رنگہٕ رٔومالہٕ واو کرٕی توس

مَس پیالہٕ ما چھس پچے متھ ییے

گُل تہٕ بلبل دژاے متھ متھ ییے — مُشراوِتھ ننگ و ناموس

کیاہ یہٕ پاگام اَنہٕ پوشہٕ متھ ییے

آزاد آدَن زار وُنی مِتر سے یے — مو ذرہ حلقے پرہ ناوو سس

شیہلاوِہ ناسینہ دَدٕ رمِتر یے

(ابتدائی مشق)

# غزل

گُل پھُلی مہ لوِلہ باغس آمے بہار لِتی یے — بُلبُل چھُہ پوشن چھاوان دِل بیقرار لِتی یے

عشقُن حریف جاہِل ازلہ مییہ گوو مقابل — مالکِ تحمل دِل کوٗرنم اوٗجار لِتی یے

پوٗرھ آم عشقُنے غم تھاوُن بسینہ ہر سَم — جگر کی کباب پُردم کَری مس تیار لِتی یے

دِل زوٗ لنم مییہ لولَن شِل نیوم درد ہ قوی تن — غارَن ہندین محولن کیاہ اعتبار لِتی یے

یا عاشقان بے زرا گُسن مہ عالمس منز — یا دِلبر ستمگر دِل ستگ خار لِتی یے

اُنی توٗ غبار دِلبر ٹھوٗرہ ہا بدیدہ تر — آیینۂ سکندر کیشاہ چھُم بکار لِتی یے

چائے رِتھ کمانِ ابرو ماران وُچھ مییہ آہو — بر اسپ ناز ماہ رو دِز اُمت سوار لِتی یے

رو ییس نقاب تھاوُن چھُم یا تتنبہ لاوُن — بے پردہ رُے ہاوُن یارس چھُم یار لِتی یے

ییس پیتھ مییہ رو و آدن پروا تمس نہ ازمن — تمی کافرن مییہ دَدوَن کوٗرنم بہار لِتی یے

کھاے رِتھ شکن جبینہ روٗ ٹھم مییہ سخت کینہ — سیماب زن بسینہ چھُم انتظار لِتی یے

جانباز[۲] آزمائوِتھ نۆن دژاو پردہ ژاوُتھ

یارن دِوَن چھ ہاوِتھ درپردہ کارٕلتی یے

## غزل

بینہٕ مس پیالہ چیتھ سعہ ندرِ ری یے — *کاستم ٹھُرٕ ری یے آس لاچار

پوش وتھراوٕے پوشہٕ گوندرِ ری یے — کاستم ٹھُرٕ ری یے آس لاچار

ہولہ تب چونےٚ گوم اندرِ ری یے — چھُنہٕ نشہ غارن دِنہٕ نس وار

چھوکہ لدعاشقن فرٕیکہ وِنی پھُرٕ ری یے — کاستم ٹھُرٕ ری یے آس لاچار

سائلاب عشقن گوم ہیتھ سٕرٕ ری یے — ذرینٹھ چھُم پِوان سُم نتہٕ تار

آب گوم سٕرٕ ری ہیتھ نار اندرِ ری یے — کاستم ٹھُرٕ ری یے آس لاچار

یاد پیم آدی جوٗنی داوٕرہ ہُرٕ ری یے — بُلبُل باشہٕ تہٕ گُلِ روخسار

---

۱؎ گویا اس قل شعر ملاحظہ ہو "مفلسی اور یہ عاشقانہ مزاج
دینے والے یہ کیا دیا تو نے"

جامی کا یہ شعر "الٰہی زم گردان از کرم دلہاے خوبان را
دگرنہ عشق را نابود کن یا عشق بازان را"

۲؎ اختیار کے بعد جانباز تخلص کچھ دیر کے لئے تھا۔ (گنجہ)

گاہ منز جگرس تیر ترکہ تری یے — کاستم ٹھری یے آس لاچار

دستور و نچی مستورپری یے — کستور مدنس دِتہ دیدار

دردہ ہی لاگے پردہ کرئی کری یے — کاستم ٹھری یے آس لاچار

چائی انہارن تہ سُمبہ خنجری یے — رُمہ رُمہ وولنس زالہ بیمار

دمہ دمہ غصہ تھاوی نم ژھری یے — کاستم ٹھری یے آس لاچار

کرتسی حائلی ماہ پیکر ی یے — بالی کنہ باٹھی انتس عار

ون تسی موددرے کیتھ گری گری یے — کاستم ٹھری یے آس لاچار

سروِ آزادس ناو کری کری یے — آزاد عاشق دِراو بازار

دردس نشہ کیشاہ پردہ تہ ٹھری یے

کاستم ٹھری یے آس لاچار

# غزل

ہی مال دِزائیس دِوان وُنی یے — راجہ ارزُنی یے کوُر نم سوُر

پھیران ڈیوُ ٹھُم کوہ یہ دامنی یے — راجہ ارزُنی یے کوُر نم سوُر

شیرہ بیٹھ سعہ نہ پوش لاگس گنڈیے — زاگ ہیتھ روزس باغ مستوٗر

ویرہ موت ژھارن ہیرہ تر بوزنیے — راجہ ارزٕنی یے کوٗرنم سوٗر

لنجہ ہند بلبل گوم کمہ وزنی یے — چھوہ لنۂ اوسُم درِ لگے ٹوٗر

وأر لنجہ تھاۂدہ نم کتھ کھنۍ کھنۍ یے — راجہ ارزٕنی یے کوٗرنم سوٗر

تیز خُمارکو نیزہ آم سُنی یے — ژھالہ چھم نوان لالہ مخموٗر

تارہ دل کوز نم کارہ ووٗ گگنیے — راجہ ارزٕنی یے کوٗرنم سوٗر

بوشہ سان لأگنم پوشہ تازنی یے — ماے مُشرأوتھ گوم مُسنی ژوٗر

تھاوہ کس یادہ نکر پوش چھاونی یے — راجہ ارزٕنی یے کوٗرنم سوٗر

حأل کرتسے حال سنی سنی یے — بالی دُنیا زانی ہیئیر دوٗر

کأل خأر تہ شر چھ بارنی یے — راجہ ارزٕنی یے کوٗرنم سوٗر

اُدرے گیو مس لولہ وُتھرنی یے — آدن باجہ وعدہ کر پوٗر

دُچھان دُچھان لوستم موزنی یے — راجہ ارزٕنی یے کوٗرنم سوٗر

ناز مُشرأوی نم راز دُنی وُنی یے — لوکٕش بانس گوم ٹھکہ سوٗر

دوٗرہ دوٗرہ ہأوی نم تازہ در شُنیے — راجہ ارزٕنی یے کوٗرنم سوٗر

رمزہ تہٕ اشارہ ہاؤہی نم نتھوِ یے　　　وسواس ہتھاوِتھ ہتیو تمہٕ دۆر

ہتھاوی تَم داریتھ تارِی تہٕ پتھوِ یے　　　راجہ ارزُنی یے کۆر نم سۆر

مۆرِتھ اکھ گوم کیتھ وُنی وُنی یے　　　روزِہ ناوایِس ساز وسنطور

بوزِہ نا آلو حبا نبازِنی یے

راجہ ارزُنی یے کۆر نم سۆر

# غزل

گِنجھ سو کران چانے سرِ نے　　　آرہِ کرِتھ یے بدوَل جمال

رتہ پہ تن کرِ ے برٛ آکثِ یے　　　آرہِ کرِتھ یے بدوَل جمال

گاٹی سورہِ یاوُن ہالی یے　　　آدِنہ ہیہِ نا سائی سیے

یاد آؤ تتھے یاوَن مُرٛ ے　　　آرہِ کرِتھ یے بدوَل جمال

دوہ لہ ویسی گرٛ ٹھو برتیسوارہِ ژرار　　　تہٕ راجہ بل کرو تس اِنتظار

ہیہِ ناتہٕ روزس آپرِ ے　　　آرہِ کرِتھ یے بدوَل جمال

سنیاسس لاگِتھ نیرہِ ہا　　　شہرن تہٕ گامن پھیرہِ ہا

کیاہ کرہ بہٕ لوکہ تھمزٕ ہے | آرہ کرٕزٕ ہے بدول جمال
سنگدل یارس وینہ کیاہ | ساٹھری ہوس کرٕزٕ نم روا
رنگہ رنگہ تھاوی نم ہنرٕ ہے | آرہ کرٕزٕ ہے بدول جمال
پوٗر یوم نر بانٕلی ڈیکہ لون | ناساز پیوم قبیلہ کرٕون
اٗسس ببر لوہ ہٹرٕ ہے | آرہ کرٕزٕ ہے بدول جمال
پھری ہیتھ یہ عشقن ولولہ | سعندری پے ہرٕ اُسم زولاہ
وٗزہ ناوٗنس نیندرہ ہٹرٕ ہے | آرہ کرٕزٕ ہے بدول جمال
وٗنی بہٕ دِمُس یارہ بٕلن | ژھارٕن مشنز آرہ وٗلن
لارس ییتہ مارہ ہرٕزٕ ہے | آرہ کرٕزٕ ہے بدول جمال
ناگٕراے گوو یاتانٕلی ییے | زولیتھ ژیہ پان ہی مانٕلی ییے
پاٹھری پاٹھری چانے ہیمرٕ ہے | آرہ کرٕزٕ ہے بدول جمال
یندرس بہیتھ دوون کاکُن | ہیٛنز یانی چھکھ فٕلولہ مٔلن
سیٛندرہ ڈیکس میل کیاہ پرٕزٕ ہے | آرہ کرٕزٕ ہے بدول جمال
ہانکلہ ہٹس بوزُم برس | پٕزاران اٗسس دِلبرس

نیندرے وُزِھس چھُندریمرِٕ ہے ۔۔۔ آرہ کرِٕہے بدوَل جمال

گوشن وَتھرس پوشہ پرنگ ۔۔۔ چھاوِہ ناسہ میانی ببرہ لنگ

لولہ سان رَٹمس نیاؔمرِٕ ہے ۔۔۔ آرہ کرِٕہے بدوَل جمال

حِیتہ کُنہٕ بیتہ میانے وَتے ۔۔۔ دَنتو چھُہ کیشاہ لارُن ییتیتے

اوّل میٚٹرِٕ ہے آخر میٚٹرِٕ ہے ۔۔۔ آرہ کرِٕہے بدوَل جمال

جانبازٓ گرہ کاتیشاہ قلم ۔۔۔ ہاوسہ چانہٕ برٕی برٕی الم

یارہٕ مہٕ ترٲو آرزٕ مرِٕہے

آرہ کرِٕہے بدوَل جمال

ؔ فرض کیجیے کہ غزل کسی ذاتی واردات سے متاثر ہو کر لکھی گئی ہو۔ تو؟ (گنجو)

## غزل

اُلفتُک ہاوِتھ اِشارہ دلقرارہ دِلبرو

جود کوٚرتھم جادُوی گارہ دِلقرارہ دِلبرو

ہایہ کمہ تنکی ٹارہ وچھتھم مایہ ووٚلتھس اے نِگار

دارہ تصوّو تھم خارہ خارہ دِلقرارہ دِلبرو

شرمہ دادے حالِ دِل یُتھ کئی کیہ ہیوٚک ونِتھ

گامہ اندری پارہ پارہ دِلقرارہ دِلبرو

کن تھوٚو مُتھ ناساز قولن کیتھ پاہ مخولن اعتبار

ہٕزلہ اَسہ دمن گیہو دوٚ چارہ دِلقرارہ دِلبرو

توٚ ستم دوہ یاو نیکھ نون دراو وئتھ شامِ غم

چانہ اَمارک ستارہ دلقرارہ دِلبرو

دوٚرہ دوٚرے مست عاشق ژوٚرہ ژھاین چھی وچھان

پھیر چمنن وارہ وارہ دلقرارہ دِلبرو

سورنو کئشیہ چھہ روزان توکہ چارک چکہ چاوہ

دِل شکستن کر مداراہ دِلقرارہ دِلبرو

شری پانہ ٹوٚرہ ٹوٚرہ چاو تھس خونِ جگر

یور پھیر کھ نا دوبارہ دِلقرارہ دِلبرو

نازہ کے جادو پرِتھ جانباز کور تھن بیقرار

برہ گل سینم بہارہ دِلقرارہ دِلبرو

# غزل

اُسہ وُن بے وفا دِلبراُسے کُن بے حجاب پیہِ نا
لوہے منو لولہ سان للہ ون مُلے پھولمت گولاب پیہِ نا

لیکھت ہیٹہ کے رتہ نامہ بہ سوزس صُبحہ تہ شامہ
ژٹن بے تاب چھس جامہ خطس اُکی سے جواب پیہِ نا

ژہ گژھتے اَستہ پاٹھو دنتس یہ کوتاہ ہنیوٹھ لوگُس مس
عُمر سُورُم کران تس تس بران ہیشن شراب پیہِ نا

سمو نا از ہوس اوسم بہ چھادِنی تھوِہ مس ژُم ژُم
میہ حوُرے شوُرہ پانس چھُم شبابک آبِ ناب پیہِ نا

گچھہ کُنھٹہ بال چھس پژاران اچھ دارِ آرہ گژھ تھاران
وُچھنے دارہ بُرہ اران سہ حُسنک آفتاب پیہِ نا

یوتن چھم اَچھ گژھن وُورے وَتہ ووچھان مستوارے
نظر بازن پہن ژوُرے چھُہ مرنُن انقلاب پیہِ نا

برن پیٹھ سر مُتھوٗلہٕ بالی کرِس بہٕ حال دل جائی
سوالن دردہٕ کیتن کالی بہٕ نرمی اکھ جواب پیہٕ نا

وٕزن چھُم زیرو بم سوزُس گگن منز ژارنے روزِس
غزل جانبازنے سوزس سیٹھاہ چھُم اضطراب پیہٕ نا

# غزل

کُس باوہٕ ییم افسانہٕ تےٚ ژوٚرے ژوٚلُم جانانہٕ تےٚ
حوٚرے تھوٚوٚن ارمانہٕ تےٚ ژوٚرے ژوٚلُم جانانہٕ تے

مایے وُلِتھ ژاوِتھ ژوٚلُم داغِ جگر بتھاوِتھ ژوٚلُم
باوِتھ کمِس بہٕ زانتےٚ ژوٚرے ژوٚلُم جانانہٕ تے

شیٖچھی سوزہٕ ہِس اکھِ واوہٕ سے لاگِتھ ژوٚلُم کوٚت داوٕ سے
ضایہٕ کرِتھ شرٕی یانہٕ تےٚ ژوٚرے ژوٚلُم جانانہٕ تے

ییمہٕ ہِس یپتہٕ کُنہٕ چھُم نہٕ تاب مستوٗر کرِنس سے حجاب
نالہٕ رٹن نالانہٕ تے ژوٚرے ژوٚلُم جانانہٕ تے

مَس چاۄنَس وٕیسہ راۄنَس بےہوش از خود تراۄنَس

از عقل چھس بیگانہٕ تےٚ ژٕوٚرے ژٕوٚلمُ جانانہ تے

ژراۄتھ ژٕلتھ ییٚمبرزلے پاۄتھ میٚہ نندرِ مسوٚلے

چھس بوٚ مبرس پڑاران تے ژٕوٚرے ژٕوٚلمُ جانانہ ستے

روٚشتھ ژٕوٚلمُ ژراۄتھ کمن بلبُل جُدا کوٚرو از چمن

گُل گےٚ میٚہ خارستانتےٚ ژٕوٚرے ژٕوٚلمُ جانانہ تے

پیپہ نابہ وَتھرس فرشِ زر بادس پنُن سوزِ جگر

ہاوس دِ لکُ غمخانہ تے ژٕوٚرے ژٕوٚلمُ جانانہ تے

ژراۄتھ پریشان سُنبلن خالِ سیاہ منز کاکلن

دامِ بلا بیچانہ ستے ژٕوٚرے ژٕوٚلمُ جانانہ ستے

دِلبر چھےٚ مادرسائرِ ڈٕل یاشُلمار نیتہٕ تیل بل

بلبُل چھُ گُل چھاوان تے ژٕوٚرے ژٕوٚلمُ جانانہٕ تے

یا اَچھ وَل نیتہٕ ژٕزار گوٚو یا چھاورِنے گلزار گوٚو

در باغ چمنستانتےٚ ژٕوٚرے ژٕوٚلمُ جانانہ ستے

پۄاران لۄسبس لارٕ کۄت دیدار دِیہِ نا مارٕ مۄت
ژھاران بہٕ عشقٕچ ہٕ وانہٕ تے ژۄرے ژۄلُم جانانہ تے

جانباز بہٕ دۄر تیر کرٕ ذرس خورشید رویس گٕمتھ کرس
شمعس پیتھ پروانہ تےَ ژۄرے ژۄلُم جانانہ تے

## غزل

مُبارک لولہ کین باغس پھۄلُم پوشہ چمن اِمشب
سُمۄ لب تشنہ مُشرآوِتھ ملالن تےَ غمن اِمشب

دُچھم مویس کرٕتھ شانہ پری رو مست مستانہ
کۄرس بہٕ یوت دیوانہ تمی زُلفِ خمن اِمشب

چیٖیم از روشہٕ پوشہ مۄت پیتھ سونتک ہوا لۄت لۄت
دِلک دیرینہ تب سۄت سۄت بظاہر چھم ہمن اِمشب

پھۄلُم دل تے ژۄلُم کینہ مُنوّر گوم اٰیینہ
وُہہ وۄن آتشِ سینہ گرٕ چھیم نا یاسمن اِمشب

طبیبس لولہ کِس دُنی توم کوتاہ ژالہ وۄنی دۄرہبر
ھۄ ہم دستِ شفا بۄنبعن مُشراو ہم غمن اِمشب

وُ نِتھ آیُن یہِ افسانہ نۄنِتھ دِن پامہ بے گانہ
چھُ عاشق سوٗرِ بُتخانہ حیا ترٲوِتھ نمن اِمشب

پچھُ عشقکُ جذبہ زور آور ونیم سُے کینہ ور کافر
ژلیم میٖہ سرِش کراُنی شرلہ لے اندر ہیمن اِمشب

بۄنِتھ سُے داد ہمرازن وُنِتھ اَدہٕ زون حسبانبازن
یِمن مخمور اندازن سعہ غفور چھس نمن اِمشب

## غزل

یاوَن رایِن گِندُنم پۄرزِھنے بتیہٕ آلرٕشنے نھاوہ سس یان
دۄرہ ہۄر اُلران کوُرنم وۄرِشنے بتیہٕ آلرٕشنے نھاوس پان
فِتنہ گرِ چشمن خُمارہٕ ہۄرِشنے روبرو وُچھنس دِرہ کس جان
وَسہٕ کس مشر تیلہٕ کرایِن ترِنِشنے بتیہٕ آلرٕشنے نھاوس پان

ہیٚبرٕ بیٚلہ ڈیکہ ٹھُم ہیٚرٕ کُن اژٕ نے — سُنٛہ پوش اُسپس شیٚرٕ لاگان

ہوش ویٚسرو ونم گوم فیٚر گژہ نے — بیٚنیہ آلژ نے ٹھاوس پان

ماچھ ملناوس لولہ شربژٕ نے — گُلاب عطرے ناوس پان

کھیٚتیہ نامیانے اکھہ نیامژ نے — بیٚنیہ آلژ نے ٹھاوس پان

کرہ کیشاہ بالی لگہٕ تہ ہمژ نے — دُون ہنٛد سودا چھنہ پھیران

کھُرکہ متہ اُنی تُوم شُرکہ حرکژ نے — بیٚنیہ آلژ نے ٹھاوس پان

خارہ میٚنہ ٹھاوُیوم مارٕ کمژ نے — سورٕ ساماںٕ جورہ ماران

رژھ رژھ کم رگہ میٚرژ تل مژٕ نے — بیٚنیہ آلژ نے ٹھاوس پان

عائب کیاہ مردن لولہ غائب ژ نے — ژالہ ییٚس کتھ سے بنہٕ انسان

ہیٚچہ کتھ کرنس چھینہ لوکہ پژ نے — بیٚنیہ آلژ نے ٹھاوس پان

ژاگرِتھ آزاد آو حُرکہ فژ نے — زانُن زانِتھ ماننِتھ آن

چھانُن پرکہ نے پان منٛز رژ نے

بیٚنیہ آلژ نے ٹھاوس پان

●

# غزل

سنیاس لاگِتھ پھیرس وَنن ٹاٹھو یاونن کرُنم گژاے

حالہ اکہ حالِ دِل کرہٕ ہس کینہ نے

ٹاٹھو یاوَن نے کرُنم گژاے

عشقن تیر یس واٗلنجہ سینہ نے کرہٕ تس عالمَ قِصہ تہٕ نیاے

برہٕ کیاہ چھوکہ لد دِلہ کین کھینہ نے

ٹاٹھو یاوَن نے کرُنم گژاے

ہیہ تھرُ واوہٕ سیتہ آیس چھوٚنہٕ نے پاینس پتیہ نا بے پرواے

پھولنم تازہ گلزار دُدُ وَنہٕ نے

ٹاٹھو یاوَن نے کرُنم گژاے

پرنگ وَتھراوس ژندن وَنہٕ نے مشکہ تہٕ کونگہ سیتہ ناوس جاے

پوشہ موت پھیرہ نا پوشہ آنگن نے

ٹاٹھو یاوَن نے کرُنم گژاے

میتہ تس دۆریر پوود دشمن نے    چھیلی چھیلی چمہ ہاتمی سند رپاے

کرِ یس پیوند آمین ینہ نے

ٹاٹھو یادن نے کرِ نتم گژاے

گامن تہ شہرن بتیہ پرگن نے    جایہ جایہ ژھانڈن یاون راے

بلبلہ سندی یاٹھو پھیرِ گلشنہ نے

ٹاٹھو یاون نے کرِ نتم گژاے

پیرن تہ ساون بتیہ برہمن نے    پھیرِتہ آیس شہرِتہ راے

ژھوپہ پچھے رِوپہ پیشر دۆپنم ہمتہ نے

ٹاٹھو یاون نے کرِ نتم گژاے

دمہ دمہ تمی پشر راے چھم گنہ نے    مایہ سیتی کرہ ہس لولہ متہ لاے

بے پرواییس کرِ توم کنہ نے

ٹاٹھو یاون نے کرِ نتم گژاے

ونہ کیاہ غارن بتیہ دشمنہ نے    ینہ فی دوستن تھووہم نیاے

دۆر پتیہ آزاد ژۆر زن ونہ نے    ٹاٹھو یاون نے کرِ نتم گژاے

# غزل

لگہ یوٗ ساٗلہ متہٕ لالہ یاٗراوس    کنہٕ بوز واوس وَنہٕ یوٗ زار

ننٛدرہٕ بوٗن یاوُن وندیوٗ ناوس    کنہٕ بوز واوس وَنہٕ یوٗ زار

کرہ یوٗ حاٗلی دِلہٕ کی ہاوَس    اَستہ پاٗٹھی وَنہ یوٗ دِلہٕ تتہٕ زار

پان وَتھراوے جان ورتاوَس    کنہٕ بوز واوس وَنہٕ یوٗ زار

داٗ جبتھس مولہ تلہٕ لاٗجہٕ تھس داوس    گاٗجہٕ تھس سعہ نہ کی پاٗٹھی دنار

میٛنزرہٕ مول کوٗر تھم دژوگی سے باوَس    کنہٕ بوز واوس وَنہ یوٗ زار

عشقہ سنٛز ژوٗرس آدم کھاوس    عاشقن مُند چھُنہٕ ایوان عار

ژھعرہ دِنی پنہ نی دعہ یہ اکہٕ ہاوس    کنہٕ بوز واوس وَنہٕ یوٗ زار

خونِ دِل پنہ نے زوٗنہٕ وَتھراوس    تی چھُم آدن تی چھُم کار

تازہ تازہ ماز کھیون پننے ہاوس    کنہٕ بوز واوس وَنہ یوٗ زار

لہ کپار پننے آیت لھاوس    چھعہ کہ لد واٗرلنجہٕ ژلہٕ ہیم بار

مرہٕ ماکرہ کیشا یتھہٕ چکہٕ چاوَس    کنہٕ بوز واوس وَنہٕ یوٗ زار

یاوَن ببرسے واو کرِ ناوَس　　　تاوَن دُنیا برٛم بأژی گار

سورٕ بیٖلہٕ یاوُن سوٚرَن ہاوَس　　　کَتہٕ بوز واوس وَنٕہٕیو زار

ژھیٚنپہٕ ژھیٚنپہٕ لأرِتھ ووپھ ہشرٛ واوس　　　نالہٕ متہٕ رٕٹِتھن لالہ روخسار

وِلہٕ تہٕ زار آزآدنٕ باوس

کتہٕ بوز واوس ونیو زار

## غزل

اٚلٕتھ پیٚے لول آم بٔنیہٕ وُچھہٕہَن تےٚ　　　وَن تےٚ کتہٕ بیوٚٹھ یار

یِیہٕ نا اوسُس وُنہٕ آدَن تےٚ　　　وَن تےٚ کتہٕ بیوٚٹھ یار

چھیسہ ویسہ راوُنُس بیٚیمہٕ سوٚخنن تےٚ　　　تٔ چھُنہٕ وَنہٕ نُس وار

وَنہ ہا بأڈی دزٕ ماوَن تےٚ　　　وَنتےٚ کتہٕ بیوٚٹھ یار

وصلکہ شبہ بیٚلہٕ میچھ اسہٕ تن تےٚ　　　ترٛأوی نم زُلفِ سُنہار

نزہ شاند تھاوِہ مُس رٕہٕ سرفن تےٚ　　　وَنتےٚ کتہٕ بیوٚٹھ یار

ژٕیہ یکمیوٚ کرُی نۓ تاوِیزہ یِن تےٚ　　　یوٚت کُس جو دوٚ گار

ژٕ یہ تہٕ میہ ازٕ لیچھ اُس ملہ وٕن تے    وٕ سنتے کتہٕ بیوٚہٹھ یار
بُمہٕ چھس خمدار سوٕ رمہ چشمن تے    گمہٕ ہُتھ لولہ کُفار
چمہ خمہ کھتھ رتھ محرابن ستے    وٕ سنتے کتہٕ ربیوٚہٹھ یار
ماٗلہ مُتھ عاشق دڑاے سائلن تے    بوزان ساز و سیتار
کتھ تارہ اسہ قس یارہ سبزہ وٕنہ تے    وٕسنتے کتہٕ بیوٚہٹھ یار
دِتہٕ ہے میاٗنی کیٛہہ کےٚ سعن تے    ہیتہٕ ہے وعدہ قرار
رنمہ ہس پانہ چھس اندیشن تے    وٕ سنتے کتہٕ ربیوٚہٹھ یار
فندر اکہ بانزدہ باز انتن ستے    نازنین خوش رفتار
چھاوہٕ نالولہ کہن پوشہٕ ہلمن تے    وٕ سنتے کتہٕ بیوٚہٹھ یار
آواز ژاٗو بیتلہ آزادن ستے    ہوشہٕ آے خوش گُفتار
مُشکدار پوشہٕ وارہٕ جوش لوٗگ زن تے    وٕ سنتے کتہٕ ربیوٚہٹھ یار

## غزل

مدائ نو پردہ رویس تُل    بہٕ لاگے دردہ ہی تہٕ گُل
مسائ لاگ بے وفا بلبُل    بہٕ لاگے دردہ ہی تہٕ گُل

وولو مِیانہِ کالہِ بوٚمبوٚرو — اَچھَن ہِندرہ گاشہ تہٕ نوٗرو
سٕلے یٖمبٕر زَلے وٕیٚر تُل — بہٕ لاگے دردہٕ ہی تہٕ گُل
وولہٕ مَتہ یِم بہسانہ ترٛاو — سوہ کُھہ سہٕ لَنڈ ییٚتھنہ لوٚگمت وُداو
سہٕ کُس گُل ییٚتھنہٕ وُچھہ بُلبُل — بہٕ لاگے دردہٕ ہی تہٕ گُل
وولو مِیانہِ لوکچارو وے — زُلہٕ وٕنہٕ نو بہارو وے
دَماہ ژھوہ مار دوہ چھےٚ سُل — بہٕ لاگے دردہٕ ہی تہٕ گُل
سَرٕ ے یِتھ پأٹھی مِیٚترہِ منزِ تیل — نتہٕ یِتھ آبہ پیشالس نیٖل
رِتھے پأٹھی تس تہٕ میٚیہ گوہ زیٖل — بہٕ لاگے دردہٕ ہی تہٕ گُل
میٚیہ اوسم دُشمنی ہُند زر — خبر اُسم نہ اے دِلبر
چھہٕ ماران دوستی رِلکھُل — بہٕ لاگے دردہٕ ہی تہٕ گُل
بدن زہے پوش تکٕم چھےٚ پوٗر — نتہٕ دُرٕ عدن مشہوٗر
قدن چأنی روزِ محشر تُل — بہٕ لاگے دردہٕ ہی تہٕ گُل
میٚیہ چانے وییرہِ ژالِم تیٖر — اُتم تأ وپزہ ژھانڈم پیٖر
یِھوٚلِم بٕتیٖیہ مُشکدار سکا گُل — بہٕ لاگے دردہٕ ہی تہٕ گُل

درے کنہٕ لایتھم زورٕہ    پھٹرِتھم شیشہ مندورہٕ
مدانٕو دِل پھٹن چھُنہٕ گُل    بہٕ لاگےٚ دردٕہ ہی ترٕ گُل
کران آزادنےٚ تقریر    چھِ زَن واٲلنجہ ریوان تیر
چھُہ یَیزی پاٹھی خستہ جان بلبُل
بہٕ لاگے دردٕہ ہی ترٕ گُل

# غزل

کامہٕ دیہ لاگِتھ جامہٕ گوہ لاٲبی    وُچھتہٕ بےتابی ساٲنی ییے
خاصہ زربافتہٕ نالِہ کیمخابی    وُچھتہٕ بےتابی ساٲنی ییے
نازنین پادَن تازہ گرگابی    کنہٕ دوٗر ہندوستانی ییے
نالی اطلاس ترٕ خاصہٕ پنجابی    وُچھتہٕ بےتابی ساٲنی ییے
نوٗرٕہ ژھٹہٕ ماران ییتہٕ مہتابی    شر ژٕلہٕ اٚمہٕ نوٗرانی ییے
دپدن یکھ نبتہٕ توتہٕ ییتہٕ خابی    وُچھتہٕ بےتابی ساٲنی ییے
ییتہٕ روسے وُچھن گژھہٕ نایابی    ترٕ چھم دِل داوانی ییے

وُژھ وأرلنجہ ماگژھ خمرأبی وُچھتہٕ بےتأبی ساٲنی ییے

دۄرہ برٛم راٗونس لولہ گرداٗبی دۄرہ چھُم دولہٕ وُچھاٲنی ییے

نکھہ بیٹھ مارنس منہ کھ حجاٗبی وُچھتہ بےتأبی ساٲنی ییے

سوز ساز عشقن تازہ تیزاٗبی کرٕتم ضنایہٕ جواٲنی ییے

نہ چھُہ تل آبہٕ تہٕ نہ چھُہ بیٹھ اٗبی وُچھتہٕ بےتأبی ساٲنی ییے

دردم ہیتھ رشے گوم زرد گولاٗبی جوٕیہ جوٕیہ اُشک ہاراٲنی ییے

خوشک لب تھاٗونس تشنہ ساٗلاٗبی وُچھتہٕ بےتأبی ساٲنی ییے

آزاد مارہ کوٗز لُبٕ لُباٗبی ژلہٕ ہاتس تہٕ ہاراٲنی ییے

چھُنہٕ اوباش تہٕ چھُنہٕ شراٗبی

وُچھتہٕ بےتأبی ساٲنی ییے

## غزل

یہ دِکہٕ طوٗرچ نوٗرہٕ مشعلی ییے اَسہٕ دِلی دِلی ییے ہاو دیدار

دردِ کہٕ بایٕ غنچ تازہ موٗلی ییے ... ہاو دیدار

اَلہ وٕرٕنۍ دوٗر چھی کاکُلن تَلٕہ یے — پھیہ لٕوُن کیاہ چھے ماہ رٕہ خسار
روے چوٗن رنگین موے وُلی وُلی یے — اَسہ وُلی وُلی یے ہاو دیدار
کالہٕ توٗ مبوٗرٕنی ییمبرزٕلی یے — ژیٕنے پَتھ ژوٗدُم گرٕہ تہٕ بار
باز پیترٕ وَنٕہ ہے راز نازُلی یے — اَسہ وُلی وُلی یے ہاو دیدار
گژاپہ چھکھ ماران ژھاپہٕ ہٕلی یے — ہوش ویسراوان چوٗن رفتار
ہرنہ منز جنگلن وژاے ژٕلی ژٕلی یے — اَسہ وُلی وُلی یے ہاو دیدار
زاغوٕجہٕ کمھ چانہٕ زن چھ دوٗرہ پھَلی یے — دند چانی قندہٕ پھلی خندہٕ گلزار
بندہٕ بندہٕ کرٕی تھک طوطہ اڈہٕ کلی یے — اَسہ وُلی وُلی یے ہاو دیدار
وارہٕ وارہٕ بُرقہٕ تُل نارہٕ ژُزٕ مَلی یے — حِیس چھُنہٕ تھاوان چوٗن خُمار
اَسہ وٕنہٕ دَہانہ چینترٕ مَس گُلی یے — اَسہ وُلی وُلی یے ہاو دیدار
ژالِنا آزاد کار چانی ہٕلی یے — ڈیکہ لون کوتاہ زور آوار

خاص پٕھنہ میلان ساسن مَلی یے
اَسہ وُلی وُلی یے ہاو دیدار

# غزل

چھم بلبل درعذابو لو    کتیو پھولہم گلابو لو
گلابہ آفتابو لو    کتیو پھولہم گلابو لو
پھولان دِل چانہِ نورانہ    اُسان چون غنچہ دہانہ
بہارکہِ آب و تابو لو    کتیو پھولہم گلابو لو
ہران چھے مُشک منز باغس    کران کشاہ تازہ دیماغس
پھولہ ونہ ماہتابو لو    کتیو پھولہم گلابو لو
نوان دِل چون پھولہ وُن روے    دوزلی جامہ بدن خوشبوے
وچھن ژیتے کُن ثوابو لو    کتیو پھولہم گلابو لو
وچھتہ چون رنگ تہ بتیہ خمار    ژیتس پیوم یارہ سندرخسار
دِلس رودم نہ تابو لو    کتیو پھولہم گلابو لو
ژینکس سیتہ یارہ لوگیو دِل    اُکہ پامن بہ لاجتھس رگل
پنن روے کورتھ خابو لو    کتیو پھولہم گلابو لو

سَتہٕ وَرٕی شِمی مێہ ترٲوِی ہتھٕ غَم　　　کرٕتھ میانی ہوس برہَم

تتے کیشاہ دِکھ جوابو لو　　　کتیُو پھوٗلہٕم گُلابو لو

ژٕیہ پتھ لوٗگ دِل مێہ پدمانے　　　خبر کیشاہ چھُم ڈیکہ لاے

نہ چھُم آرام نہ تابو لو　　　کتیُو پھوٗلہٕم گُلابو لو

مێہ ژھوُم جانہ پوٗژھِ ازتام　　　دوہکھ عشرت شبک آرام

ژٕیہ تے تھاوِی ہتھٕ حجابو لو　　　کتیُو پھوٗلہٕم گُلابو لو

غزل آزادٕ نی بوزان　　　چھُنہٕ جنیس عاشقن روزان

پیوان زَن چیتھ شرابو لو

کتیُو پھوٗلہٕم گُلابو لو

# غزل

گُل پھوٗلی مێہ لولہٕ باغَس　　　آمیَ بہار لگتو یے

بُلبُل چھُہ پوش چھاوان　　　بے اختیار لگتو یے

مێہ ہو آم عشقُنی غم　　　تھاوِن بسینہ ہمدَم

جِگرٕ کبابہ پٕرٕ دم    کٔرِتھ مَس تیار لُٹو یے
دِل زولنَم مینہٕ لولَن    نیوٗنم قرار ہولَن
غاٲزَن ہندین مخولَن    کیٚشاہ اعتبار لُٹو یے

چاٲرِتھ کمانِ ابرو    ماٲرِتھ ژٕوٕلمُ پری رو
لاٲرِتھ پتہ یِمِس بٕہ    کھاٲرِتھ یہ مار لُٹو یے
کھاٲرِتھ شِکن جبینہ    رٕوٹھنم مینہٕ سخت کینہ
سیماب زَن بسینہ    چھُم انتظار لُٹو یے
بس پتھ مینہٕ روو آدَن    پرِدا تِمِس نہ از من
ہوونم نہ روسے وُچھتن    میونے مزار لُٹو یے
ہا صُبحِ کے ہوا وہ    وَنتَس ژٕہ میاٲنہٕ گژادہ
آیٚت کِمِس بٕہ تھاوہ    یُتھ لوکہ چار لُٹو یے

آزادؔ    آ ز ماٲرِتھ    نوَن دژاو پرٕدٕ تھاوِتھ
یارَن دِوان چھُ ماٲرِتھ
در پردہٕ کار لُٹو یے

# غزل

جانکٕ پرٕدٕ اے چھُنہٕ جانبازَس — تیٖر اندازَس پأرۍ سیٖے

قُربان تٔہندِس ناز و اندازَس — تیٖر اندازَس پأرۍ سیٖے

اُڈۍ ڈیٚوٕ ٹھُم رٕسے طنّازَس — بند میٚنہٕ و ییٚسر ییم سأرۍ سیٖے

چھُم نہٕ حیٚس وَنہٕ کَس محرم رازَس — تیٖر اندازَس پأرۍ سیٖے

ٹُکّار پٔشہ تَن خنجر بازَس — رٕ یِمِس سیٖنہٕ دأرۍ دأرۍ سیٖے

مارِمے واد پھاشٕراکِہ تٕرِ مازَس — تیٖر اندازَس پأرۍ سیٖے

مازِ کُنہٕ نگ لاجوم خاجسبرِ مازَس — تَس چھُنہٕ وفادأرۍ سیٖے

شوٗب کیٛاہ میأنِس سٕرمَس تٕہ سازَس — تیٖر اندازَس پأرۍ سیٖے

حال کیٛاہ مولوٗم آتشبازَس — شہرَس کیٛاہ کوٗرنأرۍ سیٖے

تو شان سالرِمِر شأدۍ مہرازَس — تیٖر اندازَس پأرۍ سیٖے

بُلبُل اَتھ لوٗگ یِنیِہ شہبازَس — ژألِہ کوٗت یکھ مأرۍ مأرۍ سیٖے

سوزٕ چھُس بوزٕہ کُس عُشق آوازَس — تیٖر اندازَس پأرۍ سیٖے

لۄگمُت سونہٕ کی نیاس درواز ہس ۔۔۔ ہیرِہ بوٚن لال جوٚہر جاٛری ییے

بنٛدِہ گۄ شوٚبہٕ تَس بندہ نوازس ۔۔۔ تیر اندازس پاٛرۍ ییے

سُلطانِ محموٗد زانہِ ایآزس ۔۔۔ تۄرٲوِتھ سر تہٕ سرداٛرۍ ییے

معنہِ شُہہ ووٚنۍ زانہِ شہنازس ۔۔۔ تیر اندازس پاٛرۍ ییے

آزادٕ ژِ ہیے خاصہِ اندازس ۔۔۔ شوٗقہ داٛلی زانن ساٛرۍ ییے

لوٚب کشیرِ ہنٛد آو شیرازس

تیر اندازس پاٛرۍ ییے

# غزل

ہیٚد چشم تہٕ قربان سر کرے بوز تم سوال اے نازنین

ژٕ ہے نُنتہٕ ادہٕ کس پتھ مرے چوٚنۍ چشم ہال اے نازنین

گُلۍ گُلۍ بدن میون پھٔٹِہ ماٛنۍ جوین اندر لوٚگ داٛنۍ داٛنۍ

گُنہٕ دارِہ مشر ژھٔٹم نہٕ چاٛنۍ مستانہ چال اے نازنین

کھاٲلی مالہ ناٲلی کس مسولے مرٕھد بند مرٕھن اطلس ہٹے

طوٗمارہٕ ڈٕبکہ ہیٚے تندٕ لے جوہر تہٕ لال اے نازٕنین

خون تشنہ قاتٕل پرٕخمار بنگالہ آمت جود گار

ہیٚتھ فوج اندرٕ اندرٕ بےشمار چاٲنی سورمہ لال اے نازٕنین

زُلفن اویزان کیٚاہ زٕبر دِل عاشقن ہیٚندٕ سربسر

پیٚتھ پاٚٹھ ظُلماتس اندر آسان چھہ لال اے نازٕنین

جدول دُشمن شوٗبان کیٚاہ نزدیک تِتھ موے سیاہ

زَن کالہٕ اژبرس تَل پناہ رٕوزِتھ ہلال اے نازٕنین

پرٕزلان جامَن منٛز بدَن شیٖشس اندر شراب زَن

اُدِیٚل کمر زُلفک شکن زالُن محال اے نازٕنین

یٚیلہٕ محشرس منٛز ہیٚتھ نیے آزاد چاٲنی آلوٗ دیے

وُپچھنے زہٕ آکھ تتھ فُلیٚیئے تراٲوِتھ ملال اے نازٕنین

●

